# رنگہٕ رِیوِلَ

(شعرٕ سۆمبرن)



مرزا بشیر احمد شاکرؔ

ISBN 978-81-951074-4-5

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | رنگہٕ ریوٗل |
| شاعر | : | مرزا البشیر احمد شاکرؔ |
| پتہ | : | شہجار کالونی، لین نمبر 2، منڈی بل<br>نزدیک مسجد نور، نوشہرہ سرینگر-190011<br>فون نمبر: 9419674210<br>Email: mirzabashirshakir@gmail.com |
| اشاعت | : | 2023ء |
| تعداد | : | 300 |
| قیمتھ | : | 450/- روپیہِ |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | عادل اسماعیل، عادل کمپیوٹرس<br>بربرشاہ سرینگر 9419953102 |
| پبلشر | : | سنڈیکیٹ میڈیا، سرینگر<br>syndicatemediahouse@gmail.com |

## کتاب میلنٛگ پتہ:

☆ کتاب گھر، لال چوک سرینگر

☆ مرزا البشیر احمد شاکر، نوشہرہ، سرینگر

☆ اشرف بک سینٹر، لالچوک سرینگر

# فہرست

# انتساب

(۱) اسلامیا تکین عظیم علمائے کرامن

تہٕ

ادبی دنیہکین دانشورن

ہٕندِ ناوٕ

یِہنٛز وکتابو میون علمی تہٕ ادبی ذوق پھاپھلو و۔

(۲) کٔشیرِ ہندِس سرکرداِ ادیب تہٕ شاعر

پروفیسر غلام نبی فراؔق صأبنہِ ناوٕ

یِہنٛز شخصیت مے وِزِ وِزِ میسر رُوز

تہٕ یِمٕیک ثبوٗت

یِتھ کتابہِ منز درینٛٹھی چھُ یوان۔

# سرنامہٕ

اندوک صحراون تہٕ نیستانن منز اَندٕ کُن پننہِ خوش رنگی تہٕ مشکہٕ ادفرٕ ستی پریہ وُن تہٕ دِل مُہہ وُن پوش رنگہٕ رِیول یُس ووٚنی چمن زارن تہٕ شالہٕ مارن منزتہِ درینٛٹھی یوان چھُ، چھُ تتھے کُنی ناوٕ کنی پانس کُن توجہ پھران یتھہٕ کُنی شاکر بشیر احمد بیگ صاٮ۪بُن کلامہٕ ذہن آوٕراوان تہٕ سونچس شوٚب لاگان چھُ ...... تہٕ شاکر صاٮ۪بنہِ تازٕ ترین شارٕ سومبرنہِ ہُنٛد عنوان تہٕ چھُ رنگہٕ رِیول تہٕ پزر چھُ زِ مبارک شوٚہبس تکیازِ یہ شارٕ سومبرن چھےٚ اَوسبہٕ تہٕ باگہٕ برٕژ تکیازِ اَتھ منز کیاہ چھےٚ زندگی ہٕستی مطابقت تھاون وٲلی اکثر موضوع چھِ احاطہٕ کرنہٕ آمتی ۔ چونکہ چھِ شاکر | اکھ سینئر قلم کار تہٕ زندگی ہندیو بیوٚن بیوٚن مرحلو دراٮ۪متی تہٕ تجربہٕ کار سپدیٕمتی ، بلکہ چھُکھ شاعری ہٕندِس سفرس دوران مختلف وقتن پٮ۪ٹھ اُستادمحترم مرحوم غلام نبی فراق صاٮ۪نٕز شفقت شاملِ حال روٗزمژ تہٕ راہی صاٮ۪ب تہِ چھِ شاکر صاٮ۪بنس اسلوبس واہ واہ کران۔

شاکر صاٮ۪ب چھُ اکہِ طرفہٕ پوٚز مسلمان تہٕ خودایہ ذوالجلالہٕ سندِس دربارس منز التجا کران تہٕ ہٕستی چھُ حبِ محبوبِ خدا پنُن بوٚڈ سرمایہ زانان۔ یہنٛزِ شارٕ سومبرنہِ منز چھےٚ نظمہٕ، وژن، غزلیات، مرثیہ تہٕ حب الوطنی ہٕندی باتھہ تہٕ امہِ علاوٕ چھِ خاندانس منز بچن ہٕندِس ولادتس تہٕ کُنہِ کانٛسہِ ٹاٹھی سٕندِس وفاتس

پیٹھ قلم تُلان۔ یِمہِ سِتی ظاہر چھُ سپدان زِ شاکر یَتھ زمانس تہٕ علاقس سِتی وابستہٕ چھُ یہ چھُ تتھ سِتی مکمل طور جُڑِتھ یوسہٕ اکھ خوش آئندٕ علامت چھےٚ۔ شہر آشوب وٕنتھ چھُنہٕ پننِ مسلہٕ مشکلات نظماوان بلکہ کلہم صورت حالِچ ترجمانی کٔرتھ اکھ سماں پأدٕ کران۔

اکھ بوٚڈ وصف چھُ شاکر صابس زِ یم چھِنہٕ محض دینی سماجی تہٕ ادبی زِٹھن ہُند تعظیمے یوت رچھان بلکہ تِہندِ وصالہٕ پتہٕ تِمن شاندار طریقس پیٹھ خراج عقیدت ادا کٔرتھ پانس دٕچھِنہٕ کھوٚرِ بے حِس سماجس اسلافن ہِنز قدر بروٚنہہ کُن انان۔ مولانا قاسم شاہ بخاری صاب ہِوی مُفسر قرآن آسِن یا مرزا عارف بیگ ہِوی سخنور شاکر چھُ یِمن شخصیاتن احاطہٕ کرنس منز کامیاب۔

شاکر صابُن بیا کھ اکھ تِتھے پہلو چھُ پننِ احساسن تہٕ عوامی جذباتن منأسب لفظن ہُند جامہٕ وٕلِتھ رنگہٕ ریول بناوُن، یَتھ زمانس منز أسی لسان بسان چھِ یَتھ منز وُچھاسہِ سال ہا سال کیٚنہہ فنکار، کیٚنہہ گلوکار تمہ نوعِیتکی زِ یِمن کانہہ مبدل چھُنہٕ۔ یِمن فنکارن منز چھِ مرحوم غلام حسن صوفی، غلام احمد صوفی، محترمہٕ مرحومہٕ راج بیگم تہٕ مشہور زماں رباب نواز عبدالغنی ڈار وغأرٕ شامل تہٕ یِمو کوٚر پننہِ حیأتی منز تیُتھ فنی نوبر تہٕ زأوی جار پأدٕ زِ یِتیس کالس زندٕ روٗدی یِم روٗدی قومس رنزٕناوان، تہٕ تِتھی بہلہِ پایہ فنکار یکسر فراموش کرُن چھےٚ حق تلفی تہٕ ناانصأفی۔ مرحبا چھُ شاکر صابس یِمٕ یِمن تمام فنکارن نسبت منظوم خراج ادا کٔرتھ فنہٕ چہِ حیأتی گوڈبوٚر۔ صحافی شجاعت بخاری نامور گلوکار غلام نبی شیخ تہٕ

شاعر علی محمد شاہ باز (ہندوارٕ ) تہٕ چھِ شاکر صابن شامل کتاب گرِ متہٕ بالخصوص تِمہ حالات تہٕ واقعات زیٖم ساری آے بےٚ موت مارنہٕ۔

غرض یہ شارٕ سومبرن چھےٚ اکھ جامع شارٕ سومبرن ییٚتہٕ کانسہٕ پننہٕ ہندِس انتقالس یا بنگالس منز مارٕ گامتین کاشرٚن متعلق مرثیہ چھےٚ تہٕ چھے شہیدِ اعظم جناب حضرت امام حسین علیہ سلامن نسبت مرثیہ ایمان افروز پہلو واشگاف کران۔

حسین نورِ چشم رسول امینؐ + حسین دِل بند فاطمہؓ بالیقین

حکیم الامت سر محمد اقبال صابٕنس شانس منز شاکر صابٕنہِ شاعری چھےٚ احترامہٕ کہِ آبہٕ زولالہٕ ناوِتھ مشک گلاب عنایت کران تہٕ شاکر چھُ نہ صرف اکھ سیکولر تہٕ کشمیریتُک دِلدادٕ بلکہ چھُ پننِس وطنس پننہٕ پاٹھی چھندی کران۔ شاکر صاب چھُ فخر کران زِ سُہ چھُ کاشُر تہٕ اوٚموکھہٕ چھُ یژھان زِ کاشر زبان گژھہِ دنیاہُک آخری اختابہٕ لوسنس تام صدفشاں روزٕنی۔ شاکر صاب چھُ احساس تہٕ الفتن ہُند نغمہٕ خواں، سُہ تہٕ تھہِ کُنہِ پننہٕ زمانہٕ کین حالاتن، تبدیلین، معمولاتن تہٕ شخصیاتن نسبت کھور ٹھکرتھ لیکھان چھُ باسان چھُ سُہ چھُ اعلیٰ معیارٕ کیمرہ ہتھ تہٕ پرٚتھ کُنہِ چیزس عکاسی کران یہ کینژھا بُتھہِ یوان چھُ۔ شاکر چھُ پننہِ ووہارٕ تہٕ اسلوبہٕ کِنی واریاہ سہل پسند یمہِ سببہٕ تِہندی شار بوزٕ نے از بر چھِ گژھان۔ سُہ یہ وُچھہِ، یہ سونچہِ، یوٚت واتہٕ تِتھ نسبت تھاوِ برگ موجود۔ سُہ چھُ اکھ شوق پسند قلمکار۔

شاکر صابنہٕ یتھ شارٕ سومبرنہِ منز چھِ نظمن ستی کینہہ غزل تہٕ۔

وُچھتوٗ اَتھ منز تہٕ چھِ پٔنٕنی پوختگی، پٔنٕنی شائستگی تہٕ سادگی۔ شار چھُ سیدِ سیوٗد ذہنس منز یوان تہٕ دِل چھُ گرایہ ماران، مثالے

ارمان رٕچھرٕ چھ پرانٕی مےٚ چھِ لولہٕ وٕچھس منز
زانٕنتھ بہٕ اوٗسُس یار کُنہٕ اکہِ ساعتہٕ ژٕ یکھ سون

یا

پٔنُن آسُن نہ آسُن پیش تھاوٕے
اژکھ نا میانہِ برٕ دِلدارٕ لو لو

یا

ہوا تیُتھ ڈول رنگے بدلیوو زمانس
تہٕ زن پھٕٹ تیرٕ کُنڈی میانس گمانس

''رنگہٕ ریوٗل'' شارٕ سومبرن چھے اکھ گنجینہٕ یتھ منز شاکر صابن پننہِ استعدادِ مطابق پٔنٕنی چیز سبٹھاہ رٕتہِ انمانہٕ پارٕ وِتھ تھاوِمتی چھِ۔ بسیار موضوع چھِ زیرِ بحث تہٕ پرٕتھ موضوع سبٹھاہ دلچسپ پرنہٕ ہیٚچھنہٕ خاطرٕ چھُ واریاہ کینٛہہ دستیاب، زانہِ قلمکارٕے کمہٕ رٕتہٕ ژوچہِ آسنس گامژٕ، البتہ سانہِ خاطرٕ چھِن علمی، تواریخی، ادبی تہٕ تفریحی سامانہٕ بہم کوٚرمُت۔ بہٕ وَنہٕ بلاخوفِ تردیدِ زِ شاکر بشیرٕنی یہ شارٕ سومبرن چھے اکھ دستاویز، یتھ منز اُکس کاشرس نفرٕ سندِ باپتھ کینٛہہ نٔتہٕ کینٛہہ چھُ۔ اتھ سومبرنہِ منز ہیٚے نہ پرٕے مرحوم فراق صابٕنی الفاظ تہٕ چھِ شاکر صابٕنی وصف بیان کران تہٕ بہٕ فراق صابُن اکھ ادنیٰ شاگرد چھُس تائید

کران زِ شاکرچھُ قابلِ توجہ شاعر یہنز زبان تہٕ وبوہار چھُ سبٹھاہ رُت۔ یہند مشاہدات تہٕ تجربات چھِ شارن منز ساتھ دِوان۔ اَلہٕ پلہٕ ترٕ ہن ہتن صفن پٹھ محیط یہ شارٕ سومبرن چھےٚ واریاہ جاذب تہٕ بہٕ وَنہٕ مےٚ گرٕشروع تہٕ أخرس تام پُرم تہٕ دٕوٚپم خداوندایہ شاعر تہِ چھُتھن کرأنی ہانکلہِ منز کتہٕ تاں چرٕ بند تھوومت تہٕ چأنی پأٹھی چھُ الگ پأٹھی رُوزِتھ تہٕ کُل عالمک غمخوار۔ وٕ ومید چھم شاکر صأبنی شارٕ سومبرن سپدِ لُکن منز مقبول تِکیازِ اَتھ منز چھِ أسی لُکھ......تہٕ شاعر سون ہمدرد۔

۷ ماہ اپریل ۲۰۲۳ء

عبدالاحد فرہاد

عمر ہیر بڑھ پور، سرینگر



# پیش لفظ

مرزا البشیر شاکر صاحب نِس کلامس ہِتی سپُد مے رنگہِ رِیوَل ناوِشعرِ سومبرنہِ ہِتی تعارف۔ اتھ منز شامل کلامس پٔرِتھ کانٛہہ ناقدانہ راے دِنہٕ برونٛہہ چھُ قاری ہٕندِ باپت یہ ضروری وُچھُن زِ پانہٕ شاعرس کیاہ تصور چھُ شاعری متعلق۔ شاکر صابن چھُ شاعری متعلق پنُن منفرد تصور پانے وضع کوٚرمُت تہٕ اُسی شاعر عنوانہٕ نظمہِ منز۔ سُہ چھُ شاعرس عام انسانو نِشہِ بالکل بدوٚن شخصیت وول شخص زانان یُس پننِس سماجس، لسانی طبقس تہٕ روایتن ہٕندِس پس منظرس منز رُوزِتھ تہٕ زبان الگ پأٹھۍ ورتاون وول ہنرمند شخص چھُ۔ شاعر چھُ مخصوص لسانی ورتاوِ ہِتی پانس باس دِوان زِ تٔمۍ کوٚر دنیا مسخر۔ اگر نہٕ یہ اعتماد آسہس، سُہ ہیکہِ نہٕ لیکھی تھٕے۔ شاکر تہِ چھُ ''لوکھ کیا وَنَن'' مشرأوِتھ پننِس دنیاہس منز شریک اُستھ تہِ بدوٚن تہٕ مست۔ یہ مستی چھےٚ نفع نقصان تہٕ تحسین تہٕ تنقیص نِشہِ بے نیاز رُزِتھ پننہِ اظہارٕ باپتھ مجبور تہٕ لاچار۔ امہِ پتہٕ چھُ قاری...... کانٛسہِ میلیاہ تہِ کیٛنٛہہ کِنہٕ نہٕ، تہٕ چھُ اتفاق۔ خالے کانٛسہِ شاعرس چھےٚ پذیرائی میلان، مگر پانہٕ شاکر چھُ یارس دِلکی زار بوزناوٚن یژھان تاکہ تس پیہٕ آر۔ شہرت چھےٚ محض اکھ اتفاق، مشرپھہٕ چھُ قونون۔ شاعری ہُند پزر چھُ سُہ پزر یتھ برونٛٹھہِ کنہِ سُہ پانے جواب دیہہ چھُ، سے

ہیکہٕ پانس دارس تہٕ کھاٲرِتھ تہٕ نارس تہٕ وٲلِتھ۔ مخصوص زمانس منز لوکن ہنز زبان ورتاوِتھ چھُ شاعر پننہِ طرفہٕ لفظن ہندِ وسیلہٕ حسن پاداکرنہٕ کس ازلی آوریرس منز۔ سُہ چھُ تارکن ستی گندان، زُونہِ دِل رنزناوان۔ یہے چھُ تُسند دین تہٕ طریقہٕ۔ سُہ چھُ تیُتھ شخص یُس تخیلس منز قدس منز الف، زُلفن منز لام تہٕ دہانس منز میم پران چھُ۔ یوہے چھُ تُسند سلوک، یوہے چھُ تُسند وطیرٕ۔ تخیل چھُ زمان تہٕ مکانکی زنجیر ژٕٹِتھ تصورن ہندِ بن آسمانن ہُند سیر کران تہٕ تورِ پننہِ باپتھ رنگین فضا چھاوان۔

زمانس منز پننہِ الگے زبان آسان چھِ أسی شاعر

چھُ دنیا سون آسان بیوٚن تہٕ مست آسان چھِ أسی شاعر

ونان یارس چھِ دلہٕ کی زار مدنوارس اَنان چھِ آر

کھساں دارس، وساں نارس زُواں روزان أسی شاعر

تخیل سون کراں پرواز پھیراں آسمانو پیٹھی

تتِکی رنگیں فضا کمہِ مایہ ساں چھاواں چھِ أسی شاعر

یہ چھُ مرزا بشیر شاکرنس پرٕتھ شعرس، غزلس تہٕ نظمس منز کارفرما جمالیاتی اصول۔

شاکر چھُ پننس کلامس منز صدیو پیٹھہٕ مسلم تہٕ وجوب ترکیبی جزن اُستادن ہنز وتہٕ ہُند سالک بٔنِتھ کران، یعنی حمد، نعت، منقبت، تہٕ تمہِ پتہٕ شکوٕ، ہجر، سراپا، شوق، دیدار تہٕ وصل تہٕ انبساط۔ اتھ مقرر کلاسکی مشرقی شعریاتس

منز چھِ تمیٚ سُند ذٲتی غم، ذٲتی سوکھ، ارمان، زمٲنی تہٕ مکٲنی حلقس منز، مگر بیشتر شعر چھِ استادن ہُند طریقہٕ زمان تہٕ مکانہٕ نشہِ بے نیاز۔

تصوفکی انداز تہِ چھِ کلہم شعری فضاہس جہت بخشان۔ اتھ منز تہِ چھُ شاعر سُند ذات مرکزی اہمیت تھوان۔ قلندری ہُند دعوا کرنہٕ ورٲے چھُ شاکر پننِس ذٲتی وجودس ملامتی اندازٕ سام ہوان: پنُن حاصل، مرتبہ، عبادت وُچھِتھ نہ چھُ سُہ پننہِ رژرُک ہاو باو کران تہٕ نہ چھُ پننیٚ کوتاہی ژورِ تھوان۔ ملامتی اظہار چھُ حقیقی تصوفُک جوہر۔

پشیمان چھُس سبٕٹھاہ بو چھُس پشیمان
جواباہ دِمہٕ کیاہ پننِس خدایس
عمل کینٛہہ چھمنہٕ یوٗدوٚے چھُس مسلمان
جواباہ دِمہٕ کیاہ پننِس خدایس
شرف مخلوقات نٕے پٮ۪ٹھ اوس حاصل
مےٚ رب العالمین لۍ لقب دیُت
شکر تمیٚ سُند بنوٗس تمیٚ بہٕ انسان
جواباہ دِمہٕ کیاہ پننِس خدایس

شاکر صابن چھِ علامہ اقبال تہٕ مقامی شاعرن ہُند اثر رٹمُت تہٕ تٔہندی موضوع، اظہارکی ترکیبی جزتہ محاورٕ پننیٚ پاٹھی رٔنٛدِ متی تہٕ امہِ اثرُک چھُن مختلف سیاق وسباقن منز قبول کوٗرمُت۔

شاکر صأب چھُ اکثر منظوم کلام لیکھان۔ کینٛہہ نثری نظمہٕ تہٕ چھےٚ اتھ سومبرنہٕ منز شامل یمن منز کشیرِ ہُنٛد شہر آشوب چھُ۔

پروفیسر شفیع شوق
سابق سربراہ کشمیری ڈپارٹمنٹ
کشمیر یونیورسٹی، سرینگر



# اکھ نظر

رنگہٕ رِیوَل چھُ کاشُرِ شاعری ہُند مجموعہ کلام یُس مرزا شاکر صابُن تخلیقی سفرُک باوٕ ژبل چھُ ۔ یہ کلام چھُ مرزا البشیر صابن وقتہٕ وقتہٕ تحریرس منزٕ انتھ رژھر وومُت ۔ وونی چھُکھ کتابی شکلہِ منز اسہِ بروٚنہہ کُن اوٚنمُت ۔ مرزا صابن چھُ امہِ بروٚنہہ تہِ وارِیاہ کتابہٕ چھاپ کرِمژٕ یموکِنیٚ اوہ ہند نثری تہٕ منظوم دنیا چھُ اسہِ وُچھنُک تہٕ زانہٕ نُک موقعہٕ میلان ۔ صاحبِ کتاب چھُ اکھ سُہ گونماتھ یُس پننین اوک پکی کُنِہ حالاتن واقعاتن تہٕ حاٚرثاتن سنان تہٕ دردِ دِلہٕ سان وہرِھناوان چھُ ۔ تس چھُ قودرتن سوزِ دِل بخشمُت ، سُہ چھُ انسان تہٕ انسانیتُک ژُکی در ۔ اوٚے چھُ پرٚتھ ناانصاٚفی وُچھتھ بے چین تہٕ بے قرار گژھان ۔ شاکر صاٚب چھُ شارہٕ باوتھ کرِتھ پننین تجربن منز قاٚری لیس شاٚمل کران تہٕ قاٚری چھُ تمِیٚ سندی تجربہٕ پننی زانتھ محوتہٕ مسحور گژھان تہٕ تس مٔژہِ مٔژہِ کران ۔ تمِی سنز باوتھ چھےٚ بلا تکلف عالم تہٕ پننہِ وطنہٕ کُنِہ حالاتن منظرنامن تہٕ شخصیاتن پٔٹھ پننہِ سونچُک ردِ عمل خوبصورت تہٕ سنہٕ وِنس اندازس منز بصری تہٕ فکری دارِمژٕ راوان تہٕ اٚندرِم ماحول گاشہِ راوان ۔ اسلامیاتس ، دینیاتس تہٕ اقبالیاتس ستی وابستگی چھےٚ یِہندِ کلامہٕ ستی ٹاکارٕ لبنہٕ یوان ۔

مرزا البشیر احمد شاکر چھُ اردو تہٕ کاشرس منز زبر تہٕ جان دسترس تھاوان ۔

یم چھِ نثرِ تہِ خوبصورت معنہِ خیز ورتاوس اُنتھ پرن وٲلِس نوٚبن نوٚبن موضوعاتن تہٕ طرفاتن سأل کرناوان۔

کأشرِ زبأنی ہندی بہلہِ پایہ سخنور غلام نبی فراق چھُ وِزِ وِزِ شاکر صأبس رِتی مشوٗرِ دِوان آمتی۔ یمہِ کنی یمو پننہِ شأعرانہٕ پروازِ تھدِ کھوتہٕ تھوٚد تھوٚنچ جدو جہد برابر قائیم تھأو۔ تمن کأشرِ بن گونماتن، موسیقارن تہٕ احبابن یمن رنش یم متأثر چھِ گأمتی تمن خراج عقیدت دِنس منز چھُنہٕ یمو کانہہ پس و پیش کوٚرمُت بلکہ پوٗرِ پوٗرِ حق ادأئی چھکھ کرٕمٕژ تہٕ یہنز قدر سنجی چھکھ اَسہِ آیتن تھٲوِمٕژ۔ یہ چھُ یہندِ اخلاصُک تہٕ اخلاقُک ٹاکارِ ثبوت۔ نظمہٕ اَسی تن یا غزلہٕ یمہٕ چھےٚ سوز وسازٕ ستی گربزان تہٕ بوزن وألِس تہٕ پرن وألِس کشش کران تہٕ داد دیاوان۔

۵/۱اپریل ۲۰۲۳ء

سلطان الحق شہیدی



# رنگہٕ رِیوَل

مرزا بشیر احمد شاکر صأب چھِنہٕ کُنہِ تعارفکۍ محتاج۔ یمو چھُ ادبی دنیاہس منز جان ناو کموومُت۔ یِم چھِ کِتھوٚ ڈٕہ لبہٕ پیٹھہٕ قلم آزمأیی کران تہٕ وُنیکتام چھِ یِہنٛدِ قلمہٕ کِتۍ نِوشتہٕ دراٚمتۍ، یِم لوکو خاص کرٕتھ اٚدیبو سٕبٹھاہ پسند کٔری۔

یوٚ تام دردست ''رنگہٕ رِیوَل'' ناوِچہِ شعرِ سومبرنہِ ہُنٛد تعلق چھُ، اَتھ منز چھِ مختلف شعرِ صِنفن جاے شیرنہٕ آمٕژ۔ یتھ منز دعا، غزل، وژن، نظم تہٕ ٹُک بیترِ شأمل چھِ۔ سُہ چھُ آہ وزأری تہٕ انکسأری بلکہ بڈٕ ندامتہٕ سان خدایس کُن یِتھ دعا گو:

یا الٰہی کر پنُن فضل و کرم
بنٛدٕ چھُس چونُے تہٕ چأنی آش چھم
چھُس بہٕ نادار از کرم کرتم عطا
کینٛہہ تہِ ما چانِہن خزانن سپدِ کم
روومُت چھُس وُچھتہٕ صحراون اَندر
وَتھ بہٕ لبہٕ ہا گاش ہاو گٔژھ کاستم

غزل لیکھنُک وَل چھُ شاکر صأبس ٹھیک پأٹھۍ اَتھہِ آمُت۔ روایتی مزازس تھٕہٕ کرٕتھ چھُ یِہنٛدِس غزلس منز جدید موضوعن ہُنٛد ٹاکارٕ پرتو نظرِ

گرٹھان۔ مثلاً:

درد ہاں تھٔوی تھم مےٚ نابد پھٔلی دہ ہے
وعدٕ کری کری تنبہٕ لوو تھس ئلی دہ ہے
زانٛہہ تہٕ ماگے سیر تمہٕ گاہکی فقیر
بأگرأ وتھ ژٔڈ تمو اسہٕ ڈلی دہ ہے

کتابہٕ منز چھِ کتی باعنوان نوشتہٕ شامل۔ یتھ منز خطٕک جواب، فضیلت، قرآن، أسی شاعر، أزِچ راتھ بیترِ شامل چھےٚ۔ یمن نوشتن منز چھِ مختلف موضوع زیرِ بحث انٛنہٕ آمتی۔ پرانٛبن یادن تہٕ یاون ژہبن ہُند پوٚت گربز چھُ یہندِ بن یمن باعنوان موضوعن ئری کران۔ شاعر چھُ بعضے بربگہٕ یتھ ایام گزشتہ کِبن ارمانن، امارن، وأراگس تہٕ فراقس یتھہٕ پأٹھی زبو دِوان:

اوٚش ووٚتھُم دَدرایہ أندرِم ساز وُچھ ہیٚتِنم گریزٕنی
زِیرِ سنطورس لُجم دِلِکس مےٚ نغمس لُج وُزٕنی
چھُس دِوان ؤنی کوٚت سناگے مایہ ہُتی تم پرأنی دوہ
یاد چھُیہٕ ییٚلہٕ أسی آسان اکھ أکس أسی روبرو

○ (خطٕک جواب)

تصور سون ماران ژھالہٕ کُنہٕ وِزِ بالہٕ تیٚنتالبن
دِوان لس یارٕ ہِندِ تاشوقہٕ ؤنی

○ (نالان چھِ أسی شاعر)

چھےٚ آسان زیرِ لگنچ تاٗر سانٮن شوخ جذباتن

تھٕوتھ کن وِگنہِ سوزس شوقہٕ سان بوزاں چھہٕ أسی شاعر

○ (أسی شاعر)

ڈاکٹر علامہ اقبالنِس شاعرانہٕ بجرس متعلق چھُ شاکر صاب تتھہٕ پاٹھی وونڈٕ باوتھ کران یتھ منز خلوص، عقیدت تہٕ اِقبالُن شاعرانہٕ بجر تھیکنا ونہٕ آمُت چھُ بلکہ چھُ اقبال تاریکی دورٕ پتہٕ گاشہِ منارٕچ بشارت ہٮ۪تھ یوان:

طُفانس منز بنی آدم گٹہٕ زٕلی اوس وٚولُمت نال

أچھ پھٕری پھٕری وُچھان اوس رحمتس گومُت پریشان حال

گرٕھان أتھی عالمس منز ہنگہٕ تہٕ منگہٕ بخت بیدار انسانس

اتھس منز ژونگ ہٮ۪تھ وُچھتن وتہٕ ہاوُکھ یوان اقبال

○

اقبالہٕ! پرٕ ووُتھ پوشہِ وُنہٕ اکہِ زندگی ہُند تھوٚد مقام

اے پیکر عزم وعمل! ہٮ۪تھ آکھ ژٕ خودی ہُند پیام

بامے سو مسجد أسی تن یا محفلِ علم و ادب

بخشان دِلن کیاہ تازگی بس چون روح پرور کلام

○

کتابہِ منز چھےٚ واریاہ نظمہٕ، یِمہٕ موضوع، بیانیہ تہٕ ہیتہٕ اعتبارٕ اکھ أکس کھوتہٕ چھےٚ۔ ''میون وطن''، نظم چھےٚ وطن پرستی، وطن شناسی تہٕ وطنچہِ حقیقی پرتیتھہٕ

ستی مالامال بلکہ چھےٚ یہ اکھ بہترین مثال۔ زمین چھےٚ خوشبوے ژھٹان، رنگا رنگ پوش چمن چھِ وولسنس آٮ۪تی۔ آبشارن ہُند گربز چھُ سکون بخشان، قُمری، کستوٗر تہٕ قسموار جاناوارن ہُند بولبوش تہٕ ذکرِ حق فِضہن معطر کران۔ صوفی، ریٚش تہٕ ادبی گونماتھ چھِ امن، بأے چارٕ تہٕ دوستی ہندی نغمہٕ گیوان۔ وٕطنکی یم بے باک تہٕ حقیقی نالہٕ چھِ شاکر صأبنہِ لاشعورٕ کیو شعوری ناگہٕ وزان۔ مثالے:

میانہِ وٕطنچہِ میٚژِ تہٕ ہُری میٚژِ ہُند مُشک
میون زُوأتھی ستی اتھ ستی چھُم عشق

○

زہد وتقویٰ اُشنأوی ہُند وطن
دِل نوآزی پارسأئی ہُند وطن

کرشن سماجی، مذہبی تہٕ ادبی شخصیتن ہندِ ناوٕ چھُ کتابہِ منز مفصل نذرانہٕ درج۔ یمہِ ستی نہ صرف شخصیتن ہندی بیشتر گوشہِ بروٚنہہ کُن چھِ آٮ۪تی بلکہ چھےٚ جان پأٹھی یہنز وَکھنے تہِ سپز مٕژ۔ مفتی محمد یوسف حُسینی، علی محمد شہباز، نشاط انصاری، مولانا قاسم شاہ بخاری، غلام حسن بیگ عارف، غلام نبی شیخ، غلام احمد صوفی، بیترِ یہندس ژھبنہٕ گرٕچھنس پیٹھ چھُ تیٚتھ مربوط نذرانہٕ پیش آمُت کرنہٕ یتھ منز تہنز حقیقی زندگی ہُند پرتو تہٕ چھُ نظرِ گژھان۔ ادبی کارنامن تہِ چھےٚ زیٚوِ میچھرٕ تہٕ شاعرٕ سندِ شعرِ حسنٕک معیار تہِ چھُ برقرار رُودمُت۔ کیٚنہہ یادگاری نظمہٕ تہٕ چھےٚ تخلیق آمٕژ کرنہٕ یتھ منز شہرِ لاہورس متعلق نوِشتہٕ تہِ قابلِ

ذکر چھُ ۔ کینٛہہ مرثیہ تہٕ چھےٚ رنگہٕ رِیول مسودَس منز درج ۔ یِمن مرثین منز چھُ ہیتہٕ اعتبار وار یاہ نوبر ۔

مختصر یہ زِ شاکر صأب چھُ پننین رنگہٕ رنگہٕ مشاہداتن تہٕ تجربن تمہٕ آیہ زبو دِوان یِیمہٕ تلہٕ یہ باس چھُ لگان زِ شاعرس کوتاہ وسیع نظریہ چھُ ، تہٕ چھُ زیادٕ پہن یہنٛدِ لفظہٕ راشہِ تلہٕ فکرِ تران ۔ اَچھ بڈٕ خوٗبی چھےٚ یہ زِ یہ لفظہٕ راش چھُ چھرا تیٚمی سرزمینہٕ ہُنٛد ۔ اِوکنی چھےٚ یہنٛز شاعری مُشکے مُشک ژھٹان ۔ بوزوَے تہٕ یہنٛدِس شعرٕ سرمایس چھےٚ أندرَے ناگہٕ وُزِنی ۔ خدا بوٗزِن یِمن دِہن صدو بست سال عمر تاکہ کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرس قومس ہُرِ بییہِ ہُدٕ ۔

آفاق عزیز
اسسٹنٹ پروفیسر
کشمیر یونیورسٹی ، سرینگر



## اکھ تاثرٲتی مکتوٗب

مقدس ماہِ صیام تہٕ عید الفطر مبارک

لودھی کالونی، نئی دہلی

مورخہ ۲۰/ ماہِ اپریل ۲۰۲۳ء (جمعرات)

جلیل القدر محبّ اقبالؒ

محترم مرزا بشیر احمد شاکؔر صاحب

السلام علیکم ورحمتہ اللہ برکاتہٗ

واریاہ کالہٕ پتہٕ چھُس تُہندِس ذاتِ اقدسس منز پننہِ باوِ کوسم ارپن کرنٕچ جسارت کران تہٕ ستی چھُس یہ کرنہٕ ستی اکھ پوشہِ وُن آنندتہِ پراوان۔ یتھ کتھہِ ہیکہٕ نہٕ بالکل تہٕ نفی کرنہٕ یتھ زِ تُہندِ موکھہِ چھِ علٲمی آبشار وُزان۔ تُہنز یہ وُزنی چھنہٕ صرف تُہنز تخلیقی صلاحیت تہٕ فکرِ ہُند سنر ے یوت گاشراوان بلکہ چھےٚ یہ ادبہٕ کِبن اَنتھہٕ روٗس مداحن ذٕ دسہٕ تہٕ ژلراوان تہٕ تُہندِ علمی بصیرت نشہِ روشناس تہٕ کرناوان۔ یہ ادبی دیت سدہ مان ہٕتھ اعتراف کرُن چھُ ناگزیر بنان زِ یتھ عصری دورس منز چھِ شاکؔر صاب زبان وادب کِبن پرستارن ہٕندِ باپتھ اکھ تحریک۔ پننہِ قول وفعل چہِ شُستگی ہٕندِ بدولت یِہند مُتکلم چھنہٕ گنہٕ تہِ جایہ اِبہامُک شکار باسان تہٕ پوٚر ثابت قدمی سان چھِ پننہٕ خیالچ انفرادیت قایم تھاونس منز کامیاب روزان۔ قٲری لیس چھنہٕ یہند وہژار دعوتِ فکرے یوت دِوان بلکہ چھُ قٲری اَتھ وہژارس منز محو تہٕ سپدان۔ شاکؔر صابنہٕ قلمٕچ

خاص کتھ چھےٚ یہ زِ یہ چھُ نوٚبن نوٚبن موضوعاتن تہٕ کتھن زاینٕن دِوان تہٕ نشاندہی کران ۔ یتھہٕ کٔنۍ چھِ یم قلمکار حضراتن ہندِس تارکھ منڈلس منزٕ اکھ منفرد پرٛزنتھ حاصل کران ۔ شاکرصابن اِختراعی انہار چھُ یمن بے پناہ وُسعت تہٕ ہمہ گیریت عطا کران ۔ پوٚتُس پتھےٚ ییٚہ اہ ساٗ درواکتابہٕ قٲری ین ہمدست تھاونہٕ چھےٚ شاکرصابٕنۍ commitment آشکار کران ، نیز یِہندِ باوٕ ژلیچ تہٕ ترجمأنی کران ۔ لوٚہتی گلاب اٚسی تن ، پوٚت آلو اٚسی تن ، گلرنگ اٚسی تن ، مکاتیب وسفرنامے یا کتابیں ہم نشیں میری اٚسی تن ، علامہ اقبالؒ کے دیس میں ، خط وخیریت یا آوازِ دِل اٚسی تن ، یتھ ڈیجیٹل دورس منز تہٕ یِہندِ کتابن ہندِ گنجینہٕ منزٕ پییہم نۆوی نۆوی title آفریدہ گژھان ۔ شاکرصابُن اسلوب چھُ یِہندِ فکروفن چہ چابُک دستی ہنزٕ آئینہٕ دٲری کران ۔ تجسس تہٕ استقامت چھِ شاکرصابٕنۍ زٕالنکاریم شاکرصابنہٕ ادبی شخصیتک وِحاطہٕ چھِ کران ۔

رویندر روی



# گوڈ کتھ

بےٚ چھُس ربُ العالمین سُنٛزِ بارگاہِ منٛز شکر تہٕ ثناء ادا کران زِ تٔمی خداوند کریمن دیُت مےٚ توفیق کہ بہٕ چھُس پنُن شعروشاعری ہُنٛد مجموعہٕ پننٮ۪ن ٹاٹھٮ۪ن تہٕ ذی وقار پرن والٮ۪ن ہنٛدِس خدمتس منٛز عجز وانکسار سان پیش کران۔ مےٚ چھُ یمہِ أزی کہ شعری مجموعہٕ برونٛہہ تہٕ پننہِ نعتیہ کلامٕچ سومبرن لوٗہتی گلاب نأوی ۲۰۲۰ ہس منٛز چھاپ کٔرتھ قارئین کرامن ہنٛدِس خدمتس منٛز واتنأوِمٕژ تہٕ امہِ علاوٕ پننہِ مادری زبأنی منٛزٕ پوٚت آلو، آوازِ دل عنوانن تحت پنُن کیٛنٛہہ موزون شعری سرمایہ ادبٮ۪ن تہٕ ادب نواز دوستن تام واتنووُمت۔

ذأتی طور چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ قادرالکلام شاعر آسنٛک دعویٰ۔ شعروشاعری ہُنٛد میدان چھُ پننہِ وسعتہٕ باوجود سٮ۪ٹھاہ سنگلاخ تہٕ تصور کرنہٕ یوان۔ شعر گوئی کرٕنی چھنہٕ کانٛہہ سہل کتھا۔ بقولِ پروفیسر رحمان راہی:

شعروٕنٛ گودل پنٛن تاوٕ تلٕن تہٕ باگرن
کیاہ بہٕ وَنے وٕنٛ تگان چھمنہٕ یہٕ گیہہ تلنگری

شعروشاعری ہنٛدِس فنس سٕتی شخصیاتن چھُ پیوان پنُن خونِ جگر چوٚن تہٕ مثلِ فرہاد سنگلاخ پرأٹھی پرأٹھی اکھ آبہٕ کول نٔنی کڈٕنی۔ یہ چھےٚ پزی پأٹھی اکھ فنکارانہٕ عمل۔ اتہٕ چھُ پیوان کأنسہِ تجربہٕ کارتہٕ پُرہُنر اُستادس برونٛہہ کنہٕ ژاٹہٕ کوٚٹ کٔرتھ بہُن تہٕ اَدے کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ مایٚیس دردست۔

پانس متعلق چھُس بہٕ بےٚ پھرٕوک پأٹھۍ ییمہِ کتھہِ ہُنٛد اظہار کران زِ
مےٚ چھُ پننہِ ہمسایہ گری منز روزن وأرِس بہلہِ پایہ ادیب تہٕ شاعر پروفیسر
غلام نبی فراقؔ مرحوم ہٕندِس صحبتس منز نشست و برخواسنٛک موقعہٕ بدست
آمُت ۔ تِم أسی شعر وشاعری ہٕندِس فنس منز اکھ پختہٕ کار وستاد تہٕ مہارت تھون
وألۍ ۔ مرحوم ہٕندی درجات کرِن اللہ تعالیٰ بلند تہٕ تِمن کرِن مغفرت ۔ تِم أسی
صاف دِل انسان ، خاموش طبیعت آسنہٕ باوجود چھُ فراقؔ صأبن مےٚ وقتہٕ وقتہٕ
شاعری ہٕندِس فنس آبیأری کرنہٕ رٕنگی سبٕٹھاہ رٕتی تہٕ موٚللی مشورٕ دِتی ہٕتی ییمیک
ٹاکارٕ ثبوت پننہِ یتھ دردَست شعرٕ سومبرنہٕ ہٕندِس مجموعس منز کُنہِ نظمہِ یا غزلہِ
پیٹھ تہٕنٛدی مختصر مگر حوصلہٕ افزا تاثرات درج کرنہٕ ستی میلان چھُ ۔ مگر یہ سورُے
آسنہٕ باوجود چھُ مےٚ ییمہِ کتھہِ ہُنٛد اعتراف زِ میأنِس کلامس منز آسہِ کُنہِ
کینٛہہ ضرور کانٛہہ خأمی رُوزمٕژ ۔ تِکیازِ سہو وخطا چھُ انسان ہٕندِس فطرتس منز۔
پننِس تحریرگری ہٕتس کلامس متعلق پننہِ طرفہ کانٛہہ رأے دِنی چھُ میانہِ
باپتھ ناممکن ۔ یتھہٕ پأٹھۍ زن مےٚ لیوٚکھ زِ دورانِ ملازمت یا امہِ پتہٕ تہٕ رُودُس
بہٕ پنُن قلم نیچھہِ ناوان تہٕ پننین احساساتن تہٕ جذباتن ہنٛز شاعری ہنٛزِ زبأنی منز
ترجمأنی کران ۔ میون ۱۹۷۵ ٕ منز شروع کرنہٕ آمُت شعر وشاعری ہُنٛد سفر چھُ
جأری تہٕ ییلہِ تہٕ مےٚ پیٹھ کانٛہہ کیفیت طأری چھےٚ سپدان مےٚ چھےٚ أندرے
زِیرہِش لگان تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُ لیکھنہٕ یوان ۔ وٕنۍ ییلہِ مےٚ ارادٕ چھُ زِ
میون موزُون کلامہ گرٛشہِ آئندٕ خأطرٕ محفوظ روزُن تہٕ اہلِ ذوق تہٕ علم دوست

حضراتن ہندِس خدمتس منز واتُن تہٕ بہٕ چھُس وُں یہ کتابی صورتس منز یِژھان پننین پرن والین تام واتناوُن۔ تمے اہلِ علم تہٕ زان کار حضرات ہیکن اَتھ متعلق کانہہ رائے قائم کرِتھ۔ بہٕ چھُس پنُن پان ژھوٗرُے تہٕ چھوٗنُے زانان۔ بزرگو چھُ فرمومُت:

مشک آں است کہ خود ببوید نہ کہ عطار بگوید

وُں گو یِمو حضراتو زیرِ نظر میانِس یتھ شعری مجموعس متعلق لیوکھ تہٕ کُنہِ رو رعایتہٕ ورأے لیوٗکھ بہٕ چھُس تِہندِ خاطرٕ وژھہِ وأنجہِ دعا گو زِ اللہ تعالیٰ کُرِن تِہندِس علمس ہُر بر۔ تِہندِ وِے نگارشاتو کوٗرُس بہٕ آمادٕ زِ بہٕ کرٕ پنُن کلام کتابی صورتس منز شائع تہٕ واتناوٕ محترم پرن والین تام۔ حقیقی شعر وشاعری چھےٚ آسان انسانٕ سندین جذباتن تہٕ احساساتن ہنز ترجمان۔ یتھ معاشرس یا سماجس منز اکھ انسان پننی زندگی گزاران چھُ اَتھ منز یِم حالات وواقعات أمِس پیش یوان چھِ، اکھ حساس تہٕ دردمند شاعر چھُنہٕ یہ وُچھِتھ سرسری گزران تہٕ أکس بییہٕ سندی پأٹھی أچھ وٹان تہٕ یہ حبہٕ ہشیار آدم چھُ اتھ سنان تہٕ سام ہوان تہٕ یِمنے حالات وواقعاتن ہنز پننہِ قلمہٕ ستی ترجمانی کران۔

شاعرس آسان چھےٚ زخمن زبو أنی
چاک کٔمی نتہٕ کوٗر گلن دامانہٕ تے (رحمان راہیؔ)

بہٕ اکھ ادنیٰ قلمکار تہٕ یِمو حالاتو یا واقعاتو منزی پننی یہ بےٚ پژھ زندگی گزاران رُودُس تہٕ یہ کیٛنژھا وقتہٕ ناوقتہٕ وُچھان رودُس تمہِ کُے اظہار چھُ مے

پننہٕ مقدوٗرٕ بے وایہ پأٹھِن کوٚرمُت تہٕ پننِن جذباتن چھےٚ مےٚ زبوٚ دِنچ کوشش کرٕمٕژ۔ بہٕ کتھ حدس تام چھس یہ کرنس منز کامیاب سپدمُت تمیُک فأصلہٕ چھُس بہٕ پننِن قارئین حضراتن پیٹھ تراوان۔ اُمید چھم زِ تِم کرن گُنہٕ رو رعایتہٕ ورأے میانِن خأمین کُن اِشارٕ ییمہِ خأطرٕ بہٕ روزٕ تِہُنْد مشکور۔

بہٕ چھُس معروف شاعرتہٕ نامور قلمکار جناب پروفیسر شفیع شوق صأبُن نہایت شکرگزار زِ یِموعدیم الفرصت آسنہٕ باوجود میون مسودٕ پوٚرتہٕ پنُن پیش لفظ لیکھِتھ تھوٚہس بہٕ ممنونِ احسان۔ معروف اردو تہٕ کأشرس پیٹھ دسترس تھون وألِس شاعرنامدارتہٕ ترجمہٕ کار جناب سلطان الحق شہیدی سُنْد تہِ چھُس سپاس گزار زِ تِمو لیکھۍ پننۍ گرانقدرتہٕ موٗلۍ تاثرات۔ ناچیزس تہٕ میانہِ شعروشاعری تہٕ نثری تخلیقاتوٚ ہنْدِ حوالہٕ، یہ چھُ تِہُنْد بلندظرفی ہنز دلیل۔ بہٕ چھُس معروف براڈکاسٹرتہٕ شاعرذی وقار جناب عبدالاحد فرہاد صأبُن شکریہ ادا کرُن لأزمی زانان یِمو وَژھِ وأنجہِ میون یہ شعری مجموعہ مطالعہ کٔرتھ امیُک اکھ سنجیدگی سان جائزٕ نِتھ بھرپورطریقس منز تفصیلاً اکھ قأبلِ مطالعہ تہٕ معنہِ سوٗ تفریظ لیوٚکھ۔

جناب پروفیسر آفاق عزیز صأبُن تہِ چھُس بہٕ شکرگزار زِ عدیم الفرصت آسنہٕ باوجود پوٚرتِمو میون مسودٕ تہٕ رٔتۍ پأٹھۍ لیکھِکھ اتھ پیٹھ تاثرات۔ بہٕ چھُس عزیز القدر معروف نثریہ کار جناب روِیندر روٚی جیُن تہِ شکرگزار یِمو مےٚ پُرخلوص خط لیکھِت میانِن ادبی کامن ہنز وبژھنے کٔرتھ میون حوصلہٕ بڑھوو۔

مرزا بشیر احمد شاکرؔ

# دُعا

یا الٰہی کر پنُن فضل و کرَم بندٕ چھس چونُے تہٕ چائنی آش چھم
چھم پکان از لُکھ یہِ دُشمن ٕستی ٕستی یُتھنہٕ ایمانس مےٚ زانٛہہ شیطان پھرٕبم
ہر قدم درکار چھم بَس سایہِ چون پائے کرمیون کیٛاہ بہٕ کرٕ کوسہ شوٗب چھم
واوِ طوٗفانن بہٕ ؤنٛتھی آٲرُس منٛز سرَس چھس رٕتھتہٕ میٛانے ناوِ نَم
یُس پکان گوٚوچانہِ وتہِ تَمی لوٗب نجات لیس اٚکس راٚضی گرٕھکھ تس کیٛا چھُ غم
بارگوٚہن ہُنٛد گوٚبیومُت چھم سبٕتھاہ ناتوانس چھم نہٕ طاقتھ کر رَحم
چھس بہٕ نادار اَز کرم کرتم عطا کینٛہہ تہِ ما چانٛہن خزانن سپدِ کم
چھس بہٕ لاریوٚمُت زمینس تھوٚ دٕتُلم آسمانن پھیر نُکھ طاقت دِتم
بَرتہٕ دِل میون پوٚرِ از سوز و یقین تازٕگی نَو خستہٕ ارمانن دِتم
چھس بہٕ دوٗریومُت ژٕنےٚ نش ربِ کریم نکھہٕ ہتم دستِ کرم پِلہٕ ناوتم
ہاوتم یٮ۪مہِ زندگی ہُنٛد رُت بہار برتہٕ پوشو ٕستی ژھوٚر میونُے ہلم
شوٗژ دِل تے پاک اٚچھ کرتم عطا دمبدم یارب مہربان روزتم
زانٛہہ تہِ پٮ۪نہٕ گرٕھہِ کانٛہہ اثر میٛانٮ۪ن اتھو رٲچھ گٲری زبم یُتھنہٕ ڈٕلنم زانٛہہ قدم
روٗدمُت چھس وُچھتہٕ صحراوَن اندر وَتھ بہٕ لبہٕ ہا گاش ہاوَ گٕتہٕ کاستم

کانٛسہِ کُن محتاج پٮ۪نہٕ گرٕھہِ ژٕےٚ سوا
کانٛسہِ غاٚرس یُتھنہٕ اتھہٕ دارُن پٮ۪یم



# مناجات

غمو فکرو مہ وولُمت نال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

بہ چھُس ابتر گومُت بے حال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

بہ آمُت چھُس بہ چھُس مسکین    مہ چھم وومید ژہ دِم تسکین

نہ چھُم کینُھہ زَر نہ چھُم کینُھہ مال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

وُچھکھ نا انتظاری میاۓ    یہ أندرِم بیقرأری میاۓ

بہ گونہو ستیٰ گومُت پامال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

پیومُت چھُم نوتوانس بار    کمر خم گوم دِہم نا تار

بہ کوتاہ ژالہ کیاہ ہکیہ بال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

چھُہ زاگان وُچھ زُوس میاۓنس    نظر چھم رحمتس چاۓنس

شکأری وَہرومُت چھُم زال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

کریما ژہے کرم کرتم    رحیما چھُکھ رَحم کرتم!

چھے قدرت چاۓ بے مثال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ

مہ ستھ یور بوُالہوس لوگم    یہ فرمان چون مشرووم

اوے سپدُس پریشانِ حال    ژہ وُچھ میون حال یا اللہ



تحریر: ۲۶/اگست ۲۰۰۷ء (دورانِ ڈپریشن)

# نعتُ النبیؐ

آغہٖ میون چھُکھ رحمتہً للعالمین یٖنہٖ تراوہم
ستھ مےٚ چھم چائنی دِلس آغومےٚ یٖنہٖ مشراوہم

میانہٖ آغو! نوٗر ہرسو چون پیو ییٚلہٖ ماجہٖ زاکھ
نورِ بۄرتھیو ییم قرآنکی سورہٗ پرہے ژٕ بوزتم

گڈٕ سپدی روشن پٔنٕن تشریف ہتھ ییٚلہٖ یورآکھ
چھُس بہٕ توشن لٔج پھُلے پوشن مےٚ دِل پھوٚلراوتم

دِل پران چھُم یامحمدؐ زیوٕ پیٹھ مےٚ روزان یارسولؐ
حل گژھان مشکل مےٚ سارٕی خود بخود غم تے الم

آدمس بروٚنہہ پادٕ کوٚر ذاتن یہ چون نورِ مبین
زوٗ بہٕ ازلکہٖ نورٕ وندٕیو اکھ زٕژاہ نورچ دِتم

تاپہٕ یٖنہٖ دزٕ میانہٖ شیہجاروٕ ژٕ چھُکھنا سایہ میون
تا ابد تھپ دامنس چانٔس مےٚ چھم یٖنہٖ تراوہم

گراوٕ پٔنٕنے سوٗزمے واوٕس تہٕ کاوٕس کوژھی دِتم
سُنبلستانا، پھوٚلہم دِل ازٕ مےٚ مِسکینس یتم

ہا مدینکہٖ تاجدارو! راج چھُے دون عالمن
زیرِ فرمان ییم سلیمان وُچھتہٕ خسرو چھی ژٕے کم

کرتہٕ نظراہ یتھ کشیرے ظالمو پنجہٕ دِتۍ پٔنٕز
پژنہٕ آے گل نو بہارٕ کی ضایہ گیٔ کم مأنزٕ نم

ٹاٹھِ یارو، نو بہارو نظر اسہِ ژےٚ گُن چھے بس
کم گندر اَسہِ مقبرن ہٕری، کم سنا یتھی بے رحم

واے معصومن ہٕٹس ییٚتہٕ شرا کھ لاٗجِکھ ! ہاے ہاے
غأب گیٔ مہراز، وَنہٕ وان ماجہٕ تمہٕ نیٚ دمبدم

تُل پٔنٕز دستِ مبارک سانہِ باپت یا نبیؐ
منگ ربس پننس سُہ دِیو اَسہِ کأشرٕن پیٹھ کرِ کرم

بد چھِ أسی یارٕ دچھِ أسی ووٗنی یتھی چھِ أسی توتہِ چأنٕۍ
آغہٕ! ناکارن جبینس داغ اسہِ چون چھا یہ کم

خونِ دِل پادَن ملے نا میانہِ زونہٕ گاشو وَلو
خاش جگرس چھم یمن زخمن مےٚ مرہم لاگتم

شاکرنؔ أمی عأجزن لیوٗ کھ نعت چونیٚ یا حبیبؐ
سرِ پٔنُن نٔمرِتھ ژےٚ گُن آو کرِ پٔنُن تس پیٹھ کرم



تحریر: اول ستمبر ۲۰۱۳ء
درمیان شب

# نعت شریف

دِمے ڈُئی بۂ ژھانڈتھ مکس مدینس — دُرودا بۂ پڑہے نبی نازنیناؐ
نظر خانۂ کعبس گُن بۂ دِمۂ ہا — ژُ ما آسۂ ہم تتھی بہتھ مہہ جبینا
ژُ غارِ حراہس اَندر چھکھ بہتھ ما — بۂ تتھی ژھانڈہتھ اَے خلوت نشینا
کران غارِ ثورس اندر ذِکرو اذکار — پنُن یار غار ہتھ وِچھتھ شاہ دینا
گنےیم مےٰ کل جائی وُچھتھ طائفس منز — دِوان دعوتِ حق یہ گو حکم اللہ
وُچھان چشمۂ چھم مسجدِ نبویسؐ گُن — پران خطبۂ آسکھ ژُ تئی تھے خطیبا
بۂ دِمۂ چاک جامن مےٰ چھم منہِ کامن — لگے پنۂ بۂ پامن روؤفُ رحیما
ژُ غمخوار سوئے ژُ سردار سوئے — وُچھکھنا مےٰ گُن چھس بۂ اکھ دِل خزینا
سنگر پھٔلی تتھے نوٗر اظہار گو چون — لگے ژھاینے ژےٰ بۂ نورِ مبینا
تہجد پران راتۂ کیٚن ساعتن منز — منگان مغفرت تس رَبس اللہ اللہ
ژُ گُنہِ شایہ ما فاقۂ پھرہ ڈاف ترٲوِتھ — پنُنی لال وَندۂہے بۂ خلوت نشینا
ژےٰ ما عائشہؓ ژھانڈنے آسہِ دراہش — شبس منز وُچھی دَر بقیع سُے ژےٰ شاہا
خدیجہؓ دِوان دِل تسلا ژےٰ آسی — سپُد نازل ژےٰ پٹھ قرآن یہ طٰہٰ

❁

تحریر: اول ستمبر ۲۰۱۳ء

درمیان شب

# نذرِ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ

میانہٕ پیرو حض امیرو بوز سلام
چھُس بہٕ کأشُر چون اکھ ادنیٰ غلام
گلشنِ کشمیر کُفرستان اوس
بدعت و شرکُک یِیتہِ طوفان اوس

ہمدانہٕ پٕتھٕ یوٗن ژٕ ہتھ تشریف آکھ
باشان وشوکت ہتھ پٕنٕنی سادات آکھ
چانہِ یِنہٕ سٟتی دینہٕ کس باغس بہار
گل تہٕ گلزار آیہٕ پھٕلی پھٕلی شالہٕ مار

اُس یِیتہِ برہمن تمن زُنار نألی
ہٕٹ تہندی زُنارٕ نش کری تھکھ ژٕیہِ خألی
کأشرٕ ہن گٕن آکھ ہتھ اوراد تےٚ
کوٚر تمو وردِ زبان چھُکھ یاد تےٚ

چانہِ یِنہٕ سٟتی گےٚ پران لکھ لاالہٰ
لاشریک سہٕ چھُ کانٛہہ تہِ چھُنہٕ تس سوا
بلبلو ہیوٚت نغمہٕ توحیدُک گیوٗن
یہٕ چھُ فضلِ رب درملک کشمیر چون یٟن

چانہِ یِنہٕ تہذیب یِیتہِ گےٚ پھاپھلیو و
علم وادبس لوٚگ فروغ دین عام گو
خانقاہن منز دِتُھ درسِ حیات
دیہٕ حسد گلی دِل بنییہ قند و نبات

مسجدن منز ذکر اللہ عام گو
دل سنگینن دِل نرم گو، رام گو
جابجا گو عام پیغامِ قرآن
یہٕ چھےٚ چانٛیٕ عظمت تےٚ بجرچانٛی یہٕ شان

لولہٕ سان کُتی جوتہٕ ییٚتہٕ لوگ گژھ کرُن　　کوترو ہیوٚت شوقہٕ اللہ ہوٗ پرُن
روٚٹ گلستانن اثر پانس اندر　　وعظ و تبلیغ چون برحق، پُر اثر
آکھ ہتھ اسہٕ کُن ژٕ تقدیرُک قلم　　بۍ بیدارن نو یہ تقدیر گو رقم
وٕہمن، گمانن ہندی پوٗتلی ییٚتہٕ پیٚے پتھر　　سجدہ کوٚر بسکین درٕ وٕتسی سربسر
شاگردپان پیرو بہٕ تُوٗرٕی ختلاں یِیے
ییٚتہٕ چھُ آرام گاہ چون تتھٕی سروندے



۱۱؍رمضان المبارک ۱۴۴۱ھ
۵؍مئی وقتِ سحر گاہی

# غزل

گژھتہٕ اے باد صبا جلِ انتہٕ تٔمۍ ہنٛز خوش خبر
دَم بدم از حالِ خود مےٚ چھم کران یُس بے خبر

تَن شٕہج روزِہم مُرِتھ تیٚلہِ زانہٕ زندٕگانی لٔبِہم
آسہِ برَتل ییٚلہِ ژےٚ شوٗبان لتہٕ پدِ بدَل میٲنی قبر

بیخبر از گردو پیش چھکھ پٲنی پانس کُن وُچھان
کیٛاچُھ گُدران عاشقن زانِہہ وُچھ زِ ہے میونُے مٔژر

بَس نظر اٰہِسم مےٚ اٰتھی پٹھ اوسُم یتُے سرمایہ کُل
خشمہٕ سان کیٛا تشنہٕ لب ہے مَس مَلر ژھنِ تھم پتھر

تا اَبد زندگی لٔبِکھ چانہٕ اَتھو ییم گےٚ شہید
مُنتظِر چھس آسہِ کر ہوٚٹ میون تے چوٗنے خنجر

تنہا پکان روٗدس بہٕ پیٚیم آش رؠزِم ہتی ہتی
تسلی دِیُتم وصلکۍ خیالن ٹےگو کریوٗٹھ لولکھ سفر

ڈِیشتھ یہِ پھۆلہٕ وُن روے چون باسان مےٚ چُھم زَن زینہٕ وِزِین
حُور وزٕ ےٚ چُھے بُتھ چھۆ لمُتے نوٗ رن ژےٚ کُن گرٕ مژ نظر

شعر بوٗزِتھ کیٛا کرَکھ واہ واہ تے ارشاد واہ
گوٚو کرُن فِکرِ سوٗخن زَن چون پٔنُن خونِ جگر

پرٕدٕ رویس تُلتہٕ شاکرٓ چُھے تہٕ چونےُ مُنتظر
ژٕندٕر چھُم پوشیدٕ اۄبرس تل تہٕ کر نیرُم نبر



# غزل

کرٕ کیٛا تھرٕ تھرٕ چھم یَتھ پانَس
دانَس وانَس ہٕنم حِساب

دوہہٕ اَکہِ لَمہٕ لَمہٕ لگہِ یَتھ جانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

لالہٕ رویس ہےَ زردی پھیرٕم
اَرٕ سرٕ کرٕ أچھ درٕ لگنم

چھلہٕ چھانٛگر گرٕشھہِ آرامِ جانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

نرِ تہٕ زنگہٕ میٛانہِ بے حبس گرٕشھَن
ژھوٗپہٕ گرٕشھہِ میٛانٕن طوطہٕ کتھن

زُو ژَلہِ نیرِتھ پرٛ یتھ وُستخانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

گُل بدنس مےٗ پچہِ پٮ۪ٹھ والنم
روٗپہٕ تنہِ سوکھہٕ بوٗل آب ترٛ اوَنم

سرٛانہٕ گوٗرسرٛان دِیہِ تانس تانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

گُن پان میون تور کرِ سکھراو
باکہٕ ژھٹن میٛأنی اَنگ آشناو

پتہٕ پتہٕ نیرَن تورٕ کس زٲنپانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

یٮ۪مہِ سمسارے یٮ۪مہِ بازارے
کھوٗٹ روٗد میونُے باپارے

کوتاہ پرٕ یتھ نادان پانس
دانَس دانَس ہٕنم حِساب

کرٖنم دفن ییٚلہِ مےؔ در قبر    پٹھٖہٖ تڑاونم مٖڑٖ ہٖنڈی انبر
سأری نیرَن پتہٖ پانس پانس    دانَس دانَس ہٛنم حِساب





غمن ہٖنڈی بار وٹِرأوی میٔائِزٖ پانن
سِتم ہرساعتہٖ للہٖ نأوی میٔائِزٖ پانن
دِلس اندر مےؔ وُنہِ یم أسی اڈٖ پھلی
تمے ارمان دفہٖ نأوی میٔائِزٖ پانن



# خطُک جواب

چون خط ووتُم ، پۆرُم تہٕ یارٕ رٕژھراٗوِتھ تھۆوُم
شوقہٕ سان پِھری پھِری مےٚ مُژ رووُم یہِ اکھ نذرانہٕ چُھم

یارٕ اَتھ چاٮ۪نس خطس منٛز لولہٕ ہۆت دِل وُچھ مےٚ چون
پۆشی نےٚ ہُری نے محبت یارٕ کوتاہ چُھے ژےٚ میون

میٲنۍ سونہٲری لولہٕ ارمان شولہٕ ماران اَتھ اندر
یِنہٕ وٕڈسی یم زانٛہہ تہِ گژھنم چانہِ موکھہٕ سینٛس اندر

پھیوٚر لۆگُم پٲتۍ مِس اَمارس یارٕ چوٗنے خط پٕرِتھ
دۆر پیومُت چھس بہٕ ژےٚ نش ولتہٕ کۆت ہکبہٕ کیاہ گٕرِتھ

اۆش ووتُھم دَدرایہِ أنٛدرِم ساز وُچھ ہێتی نم گژیزٕنۍ
زِیر سنطۆرس أُلجم دِلکس مےٚ نغمن أُلج وُزٕنۍ

مٲری موٚنُدڈیۆنُٹھم یہِ خط چوٗنے چھےٚ اَتھ خوشبوٗژھٹان
شفقتُک اکھ اکھ لفظ چوٗنے یہِ دِل میون گوٚورٹان

چھُس دِوان وٲنی کوٚت سناگے مایہِ ہٕتی تم پڑ آنی دوہ
یاد چھُیہِ ییٚلہِ اَس آسان اکھ اَکِس اَسی روبرو

کیٛا بہٕ وُچھہٕ نابیٚیہِ تہِ سُے دوہ لوسنگ شامُکھ وقت
اَز اگر سَمکھ تِتھے پاٲٹھی سپدِ بیدار میون بخت

یارٕ چاٲنی اَمی خطن سونتُگ پیاماہ بوٚونم
شوٗبہٕ وُن چون خال و خط اَمی یاد بیٚیہِ اَز پوٚونم

شاد سپدُس خط رٕٹِتھ چون زَن وُچھم عیز ہُنٛد ہِلال
خودبذات ییٚمہِ ساعتہٕ یِکھ سون ونتہٕ کیٛاہ آسم مے حال

روز پڑیزلان آسمانس لولہٕ کِس زَنتہٕ آفتاب
خط لیٚکھن والیا! پھوٚلان روزُم دوہے مثلِ گلاب



۲۷؍فروری ۱۹۹۶ء



شاکر صأبنۍ کینٛہہ شعر بۄزی مےٚ اَز۔ یِمو تلہٕ چھُ یہِ پزر نوٚن نیران زِ أمِس چھُ دُب دُب گرٕوُن سُہ دِل یَس حسنُک تلاش چھُ، پزرُک تلاش چھُ تہٕ یُس اَکِہ آبہٕ گتھہِ ہٕنٛدی پأٹھی اظہارٕ باپتھ سخت زمین پرأٹنۍ یژھان چھُ۔

میأنۍ چھےٚ یِمَن گزأرِش زِ شعرَن ہٕنٛدِس وَزنس کُن دِن خاص توجہ۔ سُے چھُ اَکھ کمی یوسہٕ مےٚ اَمہِ شأعری منٛزٕ درٕینٛٹھ گٔیہِ۔ ہٕتی چھُم یِتہِ وَنُن زِ یِمَن پزٕ یہِ رُت سفر بھرپوٗر پأدٕ ہیتھ جأری تھاوُن۔

غلام نبی فراق

۱۲/مارچ ۱۹۸۹ء

# فضیلتِ قرآن

گوٗمُت نازِل کلام اللہ مُبارک
یہِ بر ذات رسوٗل اللہؐ مُبارک

خدایس نِش یہِ ازلے اوس موجوٗد
کتاب اللہ اوس در لوحِ محفوظ

کِتابن منٛز کِتاباہ کیٚا یہِ شاہکار
خدایَن کٔر پننٛز رحمت یہِ اِظہار

اول دِلہٕ چِ بصیرت پأدٕ ژٕرے کر
وُچھکھ اَتھ منٛز چھِ علمٕ مَن ہٕندی سمندر

چھُ کوٚرمُت لایزالن بوٚڈ یہِ احسان
خدا گومُت بندن پٮ۪ٹھ چھُے مہربان

کلام اللہ کران ظُلمات روشن
گٹن منٛز گاہ پھوان پوشیدٕ گوشن

وُزان اَتھ ناگ عٔلم و آگہی ہٕنٛدۍ
بلان یم داغ سیٖنکۍ تے دِلن ہٕنٛدۍ

یہِ بارونق گُلستان بُلبُلن ہُنٛد
چُھ تسکینِ دل و جان موٗمنن ہُنٛد

چھ اَتھ باغس گلابن ہٕنٛدۍ تہٕ انبار
رنگا رنگ پوٗش عٔلمکۍ چھس مُشکدار

عطا گۄو آدمس دستوٗر حیاتُک
نظامِ زندگی چُھس پرٛیتھ زمانُک

کرُن تس رِکتھٕ عدل رِکتھٕ پاٹھۍ انصاف
تھوٗن میزان برابر چُھس ونان صاف

یہِ بدلاوان اِنسانس چُھ تقدیر
کران آزاد ژٹان زولانہٕ زنجیر

گرٛھان گنٛڈ یلہِ پرِتھ آیات قرآنکۍ
پھۄلان پمپوش پرٛھہِ ہٕنٛدۍ تہٕ یقینکۍ

پھۄلان ایمانہٕ والبن غونچہٕ دِل
کران تِم بے بہا دولت چھ حاصِل

نۆوُے سوزاہ سرۆداہ پأدِ سپدان
رُوحس نۆ تازٕگی پٔری پٔری یہِ بخشان
صداقت تہٕ پزٕر تألیم قرانٕچ
حُکمرأنی چھ ہیچھٕہ ناوان زمانٕچ

بشارت مؤمنن چھے بوزٕ ناوان
رۆحن تہٕ ہندہن طراوتھ چھے یہِ بخشان
انجام کیٛا کأفرن ہُند تی چھ باوان
عذابٕچ شیٛچھ وٕنتھ چھکھ کھوژٕ ناوان

ژٕے کیٛا زانُن تگی کیٛا اَتھ چھےٚ عظمت
امیُکھ اکھ اکھ حرف چھے عاأنِ رحمت
قرآنس کیٛا فصاحت تہٕ بلاغت
چھ گاٹلی کُلی گرٛھان وُچھتھے یہِ حُکمت

چھےٚ آیاتن ترنُم ریز لے بوز
پران یُس تس گرٛھان پأدا دِلُک سوز
چھ امہِ دٔری یاوِ کم لعل و جوأہر
لبان دُر ثمین اَتہِ گۓ مُفسر

ملأیک ہتھ پہ رحمت عرشہٕ پٹھہٕ وٕتھ
قدم تیمی تلی تمس دروازٕ گیٔ وٕتھ

چھُنا؟ پانٕے خدا اَتھ رأچھ کرُون
مُبدل زانٕہہ تہٕ اَتھ گرشھہِ مایہ تمی وٕون

زبر یا زیر یا پیش ہکہ نہٕ بدٕلِتھ
گٔرِتھ نوکتن شمار اَتھ یِم تہِ گٔنز رِتھ

جنت کیٛا گۆو جہنم ناو کتھ پیۆو
خداین اتھ اندر کمہِ آیہِ وبٕرشھہٕ نۆو

یمو بُتھ پھیۆر رسولٕن کیٛاہ تمن گۆو
حقس اِنکار یمی کۆر تمی تہِ کیٛاہ کھیۆو

مٔرِتھ کیٛاہ پیش پِیہِ کیٛا سپدِ انجام
عمل یس آسہِ پرٕھٕتس تیٛتھ چھُ انعام

یہِ چھُے سربستہٕ رازن ہُند خزانے
چھِ کم اسرار اتہٕ رَب زانہِ پانے
قَسم قرآنہٕ کی ہأوی ذوالجلالن
تقدُس کیٛا امیٛک بۆو لایزالن

نٹان چُھس چھُمنہٕ قلمس کیٚنہہ تہِ طاقت
لیٚکھان کم کاسہٕ گوٚو اچھِ فضیلت
الٰہی چُھس بہٕ شاکر بندٕ چونُے
قرآنکہِ نوٗرٕ ستیٖ بَر تہٕ سیٖنہ میوٗنُے



۸،۹مارچ۱۹۹۶ء

## اَکھ نعتیہ شعر

واوِ صُبحکہِ سرورِ دینؐ ، سرورس نِکھنا سلام
رحمتہً للعالمینؐ، پیغمبرس نِکھنا سلام



# غزل

تِم یاوٕنٕژ دوہ بأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

کوٚت گۓ سوٗندر مأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

ییٚتہِ ٲتی نیوٗکھ کیٛاہ
ترٛاوُن چھُ ییٚتی یہِ دُنی یاہ

نیرُن ہیتھ اَتھہٕ خأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

گنٛدرن ییٚتہِ گوٚو سوٗر
سوٗندرن تہِ موٗتن پھیوٗر

سمسارنےٚ مدٕ وأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

ینہٕ لالہٕ روٗشتھ گوٚو
ونہٕ کس مےٚ کیٛا گُدٕریوو

جِگرس مےٚ گۓ پرکأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

کمہِ نجدٕ وَنہٕ بُزی گوٚو
اَٰخر سُہ موٚت کوٚت گوٚو

مجنوٗن ٲسٕز ہا لأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے

دِلبر سُہ دلآرام
گُل روے تہٕ گُل اَندام

یَس جامہٕ وۄزٕلی نأژی
ژٕ ے ما یاد پێوان چھُے



# أسی شاعر

زمانس منز پننۍ الگۍ زَبان آسان چھِ أسی شاعِر
چُھ دُنی یاہ سون آسان بیوٚن تہٕ مست آسان چھِ أسی شاعِر

قلم یوٚ دوے تُلو تلوارِ کھوتہٕ تیز نیزٕ سُنۍ راوَد
پھِران شبنم تہٕ جگرٕ کی پوشہٕ ٹوٚری پھلران چھِ أسی شاعِر

ونان یارس چھِ دلہٕ کی زار، مدنوارس اَنان چھی عار
چھِ دارس پیٹھ کھسان، نارس وسان روزان چھِ أسی شاعِر

خیالن منز نبس پیٹھ تارکن ستین گِندان روزان
جبینس میٹھی گٔری گٔری زوٚنہ دِل رنٛزٕ وان چھِ أسی شاعِر

تخیُل سون کران پرواز پھیران آسمانو پیٹھی
تتھۍ رنگین فضا گمہِ مایہ سان چھاوان چھِ أسی شاعِر

کرٕنی منظر کٔشی یوٚد آسہِ قوٗدرتکۍن نظارن ہٕنز
بران ازموقلم کم رنگ تہٕ شکلاوان چھِ اُسی شاعر

تصوٗر سون ماران ژھالہِ گٔنہِ وزِ بالہِ تیٚنتالۍن
دِوان تس یارٕ ہٕندِ تاشوقہٕ وُنی نالان چھِ اُسی شاعر

چھےٚ آسان زیرِ لگنٕج تارٕ سانۍن شوخ جذباتن
تُھوِتھ گٔن وِگنہِ سوزس شوقہٕ سان بوزان چھِ اُسی شاعر

ڈلس منز بولبوشاہ جانوارن ہُندٕ چھُ تنٕبہٕ لاوان
تمن ہٕتی ساز وایان ہم نوا سپدان چھِ اُسی شاعر

وَچھس منز چھی کران اُسی گوٗرٕ گوٗر صُبحٕکس نوٗرس
سنگرمالن وُچھتھ یم نظرٕ شیہلاوان چھِ اُسی شاعر

گُگو گو کوترن ہُندٕ ہُو تہٕ اللہ ہُو کڈان اَسہِ کل
وزان ششکل گرٕبزان اتہِ سازِ دل وایان چھِ اُسی شاعر

چھ عاشق روٗدی ہٕتی اُسی آفتابن ماہ تابن ہٕندی
پکان گاشری وتو یم گاشہٕ پھتی سوٚنبران چھِ اُسی شاعر


۱۲/اپریل ۱۹۹۶ء

# جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

بۂ چھُس پشیمان بۂ چھُس پشیمان
جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس
عمل مےٚ کینٛہہ چھنہٕ بۂ چھُس مُسلمان
جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

شرف مےٚ مخلوٗقاتنےٚ پیٹھ
سُہ ربِ عالم گوُمُت چھ کیٛاہ دِتھ
شُکر بنوُس تمٔی بۂ اِنسان
جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

کلس مےٚ اوُسُم خلافتُک تاج
کرُن مےٚ اوُسُم عالمس راج
مےٚ ترٛوو پانے یہِ شوکت و شان
جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

دِلس اندر کم گُمانہٕ تھاوِم
مےٚ ہاوسن ہٕنزی پوٗتلی سجاوِم
دوہے بۂ روٗدُس یمن اُورزمان
جواب بۂ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

خزانہٕ سأری مےٚ آیتن اُس
یِمے مےٚ پانے تہِ بأگرٕنی اُس
مےٚ دور غأرن یہِ کیٛازِہ دامان
جواب بہٕ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

وٕوتھری وٕوتھری گنٛڈی وَتن مےٚ تھأوِم
مےٚ ترٛیشہِ کنہِ کأتی زہر تہِ چأوِم
کرٕنی مےٚ سکہِ للہٕ اُس گُلستان
جواب بہٕ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

یِمو اَتھو پننو مےٚ کوٚر کیٛاہ؟
مےٚ تور کیٛت پانہٕ ونتہٕ سوٚر کیٛاہ
عُمر مےٚ رأو چُھس بہٕ یاد پاوان
جواب بہٕ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

سُہ رُب اگرنے کرِہم عنایت
ژُلنہٕ مےٚ کأژاہ پیٚیم خجالت
مےٚ اتھہِ چھ خألی مےٚ چُھم نہٕ سامان
جواب بہٕ کیٛاہ دِمہٕ پگاہ خدایس

یہِ حق تہٕ ناحق مےٚ توٚگ نہٕ زانُن
رضاےٚ مولا مےٚ توٚگ نہٕ مانُن
وَنان شاکرؔ چھُ دیدٕ گرِیان
جواب بہٕ کیاہ دِمہٕ پگاہ خدایس



# أزِچ راتھ (شبِ قدر)

مُبارک آیہِ ہیتھ رحمت أزِچ راتھ
چھ وُٹھ مُژ عرشہٕ ہیتھ برکت أزِچ راتھ

کلام اللہ سپُد نأزِل...... تیٚمی رأژ
چھنا اَسہِ پیٹھ یہِ بڈٕ مِنت أزِچ راتھ

قرآنس منٛز ثنائے لیلۃُ القدر
سبٕھاہ افضل تہٕ خوش قِسمت أزِچ راتھ

اگر زانُن تگِی کیٛاہ گوٚو یُوہے شب
دِلس تسکین رُحس راحت أزِچ راتھ

چھِ مشتاق پانہٕ اَتھ راتس محمدؐ
چھےٚ عاشق بر نبی رحمتؐ أزِچ راتھ

قدر تیٚمی نیک بختن اَتھ شبس کٔر
وُچھم بخشان تِمس عزت أزِچ راتھ

دِوان لَس روزِ یُس بیدار راتس
رتھن ساسن ہثرِ ے اُجرت أزِچ راتھ

بلاشک عاأرفن تے عشقۂِ والین
بران پیمان نۓ نعمت أزِچ راتھ

خدا راأضی نبیؐ خوش روزِ دارن
سجاوان کیٖا تِمن جنت أزِچ راتھ

بصدقِ دل کران یُس یادِ مولا
کران دۄرتِمۍ ہثرِ ے غفلت أزِچ راتھ

غریبن مُفلسن بیٚہِ نامُرادن
بران گۓ ہلمنۍ دولت أزِچ راتھ

اول ژِ تہٕ پاأدِ کر ایمانِ کاأمل
وُچھکھ ادِ کیٖاہ کیٖاہ دِیِی زینت أزِچ راتھ

دِلس پننِس کھنان یُس نقشِ اللہ
ولان لس نۄرِ کۍ خلعت أزِچ راتھ

گرِژھن شرمندِ میونۍ یا الٰہی
چھ وُزِ ناوان یہ چون غاأرت أزِچ راتھ

یمن خوفِ خداتھاوان اشک بار
تمن ہاوان چھ اصلیح وَتھ أزِچ راتھ

درۄُداہ بر محمدؐ پَر ژِ شاکر
دِیِی ژیٚتہِ تاج تے حشمت أزِچ راتھ



ستمبر ۱۹۷۶ء

# غزل

رۄشِتھ ژٕولُکھ پۄشیدٕ چُھکھ بے عارٕ میونُے حال وُچھ
حبس ہوش نیوٚتھم پوشہِ متیو! پیارٕ کوتاہ کال وُچھ

پتہٕ کیا حسر چأنس ینِس یاوُن مےٚ ییٚلہِ سورہم پگاہ
یِکھنا ژٕ شُرٕی پأٹھِن گِندو! وُنہِ چُھس بہٕ خوردٕ سال وُچھ

گُل رویہِ! سُنبُل موئے ڈِیشِتھ یم زُلفِ پریشان!!
واللہ مےٚ نَے زن بُچھ ونیو سرفَو چُھ وۄلُمُتھ نال وُچھ

کم زۄنہٕ بُتھی شرمندٕ گٔری تھکھ میانہِ مصرکہِ یۄسفو
چھُم نظرِ تل چونُے جمال ڈیوٚنُٹھم یہ بے مثال وُچھ

کۆر ہردٕ داون ضایہِ دہے میانہِ لولُک باغ
گِندٕ باشہٕ کران سونتہٕ ہوا ژٕےٚ ءتی چھُ نألی نال وُچھ

بُلبُل یہِ دِل میونِ دلبرو! وۄلُمُت چُھ یُس چأنِٕ اُلفتن
تنبہٕ لان فقط ییٚلہِ چُھس یوان رنبہٕ وُن چونُے خیال وُچھ



# عظمتِ مُسلم

أسی چھِ وأرِث درقرآنکی أسی مسلمان کلمہٕ خوان
عالمس منز اسہِ مسلمانن تھزر بالا چھےٚ شان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

سون پیغمبرُ سرس پیغمبرن منز یُس عظیم
اُمتی تمٕی ہندی چھِ أسی اسہِ کلمہٕ تمٕی سُند بر زبان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

اسہِ نمازن ہتی لے، اوراد روزان أسی پران
ذِکرحق سرمایہ سون اسہِ ہوٗ تہٕ اللہ روح پران
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

سارِنے أسی رُت چھِ کانچھان سون پیغام صلح کل
أسی چھِ فِتنن موٗل پراٹان أسی یژھان امن وامان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

وأنسہِ وادَو پیٹھہٕ چھِ للہٕ ناوان یہ أسی سینن اندر
وُچھتہٕ توحیدُک امانت شوقہٕ سان کمہِ لولہٕ سان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

لاشریک اسہِ کُن خدازون مون سے اسہِ بے نیاز
وہمہٕ کِبن پوتلِبن کران أسی ریزہ پھٹلی گے بے گمان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

سر پٕٹن نمرِتھ کران اظہار چھی عجزٕ و نیاز
مومٕن پرزلان ڈٔبکس تارکھ چھِ زن سجدٕکی نشان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان

کل جھاںٕلکی گل پھوٗلِن یِم نونہال روزن لَسان
پرٛتھ أکس رٕژرٕ ے رٕژر، روزی تن پرٛتھ کاںٕہ نوان
أسی مسلمان کلمہٕ خوان



## رُباعی

الٰہی چھُس گنہگار چھُمنہٕ سامان
مےٚ چونُے ناوٕ بس چھُم راحتِ جان
ژٕ ے کُن محتاج اَتھٕ دأرِتھ منگان چھُس
پتولاکن عطا کٔری زبم مےٚ ایمان



# غزل

یِہمنا چھُس بہٕ در بِستر نِگارو
پیوٚمُت چھُم عشقُنٕے خنجر نِگارو
وُچھے یامتھ ژٕے جامن خونِ عاشق
رٹے دامن بہٕ در محشر نِگارو
پٕتم گر چھم مے شاہ ووتم وُٹھن پیٚٹھ
ژٕ یوٚد یِکھ نیرہ خوابن تر نِگارو
لوٚگُس یِنہٕ جانوارا والہٕ واشے
ہٕرتھ پیٖمتی مے چھم شہہ پَر نِگارو
چھُ کأنی چھُم مے پوشن سایہِ چوٗنے
یہِ روٗزِن تا ابد برسر نِگارو
قلم یامتھ تُلم گت ئژ مے شوٗقس
بٕرتھ آیہ خود بخود دفتر نِگارو

بنان چُھکھ میٔانہِ باپتھ گاہ ستمگر
گہے لاگان ژٕ چھکھ دلبر نِگارو
پتولاکن شرٛپیتِ گاٮ۪تی مزارس
چھ کم خاتم تہٕ کم قیصر نگارو
چُھ ہردم شاکرسؔ روزان أچھن تل
سُہ میون دِلبر پٔری پیکر نِگارو



# سلام بحضورِ علامہ اقبالؒ

اَے شاعرِ عاَلی مقام — اَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام
شیرین سوخن شیرین کلام — اَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

اے واقفِ رازِ حیات — ہاَوِتھ دیُتھ راہِ نجات
اصلُک پتہٕ وصلُک مقام — اَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

پاوان مُسلمانن ژٕ یاد — ''درسِ عمل'' درسِ جہاد
اَسُن چھُ اُمہِ روٗس ناتمام — ءاَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

مٔنزِل یمن اوس رٔ و مُت — مرکز یمن گومُت جُدا
چُھکھ راہنُما چوٗنے کلام — ءاَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

ہٕتھ آکھ اسرارِ خُودی — ءستی ہٕتھ رموزِ بیخودی
ضربِ کلیم قومس انعام — ءاَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

معجز نُما چوٗنے قلم — شاہٕد چھےٚ زبوٗرِ عجم
پٔری پٔری چھ روزان تشنہٕ کام — اَسن ژے پٹھ لوٖلچ سلام

فرہنگو سیاست بے نِقاب  
باطِل ژے کوّرتھن لاجواب  
رِتہِ کھوتہِ چھُ رُت چونے کلام  
اُسن ژے پۆٹھ لوۄچ سلام

اے بُلبلِ باغِ حجاز  
بیوّن چانئ لے بیوّن چون ساز  
گے پوختہِ بوٗزِتھ اُس خام  
اُسن ژے پۆٹھ لوۄچ سلام

کوّرتھن سرِ ژے لا اِلہٰ  
اے عاشقِ حق باوفا  
عشقِ رسولؐ چونے اِمام  
اُسن ژے پۆٹھ لوۄچ سلام

بوٗزِتھ مدہنگ ناو یام  
اوسُکھ گرزھان بے تاب تام  
رأضی ژے چھُے خیرالانامؐ  
اُسن ژے پۆٹھ لوۄچ سلام

شاکرؔ غولامن ہُند غلام  
نذرانہِ ہتھ آمت سلام  
باصد خلوص و احترام  
اُسن ژے پۆٹھ لوۄچ سلام



۱۴،۱۵/اپریل ۱۹۷۷ء

# وَتہٕ ہاوُک

طُفانس منز بنی آدم گٹہٕ زٔلی اوس وۄلُمت نال
اِچھ پھری پھری وُچھان اوس رحمتس، گومُت پریشان حال
گرٛشان أتھی عالمس منز ہنگہٕ منگہٕ بخت بیدار اِنسانس
اَتھس منز ژونگ ہیتھ وُچھتن ''وتہٕ ہاوُک'' یوان اقبال



اقبالہٕ ! پروُتھ پوشہٕ ؤنہِ اکہِ زندٕگی ہُنٛد تھوٚد مقام
اَے پیکر عزم و عمل! ہیتھ آکھ خودی ہُنٛد پیام
بامٔے سو مسجد أسی تن یا محفلِ علم و ادب
بخشان دِلن کیٲ تازٕگی بس چون روٗح پرور کلام



## شعر

یَتھ چھُ اکھ بیٲ کھ سرسری نظراہ کران
تِتھی وُچھان شأعر چھُنا بپنا أچھو



# نذرِ اقبال

دشمن نظامِ بأطلس	بروٗنٛہہ بروٗنٛہہ نِوا گوٚو قائِفلس
صد مرحبا تَس بُلبُلس	وُزِ نوٚو تیٚمی ہندوستان
بوٚر تیٚمی رَگن خونِ شباب	دیُت زندگی تیٚمی آب و تاب
لاہورِ منٛزِ منٛز سُہ آفتاب	پاتال تہٕ ما آسہِ گاشران
تس ماجہِ شاباش یَس ژٕ زاکھ	بختٕک بجر ہیتھ ییتہٕ ژٕ آکھ
تتھ قبرِ پیٹھ یتھ منٛز ژٕ ژاکھ	روٗزِن سدا رحمت وَسان
پٲری پٲری بہٕ تَس مردِ حقس	بیدار گٔژھتھ یُس نصف شَبس
منگہٕ منگہٕ کران پننِس رَبس	وُزِ ناوتن میون نوجوان
اقبالہٕ چائِنس مرقدس	پنہٕ نوٚ أچھر والو ڈُوَس
مےٚ چھِ یَژھ تہٕ پَژھ مُتِس دِلس	یہِ چھُ عاشقن ہُنٛد آستان



۲۰ر اپریل ۱۹۷۷ء

# آدم

یارَب! یہِ آدم چون سپُد کیٲزِ پریشان
کوّت گوّو أمِس صبُروقرار تسکین دل و جان

یہِ چھُ دژوت وایان گُلشنس، چمنن جنٛونس مژ
آباد کرِنی أسی أمِس کوہ تہٕ بیابان

لیس سجدٕ کوٚر ملکو تہٕ لیس اُوس اشرف المخلوٗق
لتس کُن وچھتھ شرمندٕگی ہیٚتھ رُوٗد اند شیطان

نوِ آیہِ متیو یوٚد ژٕ سونٛچن تژاے بدٕ لاوکھ!
بولن تہِ کلی کوٚستوٗری پھولن لولہِ گُلستان

للہِ وان أندٕری شورِ محشر چھُسنہٕ ونہٕ نَس وار
وَنہِ یوٚد پزَر شاکَر تہٕ سپدن چاک گریبان



جون ۱۹۷۷ء

# غزل

چھون پھۆلہٕ وُن لالہٕ روٗئے میٲنئن أچھن شہجار متیٛو
چھون درشُن ۂ دوٗنس دِلکس مےٚ چُھم سبزار متیٛو

کُنزِ کس یتھ عالمس منٛز ہنگہٕ منگہٕ سُہ دِلبر یاد آم
ووتھ أنٛدرۍ کٔنٛز شورِ محشر دِلکس گرس منٛز نار متیٛو

گوڈٕ پَر اناالحق اِدٕ ژٕ مَر سرٕ کر کیٛاہ گٔژھے زندٕگی
خانقاہو منٛز نبر نیر تہٕ کھس بردار متیٛو

مولُمت مُشک اَز کٔمۍ سنا بدنس تہٕ اَتھ ناژُک تنَے
خوشبوے ژھٹان اَز کُلِ عالم ہر طرفہٕ چھ مُشکٕنٛز دار متیٛو

کمہِ شایہِ چُھکھ وٕنۍ چُھس دِوان ہامیٛانہِ مِصرٕ کہِ یوٗسفو
مٕژ لاۓ گتھ أنٛدۍ أنٛدۍ گتھ کرٕ ہے پھیرٕ بہٕ ہر دربار متیٛو

وُچھتھ ژٕ سمسارٕکۍ حسین رشکِ قمر ییم ماہ جبیٖن
تگیے وُچھن یُس چُھم تُمِس چھا کأنٛسہِ سُے انہار متیٛو



# غزل

نہٕ پوشہٕ ژھٹہٕ ونُ یہِ میون یاوُن
نہٕ روزِ حُسن و جمال چونے

یہِ وُنہِ چھ سُل گر دِ یارٕ درشُن
یہٕ گوٚو تہٕ بڑٕ بوٚڈ کمال چونے

یہِ لولہٕ گُلشن ژےٚ روٚس گومُت برٕہ
نظر کر کھ اَتھ بہار ییہٕ ہے

مےٚ ہاوسن ہٕندی گلاب پھوٚلہن
اگر ژٕ ترٛاوکھ مَلال پرٛونے

ییٚنے مےٚ سوٚندرے ژےٚ ٹاٹھِ یارو
یہٕ عشقہٕ خنجر دُیتُتھ ہا دارِتھ

یہِ دِل چھُ زخمی بدن چھُ چھوکہٕ لد
جگر چھُ دَپھ خستہٕ حال میونے

چھُ سروِ قدٕنے گرٕ شہان کمر خم
چھُ مَسولن تام بُتھس ڈلان رنگ

کران تلکھ پیٹھ دِلُک سمندر
یوان چھُ یامتھ خیال چونے

نبس کھسکھ نامُدے گٕنڈِتھ چھُس
چھ آش کأژاہ مےٚ روزٕ دارس

ووٚں نیر تم نوٚن یہٕ وارٕ وُچھتھ
ژٕ عیز ہُند چھکھ ہلال میونے

یہٕ مُژ زلیخا دِوان چھسے وُنی
ییتم ژٕ چھُکھنا میون یوٗسف

یہٕ ژالہٕ کوتاہ ژےٚ روٚس ہا مدنو
چھُ زندٕ روزُن محال میونے

ژےٚ یارٕ شیشن شراب بوٚرتھم
یہٕ وارٕ شاکر خراب کوٚرتھس

یہِ تشنگی میأنی ژےٚ پیشِ داوٚر
بنی نِگاہ ییٚنہٕ سوال میونے



۱۹/اپریل تا ۲۸ اپریل ۱۹۷۸ء

# غزل

چاۓ عشقن بۓ موّت بنوُس
پان ئے ئے تہِ راوِ روُس
ہمیشہِ چاۓ رنۓ وِئے خیالن
بۓ یارِ مُرے مُرے تہِ زندِ تھوُس
داغ دی دی دہ ہے بے عار سَمین
تازِ پھوّلہِ وُن گلاب سوسہِ نوُس
تھونم از پگاہ تیٖمی سمکھنچ آش
وأنس رأوم مگر تمُی پیٔارِ نوُس
کُس مے پیوٗ و یاد أنڈری کِنٔ ووتھ تلوطُم
کُمی سنا دِلبرن بۓ تشبۓ لوُس
زأہدن ضایہِ کُر ئلی زندگی میٔانۓ
مرحبا رِندِ ہے تیٖمی پیٔالہ چوُس
کران شام و سحر شاکرؔ تمِس گتھ
شمع روین ئہ مسکین پَروانہ زوُلس



# اکھ یادداشت

مےٚ اوس سنور کلی پور (ماگم) کِس أکس شاعر دوست خورشید خاموشٔس پننہِ غزلہِ ہُنْد بنیوم شعر بطورِ نذرانہٕ سوٗزمُت۔

چاۓ پاۓ ڈھی ماتوٚگ کرُن زانٛہہ بولبوش
رُودی أسی خاموش تہٕ زأنِکھ کٲلی دوہے

امہِ کِس جوابس منز چھُ خاموش صأبن پنُن بونہٕ کنیک درج شعر مےٚ سوٗزمُت یُس یتھٕ درج چھُ۔ یہ چھُ بطورِ یادداشت۔

محترم شاکر صأب السلام علیکم!

ممنون تہٕ مشکوٗر چھُس بہٕ چون شاکر صأب۔
قلمس دِژٕتھ حرکت تہٕ لیٚچھت میانہِ دِلچ کتھ۔

خاموش سنوورہ



# مُومِن

شُہل شبنم دِلُک شہجار مومِن
دوا دادبن چھوکن بُلغار مومن

جمالس تہٕ جلالس منز چھ یکتا
کمالس منز چُھ کیاہ شاندار مُومِن

تھوان کافر نظر شمشیرِ پیٹھ بس
لڑان بے تیغ تے تلوار مُومِن*

ووتھان کُفرس خلاف یوٚد ہتھ سہٕ خنجر
گژیزان ہہہ ہیوٚ سِپہ سالار مُومن

سران بس نامِ مولا چھے سہٕ ہردم
پھوٚلان نارَس اندر گُلزار مومن

سراسر لول تے شفقت تِمس خوے
غریبن، بے کسن ہُند یار مُومن

چُھ کُفرس پایدار ٹھوٚر شِرکس مقابِل
ڈٕرِتھ فولاد ہیٚوٗ دیوار مُومِن

چھُ قرآنُک مبلغ راٗچھ دِینس
چُھ توحیدُک علمبردار مُومِن

کران پرواز عرشس فرشُک یہِ بسکین
چُھ ہر رنگہٕ رونقِ سمسار مُومِن

چھُ عرشس بیٚیہِ تہٕ فرشس پٔٹھ نگہدار
رٔٹِتھ موچھہِ منز چھُ اکھ سمسار مُومِن



* علامہ اقبالؔ کے اردو شعر کا ترجمہ ۔

کافر ہے تو شمشیر پہ کرتا ہے بھروسہ
مومن ہے تو بے تیغ بھی لڑتا ہے سپاہی



# غزل

دلبرس پتھنس وُچھم انہار بدۂے
چھم غزل ونہٕ ہنکھ اوے از شار بدۂے

رنگ بدل ڈیوٗنُھم گلن چمنس اندر
چھُس وُچھان گُلشن بدل گلزار بدۂے

منبر و محراب وَدان ژیوٗنُتھ ژےٚ ما؟
کیٛا وَنان ییٚم مٔشدِ ہنٛدی مینار بدۂے

مائے مُٹھ لوٗلچ خریدأری چھ کم
اُلفتُک سودا چھُ دروٗگ باپار بدۂے

رَتھ چھتیومُت سینہٕ بُری بُری کینہٕ ستیٚ
وَن یہِ کیُٛت لوٚگمُت دِلن منٛز نار بدۂے

وونیٚ بدل رسم و رواج سأنی نٔوی طریق
مجلسن سانٮ۪ن چھ وونیٚ زأوی جار بدۂے

ٲسی بدل اَسہِ چھا تِمن سٕتی کانٛہہ ہِشر
اکھ ٲکِس تِم وعدٕ وفادار بدلے

کیٛاہ کیٛاہ ونے اِنسانیت گٲمژ وُدٲسی
اِنسان بدل اِنسانہٕ سٕندی یِم کار بدلے

زندگی ہٕنٛزٕ شکلہِ برٕہے رنگ بدَل
پٲدٕ گژھہِ ناتیٚتھ اکھاہ زٲنٛی کار بدلے

ٲلی چُھکھ تھٕکان سورُے چُھ میونُے شا کرآ
ختیار گُنہِ پیٹھ ما چھُ زان مختار بدلے



# میون وطن چھُ لالہٕ زار

چھُس وطن دار پَننہِ وَطنُک چھُم امار
لول برُن وَطنس چھُ میونُے کارو بار

باگہِ آءتی چھِم مےٚ وَطنس ناگہٕ راد
باغ پھولوٕنی وُچھنہٕ ستی دِل چھُ شاد

قدرتن اَتھ شفقتُک اتھہٕ ڈولمُت
پننہِ نوٗرُک اتھ چھُ پرتو ترٛوومُت

چھُم وطن رنگین نظارن ہُند وطن
جوٗبارن، آبشارن ہُند وطن

اَر گُجہٕنے، ژُونٛٹہٕ باغن ہُند وطن
داٚن تھربن، بادام کُلہِ نے ہُند وطن

ویرٕ وارن، شہجارن ہُند وطن
سبزہ زارن، لالہٕ زارن ہُند وطن

بیرٕ تہٕ بُٹھی شوٗبہٕ وِنی یِم داں کھاہ
ماٚری مُنٛدی یِم پوشہِ ڈُوری کیاہ جابجا

أندۍ أندۍ وٚطنس چھِ شۆبان کوہ تہٕ بال
بالہٕ تینتھٲلۍ یِم ہٕنٛز پانے مثال

چھُم گلالن وطنہٕ کِبن مَخمٲلۍ بدن
دِل نِوان ڈیشِتھ یہ شبنم پیٛٹھ گُلن

وطنہٕ کِبن قُمرِ ین، جلن ہُنٛد بولبوش
کوترن ہُنٛد ہُواللہ ڈالان چھُ ہوش

رنگ برنگی پوشہِ ذٲژن ہُنٛد پھوٗلن
نوبہارس منٛز بہمارن ہُنٛد بُلُن

میانہِ وٚطنچہِ میٚژِ تہٕ ہُری میٚژِ ہُنٛد مُشک
میون زُو أتھی ٕستی، اَتھ ٕستی چھُم عشق

یٚیتہِ چھِ پیرن تہٕ فقیرن ہٕندی مزار
صوفین سنتن تہٕ سادن ہٕندی مزار

شیخ نورالدینؒ وٚطن للہِ ہُنٛد وٚطن
تس رسول میرنؔ تہٕ مہجورنؔ وٚطن

زُہد و تقویٰ، آشنائی ہُنٛد وٚطن
دِل نوٲزی پارسائی ہُنٛد وٚطن

میانہٕ وطنُک صبح دَم پھولوٗن سحر
لوسہٕ وُن تارکھ یہ نَب نُورٕکی سنگر

ویرناگ اچھہِ وَل کوکرناگ چھُم وطن
ڈل تہٕ مانسبل پٕنُن، پنٕنے وطن

گلرخن، گلروٗےَ یارن ہُنٛد وطن
مہہ پارن تےَ ستارن ہُنٛد وطن

ہردٕ کال ییٚتہِ کُلی لنجن زردِی پھِران
کُلی پنٕس زَن کاثہہ سونٛر سونہٕ رنگ بران

خاص منظر ہبتھ یوان وَندٕ کال یور
شینہٕ تھوٗسی تمہِ شِشری الماسک سُہ زور

مسوٗلن، ینبرزلن ییٚتہِ ہِنٛدرِ اُچھ
اُچھ ژٕ مژراو سنبل و نرگس تہِ وُچھ

میٛٹھی مونہِ، ماجن ہنٛزٕ ے شفقت وطن
یارن مدنوارن ہُنٛدٕ ے اُلفت وطن

ڈل تہٕ مانسبل یمن گُن کر نظر
آب زن آبِ زُلال شہلاوٗ جگر

ویرٕ ناگ، نیلہٕ ناگ قودرتکی نشان
یُس چھُ واتان تورتس یم دِل ژوان

چھسم کٔشیر سونہٕ ہٲرؠ وطن روپہٕ ہٲرؠ وطن
گل پھۄلِن گلزار پھۄلِن پوٚشِن وطن

شامہٕ پٮ۪تؠ گوشِن گرٛھان ییٚتہِ وِگنہِ سوز
بوز کھےٚ ژٕ تہِ بوز وٕنؠ کن تھو تہٕ بوز

قدر گےٚ پامال یہ وٕطنٕچ قدر رٲو
آیہ چھکرنہٕ مختہٕ مال اتھ گرٛند تہِ رٲو

اَز وطن رَتہٕ چھیٚپہِ دِوان کم کم گبر
زانہِ دَے کس ڈٲنہِ ہنز اَتھ لٔج نظر

شاکرس ؠتؠ وطنٕسے دِل بستگی
شولہٕ ماران باغِ دِل رنگ بارنگی



# ژلہِ لار

ٹاسہِ رارَے ئجِ ہپأری ئجِ لارِ لار
ٹھپ یپأری گو زندگی ہند کاروبار

آسمانے زَنتہِ تژھ پیِہِ تیُتھ صدا
ژایہ ژھپنبن بانبریے خلقِ خدا

وانہِ والبوِ وان ؤتھ تھؤو ژلی کپأری؟
لیس یہ اتھہِ آو لوٗٹہِ ٹمی تی نیوٗ یپأری

پُر ہجوم بازار بے رونق سپدی
ڈہی لمبکھ تھوٗد کھتی تہِ کم کم خانہِ ژدی

لُوکھ شُرکنبن ژاے تے تم ژوٗرِ رُودی
پھڑٹھ تمن گو خوفہِ ستبن زَنتہِ موٗدی

گولہِ ستبن خانہِ مولا پہوِ پتھر
حال وُچھتھےِ پڑتھ اُکس ژھیوٗن زَن جگر

روحِ آدم از چھُ واویلا کران
خونِ دِل ہاران اُچھو کنٔ وَچھ ژٹان

# حضرت حُسینؓ

حُسینؓ نوٗرِ چشمِ رسوٗلِ امینؐ
حُسینؓ دِلبند فاطمہؓ بالیقین

حُسینؓ حوٗرنِ یُس أچھن ہُنٛد چھ نوٗر
حُسینؓ یَس کران جبریلؑ گوٗرِ گوٗر

حُسینؓ ماجہِ بُتراٲژ أچھن ہُنٛد چھ گاش
حُسینؓ ظُلمکِس انہِ گُٹس منٛز پرے گاش

حُسینؓ دینکِس گُلشنس گوڈ بران
حُسینؓ خونہٕ ستبن چھ تتھ سَگ دِوان

حُسینؓ مردِ غازی دلاور دلیر
حُسینؓ میرِ لشکر رب سُنٛد سہ شیر

حُسینؓ عدل و انصاف کُے رأچھ در
حُسینؓ جبرو ظُلمس خلاف اکھ سِپر

حُسینؑ کربلاہس اندر شہسوار
حُسینؑ گُلشنِ دینُک نَو بہار
حُسینؑ پیکرِ عزم و صبرو رضا
حُسینؑ بادشاہ چھے حُسینؑ باوفا

حُسینؑ چھلہِ چھلہِ کران یزیدی غرؤر
حُسینؑ ابنِ حیدرؑ ضرور بالضرؤر
حُسینؑ سرفروش جانباز جانثار
حُسینؑ یَس چھ رأضی سُہ پروردگار

حُسینؑ پاک دِل پاک خُو پاکباز
حُسینؑ زیرِ خنجر چھُ لأگِتھ نماز
حُسین تاج وتخت کِبرو نخوت شِکن
حُسینؑ سأرےء اَتھ کران گوٗ دفن

حُسینؑ چھے مُصیبت زدن اطمینان
حُسینؑ اَسہِ چھ تعلیم صبرٕچ دِوان
حُسینؑ زینت عرش و لوح و قلم
حُسینؑ رونق فرش و ذی محترم

حُسینؑ شاہِ دِین شاہِ دُنیا حُسینؑ
حُسینؑ فخرِ ارض و سما بَس حُسینؑ

# مُبارک

نوٹ:- پروفیسر رحمان راہی سنٛزِ شعرٕ سۆمبرن کتابہِ یعنی ''سیاہ رۄدٕ جرٕن منٛز'' شائع سپدن ِکس موقعس پٮ۪ٹھ لیٚکھنہٕ آمُت مبارکبٲدی ہُنٛد پیغام۔ (شاکرؔ)

مُبارک راؔہی ییٚس کٔری تو مُبارک
کتاباہ ہٮ۪تھ یہِ شوٗبِس صد مبارک

ِکتاباہ مٲری منٛز دِلکش ،دلاویز
پٔرِتھ سپدان دِلُک پیمانہٕ لبریز

چھےٚ نظمن تہٕ یہِ غزلن ہنٛز ِکتاباہ
رُباعی ،نعت اَتھ منٛز شوٗبہٕ وِنی کیٛاہ

رنگارنگ پوشہٕ نےٚ ہُنٛد پوشہٕ گوٗنٛد اکھ
ورق مُژراو ! پٔر کم گُل ژٕ وُچھکھ

تھٔکنٕے لایق ِکتاباہ کٲشرِس منٛز
چھُ کوٚرمُت راؔہی ییٚن ِکتھہٕ کٔنی امیٚک سنٛز

گڑھان اَتہِ نظرِ نوٗ و آہنگ تہٕ اسلوٗب
نوٗے انہار نوٗ انداز کیٛاہ خوٗب

نظر ذیشان اَتہِ علمکۍ جواٗہر
گڑھان حاٗران کم گاٹلۍ تہٕ ماٗہر

کتاباہ ! پَے دِوان اکہِ پوختہٕ ذیہنٕک
قلم اظہار! اکہِ جذبِ درونٕک

تخیُل! تیتھٕ زِ پھیران آسمانن
تفکُر! زَن وُچھان سرٕ نہِ کھوتہِ چھِ سِرٕ ن

بیانس میٹھۍ لَے دِژٕمژ خداین
موٗدُر سوزاہ یہِ درٕدِچ نَے چھےٚ واین

ادیبس تہٕ قلم کارس مُبارک
کران شاکر چھُ فن کارس مُبارک



۹ر ستمبر ۱۹۹۷ء

# خراجِ عقیدت

## الحاج مُفتی محمد یوسف حسینی صابٕنس اِنتقالس پٹھ

یم علاقۂ نوشہرس منز سکونت پذیر اٗس تہٕ اللہ تعالیٰ ہَن اوسُکھ عزت و آبرو دِیتمت۔ خطیب تہٕ اٗس تہٕ اماٗمتکی فرائیض تہٕ اٗسی انجام دِوان۔ خوٗبصورت تہٕ اٗسی تہٕ سیرتس منز تہٕ اٗسی بے مثال۔ (شاکرؔ)

کُس یہِ گوٗ ورٕشتھ یہِ کُس ژوٗل؟ حسرتا!
وارِ وُچھتن خوٗب رو یوُسف چھُما!

اَز گمژ مجلِس چھےٚ دم پھُٹرٕ لتس وراٗے
دوٗر ہیوٗن یتھٕ گٔژ یہِ تٔمی سُند شوٗبہِ ما

داغ دِتھ یُس شامہٕ پٔتی ووت اتھ مزار
شب تہٕ بُتھہِ لتس آو رُت کیاہ شبِ جُمعاہ

گوٗو کیاٚری یُس اوس یہٕتہٕ مسند نِشین
ڈاف ترٛاوِتھ درلحد میٚژ منز چھُما؟

پرٛیزلہِ وُن تارُکھ نبس زن اوس، یُس
ؤنی بہِ دِمہٕ ہس نوٗن سہ گُنہِ کِنی نیرِ نا!

نعت خوانس اوس کیٚا مٔچھر ہٕٹس
تَس گوٚمُت اوس لحنِ داوٗودِی عطا

سازِ دِل اَز چُھم وَزان مِضرابہٕ روٚس
لالہٕ صأب![1] یِم بأتھ میٚأنی بوزِ نا

شٕچھ کنس تلٕ وٕنۍ مےٚ یاہوٗ کوترن
ھوٗ تہٕ اللہ یٖمی دِلس کھوٚن سُہ موٗ دما؟

مٔنزلس کُن گوٚو سٕرِتھ راہِ سلوٗک
یٖمی یہِ وَتھ رٕٹ مرِنہٕ زانٛہہ تس مرحبا

شاکِرو کُمی أکی نہٕ موتُک پیٚالہٕ چیوٚو
انبیاؑ تہٕ آے اِدٕ یا اولیاؒ

بے نیٚازس کُن پنُن سرخم ژٕ کر
رأضی تٔھی پیٹھ روز یہِ چُھے رَبہٕ سُنٛد رَضا



۱۳ر اکتوبر ۱۹۹۷ء

[1] یِمَن أسی سأری لالہٕ صأب وَنان۔

# عظمتِ آیاتِ قرآن

گئے عرشہٕ نازِل آدمَس آیات قرآئنکۍ
پرِیُس تُلان تس کھےٚ دِلس آیات قرآئنکۍ

یہِ چھےٚ ڈٲلی تٔمس نازنینسٕ فخرِ آدم یُس
اِکرام و انعامات تَس آیات قرآئنکۍ

لفظن اندر حرفن اندر اسرارِ الٰہی
یہِ چھُ گنج عرفان مؤمنس آیات قرآئنکۍ

حاملِ امیُک عربُک سہ اُمی پیغمبرِ لولاکؐ
وٕتھی یم اندر عربی خطس آیات قرآئنکۍ

نٔو تازٕگی اکھ نٔو حلاوت دَمبدم بخشان
فرحت دِلس تسکین رُوحس آیات قرآئنکۍ

غارس اندر تشریف تھٲوِتھ سرورِ دِین اوس
ہیتھ آو جبریلؑ حضرتس آیات قرآئنکۍ

دَر لوحِ محفوظ تھٲوِتی محفوظ یم ذاتن
کھن شاکرو پننس دِلس آیات قرآئنکۍ



۲۸، ۲۹/ اکتوبر ۱۹۹۷ء

# فنکارس کُن

اَڑ چائِس فنَس کُمی دیُت یہِ وَنتم
چھوٗنی کیٚا اَتھ سِرس محرم مےٚ کرتم
لگےٚ فنکارِ میٚانے یارِ میٚانے

بدَل تاثیر ہیٚتھ چوٗن سازو سامان
گژھان از حال بیخود یم چھ بوزان
چھوکن شہلتھ پھوٚان سپدان چُھ مرہَم
لگےٚ فنکارِ میٚانے یارِ میٚانے

دیُتے کُمی فن تہٕ دوٚپنے بن ژٕ فنکار
چُھ زَن آبِ رواں اَمہِ سازٕچی تار
چُھ مُژراوان یہِ سازُک زِیر تے بم
لگےٚ فنکارِ میٚانے یارِ میٚانے

رَباباہ چوٗن أندربم سوز وایان!
چھےٚ سارنگ دود عشقُن بوزٕ ناوان
گمُتی ہم رنگ تہٕ ہم آہنگ چھ باہم
لگےٚ فنکارِ میٚانے یارِ میٚانے

یہِ کمہِ تاشوقہٕ أمی لوٕلکی صدا دِتی
دِلس سنہٕ وِنی صدا یِم وَنتہٕ گس کِتی
نٔتس چاٮ۪ٕنس یہِ أندربم سوز ہمدم
لگَے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

فنس چانۆ اَتھو پأراو گۆو خوٗب
نۆے طرزِادا،نۆ رنگ تہٕ اسلوٗب
کران تقلید ژٕ ے فنکار کاٮ۪ٕتی بیکدم
لگَے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

ژٕ کرنووٗکھ فنن زان ستی میٖرٕن
وۄتھکھ بیوٗٹھکھ ژٕ نِش پیٖرن فقیٖرٕن
ژٕ ے وۄچھتھکھ دیدٕ مان با پیٖر کم کم
لگَے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

پیٖرٕن شش رنگ،عجب اندازٕ لَے چاٮ۪ٕنی
ہُنر مندی کماٮ۪ٕچ کُمی نہٕ أکی ماٮ۪ٕنی
پٔنٕنی لَے بأگراوان چھکھ ژٕ حاتم
لگَے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

دوٗیِم فنکار چاٮ۪ٕنی پأٹھی کانٕژ شاہ
فنس خونِ جگر یتھہٕ کُنی بَران چھا؟

پھوٗلان تہٕ پھاںٹھلان گژھ روز ہردم
لگے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

ووٗتھان اَتھ یادٕ کس سٔدرس مَلرزَن
یہٕ زٕہو رٔنزٕ وان یٔمن لفظن تہٕ حرفن
چُھ راوان تاب سپدان چشمہٕ پُرنم
لگے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے

ژٕے اے مُطرب حیاتِ جاوِدانی
ہُران روٗزِن کلاچ گُل فشانی
مرکھ یِنہٕ شاکرَس گژھہِ شوق برہم
لگے فنکارٕ میٲنے یارٕ میٲنے



۳۰/دسمبر ۱۹۹۷ء

نوٹ: غلام احمد صوفی چُھ کأشرِ موسیقی ہُنْد اَکھ صاحبِ طرز تہٕ منفرِد ووستاد۔ کأشرِ موسیقی چُھ أمی سُند خاص دیُت۔ یمو چھ گٕری متی نٔوی نٔوی تہٕ جدید طرز ایجاد تہٕ موسیقی ہٕندِس فنَس منٛزٕ اکھ خاص زُود بتہٕ پأدِ۔ یہٕ نظم چھےٚ تس ہنٛزِ ے فنکأری ہٕند بن تعریفن منٛز لیٚکھنہٕ آمٕژ۔

# حاجؔ صابس کُن

مدینس کُن ژٕ سکھرِیوکھ حاجؔ صابا
خدا توٚت واتہٕ ناٗوِ نے خوش نصیبا

مُبارک شوٗبہِ اَتھ چاٗنس یَرادس
رٕتِس سفرس ژٕ نیرُن چھے مُبارک

یہِ چھُے سفراہ چھُ یتھ ناو سفرِ محموٗد
چُھ اَمہِ سفرُک یہِ اَکھ اَکھ ساعت مسعوٗد

چھےٚ رحمت جایہِ جایے انتظارس
ثنا ساٗری ژٕ دَپ پرورِدگارس

لگے! ترٕمنِہ وتن کُن وَن یہِ ما دزاکھ
یمو رٕکِنِہ آسہِ پوٚکمُت شاہِ لولاکؐ

وَتن چھر کاو اَشہٕ کُے گرٕشھ کران نیر
بصد تعظیم کعبس اٗندی اٗندی پھیر

وُچھکھ ییٚلہِ حجرِ اسوَد بوسہٕ گٔرِ زبس
ٹُلِتھ پننِس دِلس گھے لول بٔرِ زبس

بلِی بیمار دِل چکھ تتہِ آبِ زمزم
جگر شیٚہلی تہٕ ژلنے دأدی تَے غم

وچھکھ غارِ حرا، غار ثور ژٕے
بِہان ییتھ منٛز نبیؐ اوس یُس شفیع چُھے

مدینٕچ گرد مَلکھ یوٚدوے ژٕ سینٕس
ہُرِبرِ سپدِی ژٕے ایمانٕس، یقینٕس

ژٕ واتکھ ییٚلہِ بخدمت گٔرِ زِ تکریم
چُھ شاہ کھاٗلُن تہٕ والُن اَتہِ بہ تعظیم

کمر پنہٕ ٹُے گٔرِتھ خم تہٕ کاٗر نومرِتھ
ژٕ نزدیکھ روضہ سٕے ایستادٕ روٗزِتھ

اَدب رٔچھ رٔچھ سلاماہ میٛأنٕی وٕنی زبس
گٔنڈِتھ گُلی حال سورُے عرض گٔرِ زبس

درو دِ چ ڈالی اَتہ پیش کُری زِ میأنی
مے روزہم تا ابد مِنتھ سو چأنی

ژِ ڈیِلے زبس وُچھتہٕ سونُے حال اَبتر
خطا یم گے بخش تم درگُذر کر

شفیع المذنبینؐ چھکھ نا ژِ آغا
دُعا منگ سانہِ باپتھ چھے ژےٚ دستگاہ

تُلِتھ اَتھہٕ عشقِ آنحضرتؐ طلب کر
کری اَتھہٕ روٚٹ ژےٚ اَتھ شوقس پیمبرؐ

ہوٚ ندُر دِل ہتھ پنُن شاکر گنہگار
شفیعُ المذنبینسؐ کُن ونان زار



۱۵/مارچ۱۹۹۸ء

# غزل

میانہِ کتھہِ ییٚلہِ یاد پاوکھ دِلبرو
پیتہٕ ژٔے پھیری ییٚلہِ ژٕ باوکھ دِلبرو

سایہ چون بر سرمےٚ رُوزِن تا ابد
یُتھنہٕ مُشراوکھ مےٚ تراوکھ دِلبرو

تڑاوِ ہےٚ یم مالہٕ گٔری گٔری نالی ژیٚنے
والہٕ ہا نبہٕ پیٹھہٕ بہٕ تارکھ دِلبرو

تنٛبلہِ ینہٕ دِل سروِ قد چونٔے وُچھِتھ
یُتھنہٕ تتھ ترٛشہ گرائے مارکھ دِلبرو

چھُکھ ژٕ نظرن تل مےٚ روزان ہم پہر
یُتھنہٕ دُورکھ یُتھنہٕ راوکھ دِلبرو

وُچھتہٕ بے تأبی مےٚ ینہٕ در انتظار
میٲنٛ ارمان لوسہِ ناوکھ دِلبرو

روزِ پانس تام کس لولُک یہ مس
ییٚلہِ ژٕ پانے بأگراوکھ دِلبرو



# بیادِ شہباؔز (ہندوور)

نوٹ:- معروف تہ نامور شاعر علی محمد شہباؔز (ہندوآری) ہندِس بے گناہ قتل سپدنس پتھ چھِ یم اشعار موزون سپدی متی۔

رٕوو یارَن یار سُہ شہباز ہائے ہائے
غمگُسار غمخوار سُہ شہباز ہائے ہائے

زندٕگانی تیٚمی پننٕز قربان کٔر!
دَردلا، دَگدار سُہ شہباز ہائے ہائے

گوٚنڈ کمر تیٚمی رٕود یُس جبرس خلاف
برسرِ پیکار سُہ شہباز ہائے ہائے

گوٚو زُوس پننس رِندان مُتی آیہِ یُس
کھوت اَسان بردار سُہ شہباز ہائے ہائے

واعظ شیرین بیان کوٚت گوٚو خطیب
ذِکرِ حق یَس کار سُہ شہباز ہائے ہائے

بٕو زمُت چھُم دِل لگان تُتھی اوس تَس
آسہِ گومُت ژار سُہ شہباز ہائے ہائے

تا اَبد ہنٛدِوارِ یُس مَس نیٚنٛدرِ شوٚنگ
بیٚیہِ تہِ لیکھہِ نا شار سُہ شہباز ہائے ہائے

ونتہٕ کتھ پٔٹھ تُمۍ یہِ موٚتک پیالہٕ چیوٚو
یُتھ یہِ کُمۍ کوٚر کار سُہ شہباز ہائے ہائے

تَس کرُن پرواز اوس ہیوٚر ہیوٚر وُچھن
تھوٚد کھسُن بِسیار سُہ شہباز ہائے ہائے

دِلچہِ پچہِ تَس پیٚ کھٔنتھ اوس مٔنزِلُک
پوٚختہٕ کار معمار سُہ شہباز ہائے ہائے

زندٕگی ہُند ژوٚنگ ژھبتہٕ ییٚمۍ کوٚر تِمس
تَس خدا بیزار سُہ شہباز ہائے ہائے

ہاگُلو ہا بُلبُلو دٔپِو توس وولو
ژھےٚ وچھان گرِ بار سُہ شہباز ہائے ہائے



# غزل

دَردہاں تُھوٚو تھم مےٚ نابد پھٲلی
دۄہے
وعدٕ گٲری گٲری تنٛبہٕ لۄوتھس ٲلی
دۄہے

چاۓنی پاۤٹھی ما توٚگ کرُن زانٛہہ بولبوش
رۄدی اَسی خاموش تہٕ زاۤنِکھ گٲلی دۄہے

فکرٕ تے غم بے شمار لوٕلکی سِتم
ہیٚتی مےٚ جِگرو! چانہٕ باپتھ مٲلی دۄہے
غم دۄہے للہٕ ناۤوی تہٕ جگرٕس داغ لگی
داغ یم اَشی وانہٕ پننے چھٲلی دۄہے

تتہٕ قوٗرابن یا قصابن چھےٚ نہٕ جاے
وُچھ بہتھ پیٹھٕ کنہٕ مےٚ تتہٕ ژٲری کھٲلی دۄہے

زانٛہہ تہٕ ماگٔے سیر تمہٕ گاٚمکی فقیر
باۤگراۤوِتھ ژٲڈ تمو اَسہٕ ڈٲلی دۄہے



# وطن پننے مے پوٗت آلو چھُ لایان

(کٲشِرِ پیٹھہٕ درٛامتس أکس مجبور محبّ وطن سندی آلو)

کتیک اوٗسس وطن دار تےٚ لۆگس کوٚت
سبٹھاہ تمہِ پننہِ وطنک چھُم مےٚ پھیران
تتھِ تم بونہِ شہجار وِیرہ سبزار
تراوتھ یم مےٚ بخشان أسی نظرن
سُہ صُبحُک کُکلہِ گوٚ گوٚ گٲتی جہِ بولُن
کنَن بلبل پچُن وُنہِ زَن گژھان چھُم
گیوٚن لےٚ میٹھ کیٛاہ أس ناگہٕ رادَن
رُحس تسکین سازندر دِوان أسی
لنٛجن پیٹھ جانور کیٛاہ أسی بولان
پَران تسبیح پنٕنی پأٹھی أسی آسان
پھولان أس مُشکہٕ ہٮ٘تی پوش جایہِ جایہِ
وُچھتھ یم آدمس اوس ہوش راوان
قُمری، کستوٗر تم جل میانہِ وطنٕکی
تمن نِش دوٗر پیوٗمت چھُس سبٹھاہ دوٗر

بہٕ اوُسس کن ڈِوان تتھ وِگنہٕ سوزِس
بہتھ درباغ بوزان تُلرٕ گس ءگس

وطن پننےٚ مےٚ ما پوٚت ناد لایان
کنن یم مایہٕ ہُتی آلو گرشھان چھم

کوو چھکھ دوٗر ژوٗلمت پھیر پوٚت پھیر
بہٕ للہٕ وَتھ لولہٕ کوچھِ منز میانہٕ گوٚبرو

پھوان چھُم یاد لوُسن آفتابک
کوہو پتی کنی وُسن روے ژوٗرِ تھاوُن

گوُمت ما میانی پاٹھی دم پھٹی ژِ واوو
مےٚ تورٕچ شیٚچھ اوے کینہہ چھم نہٕ واتان

سلاماہ لولہٕ ہُش تتہٕ کین نظارن
بہارن شوٗبہٕ نا میانی سلاما



۱۶/اپریل ۱۹۹۹ء

# غزل

میٲنہِ محبوبو ژٕ یِکھنا شامہٕ پٲتٕ
جامہٕ چھُتی چھِی بیٚیہِ وُچھتھنا شامہٕ پٲتٕ

تشنہٕ کامن گُن نظر کر ساقیا
جام بٔری بٔری چھِی پھِرکھ نا شامہٕ پٲتٕ

وچھ ملَر ووٗتھہن مےٚ دِلکس سٕدرہٕسے
سون سکھرکھ نا ژٕ جِگرا شامہٕ پٲتٕ

کُس چھُ یتھ لولس اندر کٕمی سُنٛد رفیق
چھُس بہٕ گُن زوٗن بس مےٚ خدا شامہٕ پٲتٕ

چھم خبر دردل رچھان کم شوق چھُس
تارکو دامن جرکھ نا شامہٕ پٲتٕ

بُلبُلن ہٕنٛز نغمہٕ خوٲنی چھے پسنٛد
وِگنہِ سازس گن تھوَکھ نا شامہٕ پٲتٕ



# غزل

پڑانہِ زمانٕک ییٚلہِ کانٛہہ یارا نظرِ گژھان
تَمہِ وقتُک چُھم أندرِ کیٛاہ کیٛاہ یاد پیوان

مےٚ تہِ اوس آسان گورموج گورَس ِگندنٕک شوق
شُرٕ لأزی منٛز شامن شامن ژٕورِ ہِہان

گَل أس نیران میأنِس شوقس سوٗنٛتس منٛز
کن دأرِتھ أسی بوزان أتی جَن ہُنٛد قرآن

تتھ وقتس منٛز مےٚ تہِ أس پوشن ہتی لے
بہٕ تہِ اوسُس باغن منٛز رنگہٕ رنگہٕ گُل سونٛبران

ِکتھہٕ کُنی سمکھنہِ نیران أسی محبوٗبن محبوٗب
تم دوہ پوٚت پھیر تھٕوٗچھنس بیٚیہِ دِل کرٕیشان



# ییٚلہِ موت چھُ پھران

موت پادر سٕہہ ژٕ وُچھتن زیر یٔمؠ أنؠ زورؤار
کیٛنہہ نہٕ مانان کۆژھ دِتس کوتاہ ژٕ کرتس زارٕپار

پابند چھُ وقتس چھُنہٕ گژھان پتھ برونٛہہ اکھ گٔر یاتہٕ ساعت
صبح أسِن شام أسِن دوہ یہِ أسِن یا یہِ رات

ژھال ماران سٕہہ ڕِوان کھیٚلہِ منز کٔڈِتھ کھٔہیوٗ چھُ موت
مال و دولت پیٛتھی چھُ تراوان بےخبر پأٹھی لیس یہِ ووت

مرگ لیس پھرِ چھُس کران لُرٕ پار تےٚ زیر و زبر
چھُس ڕِوان گرٕ منز کٔڈِتھ تہٕ واتہٕ ناوان در قبر

موت ظأِلم پنجہِ وہراوان پٕنٛزٕ پیٹھ معصومن
گلرخن زردی چھےٚ پھیران یام بُتھ ہاوان تمن

موت پھرِنن وُچھتہٕ کم جانانہٕ گٔری بے خانماں
ٹأٹھی بُتھی ڈولیے گےٚ لاچار سپدیے اُرزماں

نرم و نازُک بسترن ہندی گلبدن سیمین تن
ژاۓ موتچہِ ژنجہِ میٚژِ منز شۆنگی تہٕ شرٛپی تم مقبرن

یم وَلان اطلاس پانس اَس چھاوان سیم و زر
دُور نظرو نِش سبٕٹھاہ قبرن ژٕ تہنٛزن کر نظر

محلّہٕ خانن منز بسن واٚلی کوٚت سنا گےٚ دیوٗ ژٕ وٕنی
کرنز تہٕ تہندی ما چھِ نٔی تہنٛزٕ بے خبر ما کاٗنسہِ اَنی

مرگہٕ ستمن ہاۓ ہش زن لالہٕ رولیس پیٹھ بہان
جانہٕ وارن زبو ژھوکان چِھ پچ مشان بلبل کلان

ورگہٕ والان مرگ زالان مسولن ہِندٕر تہٕ نیہہ
دَردِلن واٚنج یہ کوران تراوان جگرس زن چھُ ویہہ

موت بے عار یار یارس نِش کوٚرُن کتھہٕ کٔنی جدا
دگ دِلس اَندری ٹلان تیُتھ بے رحم تیُتھ سنگدِلا

موت چھُنہٕ مانان کیاہ گومرد وزَن کیاہ زیُٹھ تہٕ کوٚنس
تالہِ پیٹھ لیس ووت عزرائیل تس آفتابہٕ لوٚس

واو موتک ژاو یتھ باغس تہٕ تتھ زن ڈوٗٹھ پیٛو
گو گُلن پرٛپار پھُلے ذٔز گلابن لوٗٹھ گو

ژھو کھ لگان ییلہِ ٹوٗٹھ کانژ ھاہ نیرتھِ گژھان تھاوِتھ فراق
أش وَسان بے وایہ پانے غم کران زن سینہٕ چاک

زندگانی عارضی شئے اکھ حقیقت بس چھُ موت
پیالہٕ موتُک چوٚن چھُ أخر پرٛتھ أکس أخر چھُ موت

مومنس کیٛت موت رحمت، موت نعمت رُت طبیب
موتہٕ چی شربت چھوان سپدان نصیب وصلِ حبیب



۳،۴ر دسمبر ۱۹۹۹ء

# خراجِ عقیدت

نوٹ: ممتاز رَباب نواز عبدالغنی ڈار ءسنٛدِس وفاتَس پتٕھ ، یُس لے ساز گلوکار غلام احمد صوفی صائبس ءستی ءستی محفلن منٛز رباب اوس وایان ۔ پننہِ رباب نوٲزی منٛز اوس مرحوم سبٹھاہ مأہرتہٕ ربابس اوس گبونس دوران بأ تن ءستی ہم آہنگ کران ۔ یہ چھُ پننہِ گامہٕ مقبرس منٛز مدفون ۔

(شاکر)

ہتا فنکار! کوّت گوکھ بے خبر پأٹھی
چُھ ما شایان ءتھہٕ کُنی چون نیرُن
گژھان گوشن مےٚ چھم یم چأنی آلو
ژےٚ اوسےٚ وُنہِ تہِ فن شیرُن تہٕ پأرُن

بہٕ وُچھہت محفلن منٛز ءتی یارَن
دِوان مِضراب تے وایان تارَن
وُزن ہیٚیہِ ہے رباب دِل أندرِ میون
صدا دی ہے تہٕ بنہِ ہے ہمنوا چون

رفیقاہ صوٗفی فنکارس ژٕ رُووُکھ
ژٕ موتن تابہ محشر نیٚندرِ سووُکھ
سہَل چھا یارٕ ہشِز یارس جُدأیی
دغا دِیُن تے کرٕنۍ یِژھ بے وفأیی

لگے فنکارٕ یِکھنا باز پھیرِتھ
یہِ لولُک ساز وایِگھ چھُے ژٕ شیرِتھ
مگر یُس یوٚرِ گوٚو پھیرِتھ سُہ کتہِ آو
تتیُکھ بسکِین تٔمی کوٚر توٗری ٹھہراو



# غزل

بہارا! کرسنا بیٔہ سایہِ تڑاوَ کھ
نظر ژےٚ گُن مےٚ چھم کر جلوٕ ہاوَ کھ

چھُم نظرن تل تمہِ نوٗرٕ رویو
سبٹھاہ چھُم آرزوے کر روے ہاوَ کھ

وُچھان چھکھ نا دِلس وٕژھ ٹاسہٕ رارَ ے
یہِ دڑامُت سانہِ آنگنٕ منٛزٕ ژٕ آسکھ

قدم لوٚت لوٚت ژٕ تُل امہِ واوٕ گڑاے
ڈلی رویس نقاب یوٚد یُتھنہٕ ووشلکھ

کتھن لوگُکھ ژٕ اَتہِ کمی دُشمنن میأنٛز
وول کوٚت نیرَ کھ ژٕ بیہہ از سانہِ روزَ کھ

نبَس تارکھ چھِ کأنٛیاہ کس شُمار آو
ژےٚ گرٛندراوِی زخم میأنٛز یُتھنہٕ گٔنزرَ کھ



# التجا بدربارِ رب ذوالجلال

غمٕو چُھم سۄر کوٚرمُت آغہٕ میٲنۍ
ژٕے نِش چُھس دۄر پیومُت آغہٕ میٲنۍ

گوناہ گٔری مٕتی سبٹھاہ چھم بار گوٚب گوم
بہٕ چُھس شرمندٕ گومُت آغہٕ میٲنۍ

پُھلَے برٕ گٔے مےٚ باغس کرتہٕ شاداب
سبٹھاہ کیٛنہہ چھُم ونیومُت آغہٕ میٲنۍ

بہٕ چُھس مسکین اَنہٕ کیٛاہ، ہیتھ بہٕ آسے
تنیوٚمُت دِل رُنیوٚمُت آغہٕ میٲنۍ

زُوس چُھم زر دِلس تھرٕ تھر مےٚ یارَب
ہٕرِتھ پیومُت چھونیومُت آغہٕ میٲنۍ

محمد مصطفےٰؐ چھُم بَس مےٚ کاٗفی
دلس چُھم یی گنیوٚمُت آغہٕ میٲنۍ

أشس چھَم دار اُلجمڑ مُضطرب چھُس
جگر چھُم وُدی مےٚ گومُت آغہِ میٲنوٚ

ژٕ اَتھ چمنس بہارُک رنگ عطا کر
چمن چھُم سوسہِ نیوٚمُت آغہِ میٲنوٚ

کرُم اتھ رٕوٚٹ ژٕ چھُکھ دسگیر میونُے
تُلم تھوٚد چھُس بہٕ پیومُت آغہِ میٲنوٚ

ڈکھس ژٕے چھُکھ بہٕ چھُس ایستادٕ روٗ زِتھ
کمبر نتہٕ چھُم ہلیوٚمُت آغہِ میٲنوٚ

پرُتھ لاتقنطوٗ مِن رحمتہِ اللہ
چھُ شاکر شاد گومُت آغہِ میٲنوٚ

گُلن میٲنین گُلالن راَچھ کری زٕبکھ
مےٚ پرُتھ کینْہہ ژٕیےٚ پُشرمُت آغہِ میٲنوٚ



# غزل

مدنوارِ یِکھنا سون قدمن چشمہِ ووتھراوے
اَتھ زأوِلس بَدنس بہٕ رنگدار جامہٕ پأراوے

ہا کامہٕ دِوو! چانہِ موکھہٕ پامَن مےٚ روٗزم جاے
کتھ جایہِ بیوٗٹھکھ توٗری وَنتم نامہٕ لیٚکھہٕ ناوے

برجستہٕ پھُلےَ چھَم مےٚ باغس سانہِ ساتھاہ روز
ہا پوشہٕ متیوٗ و پوشنےٚ ئتی چھےٚ ژےٚ دوہےَ لے

چھی جامہٕ ووٚزلی نأزلی وُبأزلی کیازِ کوٚرتھم دِل
یِنہٕ بأزلی ژےٚ پھیری میون کأزلی بہٕ ییٚلہِ راوے

ہا لالہِ رویو وُچھتہٕ کوٚرتھم بالہِ پانس سوٗر
دوٗربر مےٚ کوتاہ کریوٗتھ پیوٗ وِیتہٕ دَر دِلو باوے



(سہ تہٕ اوس سمے کیاہ)

# یادن ہنٛز دگ!

وَلا بُلبلا وۄنی دِمو تتھ زمانس
خیالن اَندر گتھ کرو تتھ زمانس

زمانا سہ اوس مسوٗلن ہُنٛد گُلن ہُنٛد
تمن سُنٛبلن ہُنٛد تہٕ یمبرزلن ہُنٛد

لسان تےَ بسان اُسی بے غم تہٕ آزاد
کران روٗہ تہٕ وَنہٕ وُن تمَے دوہ مےٚ چھم یاد

گوٗاں جانور اُس زن ساز وایان
قُمری اُس ''حق سِرہ ھُو'' بوزناوان

شہر اوس مِشکین سوٗنٛچ پھُلے زَن
بہارِے بہار اوس گامن تہٕ سرین

پۄان یاد ما بُلبلا! چھی ژ‍ے تم دوہ؟
نشاطن اَندر آٔسی مارِتھ یوان ژھوہ!

کتیٚو بُلبلا! حبہٕ کدٕلچ سو رونق؟
نظر بند کٔر دِیٚو تمے خواب وونگھ

پکاں بازرٕو آٔسی گل روۓ گل نار
گرہژاں شالہٕ یارس نکھے اوس شش یار

دُکانن سجاواں دُکان دار کیاہ آٔس
تمن زیبِ سر ٹوپہٕ دستار کیاہ آٔسی

ژھٹان گاش، شولان بازار تہٕ کیاہ آٔس
اَچھن نوٗر بخشان شہکار کیاہ آٔسی

اَما تم حسین مہہ جبیں سأنی کوٚت گے؟
اَما ہم وطن سأنی ننٛدٕ بأنی کوٚت گے؟

سمان آٔسی غم خوار کم بازرن منز!
کران آٔسی دربار کم بازرن منز!

کٲرِکھ طوطہٕ، کوٚستوٗر نا حق گرفتار!
ہراں موختہٕ یِم اَسی، کراں پوٚختہٕ گُفتار!

یہ گُفتار کمٕی سُند مےٚ گوشن گژھان چھُم؟
یہ آلو تَسُند ہاے جگرس تچھان چھُم؟

نظر لٔج کسٕنز ہاے امن و امانس؟
اَما کُس سنا پھوٚر یہِ آرام جانس؟

تمے صبح پھولہِ وٕنی تمے شام ییٚن نا!
لبالب بٔرِتھ کوثرٕکی جام دِن نا!

طبیبا! ژٕ یِکھنا! دِلکی دأدی باوَے!
گٕمژ ألی جگرس، وُچھکھ نا؟ بہٕ ہاوَے!



# تفسیر قرآن

## بزبانِ کشمیری اَز مرحوم میرواعظ مولانا محمد یوسف شاہ

سپُد نازِل قرآن از لوحِ محفوٗظ    سہ بَرختم الرسُلؐ پانے حقن سوٗز
قلم تُل عالمن کری تو مبارک    کوٚرُن تفسیر قرآن چُھس مبارک
کرُن تفسیر قرانُک چُھ مُشکل    تیٚمِس توفیق بنہِ تس کیا چُھ مُشکل
یہِ گوٚ وچھوٚن رَتھ پٔنِن سنگلاخ پڑاٹُن    زہر ژاپُن تہٕ اَدِیُل شیشہ واٹُن
کرُن تفسیر کنڈٕ بو پیٹھی گوپکُن زن    زنڈَن منز گوٚ یہِ پُژ ناوُن بدَن زن
یہِ گوٚ وسٕدرس وسُن ڈُنگ دِنی ژٕکس تل    ترٹُن منز تالہِ پیٹھ ہیٚنی نارِ کرتل
چھُ اَتھ شوقس اُچھن ہُنٕد تیل زالُن    دزُن تونٕدرس اندر اِد شوق پالُن
چھیٚمتی آءسٕی گرٕھن علٰی ہکی سمندر
مُفسر نیرِ اَدِ یس آسہِ رَہبر
کرُن تفسیرِ قرآن کاشرِس منٛز    یہِ کُمی سانیک بختن کوٚرامیُک سنٛز
یہِ کرِہا مرحبا صد مرحبا تس    مبارک تُمی سِنٛدِس عزم و ارادس
امیُک ذسلابہ تُمی میر واعظن کوٚر    سہ شاہ یوٗسف قرآنس لول تیٚمی بوٚر
یوان وچھہن قرانُک سُے مُفسر    پران وعظ ممبرس پیٹھ سُے مہاجر

یہ رَٹہٕ ہَن نالہٕ متہِ میوٗٹھاہ بہٕ کرٕہس    سلام کرٕہس تہٕ اِسبند زالہٕ ہالتس

دِیم نا جلوہٕ عٕلمُک سُے شہریار    دِلس دِتھ داغ ہجرُک گوٚ وسُہ دِلدار

خداسوٗزِن پٕنٕنۍ رحمت تُٕمس پیٹھ

تُھوتِھ سُے گوٚو یہِ مُنتھ کاشرس پیٹھ

مےٚ باسان ترٛومُت پرتو بہارن    یہِ کُر رحمت عطا پروردگارن

یہِ تفسیر اکھ خزاناہ معنہِ یَن ہُنٛد    گُلستاناہ یہِ عٕلمُک بُلبُلن ہُنٛد

یہِ تفسیر عاشقن دِل گاشراوان    مُنور دِل کران از عٕلم و عرفان

یہِ تفسیر وحدٕتکی اسرار باوان    صِراط المستقیم کیٚاہ گوٚو تہِ ہاوان

یہِ تفسیر معرفت پیٚالن بران زن    پیٚوان شبنم چُھ جگرس تشنہٕ کامن

ژھٹان خوشبوے چھِس حرفن تہٕ لفظن

ووٗتھان نوٗرٕکی لمبھ آین تہٕ سُطرَن

چُھ مُژران گنڈ سبٕٹھاہ پیچیدٕ نوکتن    پرٕتھ نیران چھُ پانے واش سوخنن

پرٕتھ تفسیر ایمان تازٕ سپدان    ژلان چھے گھے دِلن تےٚ وَرچھِ نیران

یہِ تفسیر پرٕ تہٕ بیان القرآن چھے    الٰہی فائض و برکت عام امہِ کُے

شُکر شاکر پران الحمدُللہ

پھوٗلان چھس دِل پٕنُن از یادِ اللہ



أزیُک یہِ منظوٗم خراج چھُ ہاوان زِشاکرصآب چھُ ووٚنی شأعری ہٕنٛدِس عروٗضس أنٛزی مٔنٛزی گوٗمت۔ وزَن، ردیف، قافیہ، بحر، تشبیہ، وغأرَن ہُنٛد یہِ شعوٗر ریٚیلہِ نصیب سپدان چھُ، پَتہٕ چھےٚ وَتہٕ روشَن سپدان۔ انسان چھُ پرٛتھ چیٖزَس پٮ۪ٹھ آسانی سان قلم تُلِتھ ہیٚکان۔

غلام نبی فراقؔ

۲۷؍ستمبر۱۹۹۲ء



# غزل

ؤلی وُو یارو ییٖہِ سَمو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی
اکھ اٰ کس ءستھن رَلو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

شوقہِ بوزَو بُلبُلن ہُنٛد بول بوش
ءدرِ بل تارس ترو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

دِل دَپان وَزِ ہا بہِ اَز مثلِ رباب
ءدرِ لیہِ باٰتھاہ گیٚوو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

اٰس سَمکھان منٛز نِشاطس لولہِ سان
لالہِ زارن منٛز سمو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

بولہِ وُن کستوٗر چھ بولان ڈل بُٹھس
وِگنہِ سوزس کن تھؤو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

مائہِ مُتی دژاہتی چھ سائلس شالہِ ماٗر
ڈل شِکاربن منٛز ترو اٰسی پژاٰنی پاٰٹھی

دِل مےٚ کرٛیشان چُھم شبانہٕ پھیرٕ ہا
زۄنہٕ پچھ گُے حظ تٕلو أسی پرٛآئی پأٹھی

باغہٕ منٛز دورَو چِھٹل پنہٕ پوشٕرہن
تُلرِ گیٚن گیٚن بوزہٕ ہَو أسی پرٛآئی پأٹھی

گُلبدن گُل روے محبوٗب دڑایہ ئُنی
پوشہٕ پھٔتی ہَلمن برَو أسی پرٛآئی پأٹھی



## اَکھ شعر

بُلبُلن أشی ٹأری برِتھ کستأم پھوٚ رمُت موتہٕ ژۄر
دِل گومُت رنج اَز یہِ بنٛیہٕ گأمی حأدثن سمکھاوی أسی



# غزل

ونتہٕ وبٖسٕر یے میون ہیؤ گُدربو کس
یِی مےٚ گُدربو تی ؤنتھ زانے بہٕ گس

جانہٕ وارن رۄ وُمت چُھم بولبوش
گُلی گٕمتۍ کستوٗر وُچھتَو پَتھ وَنس

سوٗنبلن تے نرگسن پھیؤر سوسہٕ نیار
بُلبُلن چھم پھیرمژ زردی روخس

میانہِ یتھ رنگ وارِ پوشن لوٚگ ززر
چھے مدنوارَن دِگنی اُلجمژ اوٚشس

خؤنہٕ سُرک ڈیؤنٹھم گمُت سوٗرے شہر
قلمہٕ ژٕرے ونتم! بہٕ عنوان کیٛاہ لیکھس

ژاٗلی کاوَن تاز رَتھ پژاژن چھ لور
گھش گومُت وُنی وُنی یہِ کس تام کوترس

میٲنہِ شہرُک انگ انگ چھو کہٕ لد گومُت
چھبس أچھن زٲن پھیوٗ رمُت موٗتُن رویس

پوشہٕ ٹٲری اڑٕ پھٔٹ سپدی برٕ گٔے گولاب
دژوت وایان کُس چُھ میٲنس گُلشنس

کرٛاے پھیران وأنجن ژھر ژھر گرٛشان
دِل چُھ آٔخر دِل بہٕ بُتھہِ کُس پَل تھوَس

شرم و حیا ہس گۆو یہِ دامن چاک چاک
شاکرٛا ییٚتہِ لۆگ عرٛوج خۆٚزری خویس



# کأشرِ زبأنی ہُنْد فٔری یاد

وُچھ حال أُجمٕژ چھس بہٕ دگن بار خدایا!
بے گانہٕ لاگان کاثہہ نہٕ پرٕ ژھن بار خدایا!

گُس وَنہٕ بہٕ بوزِہم گُس پنہٕ نِی چھم مےٚ مُشراوان
راہ کھارِ کُس ونہٕ کیٚا بہٕ ووٚپرن بار خدایا

للہٕ ماجہِ للہٕ نأوِس بہٕ تمہِ ڈٔپی واکھتہٕ بوٚ رنم لول
مُشران چِھ تمے لولہٕ سوٚخن بار خدایا

میٚأنِس ڈبکس تُمی موٚختہٕ جوٚر بٔری لعل و جواہر
ژارِ کی علمدارن مےٚ ہلمن بار خدایا

محمود گأمی ہیوٚ سوٚخنور پأدِ مےٚ نِش گوٚ و
گُلدستہٕ تیمی گٔری ہٕتی چھِ نعتن بار خدایا

میٚے دیُت زنم عاشق مِرزا شاہ بادِ کس میرس
تیمی ہٕنز غزل زن نافہٕ ژھٹن بار خدایا

مقبولِ حق، مقبول شاہ گلریز لِکھن وول
رنگ تمۍ چھ بۄ رمُت عشقہٕ کتھن بار خدایا

مہجور سُہ تھدِ پایہِ شاعر شاعرِ کشمیر
بۄرۍ لولہٕ تمۍ یم پوشہٕ چمن بار خدایا

سُے اَحد زرگر نرور یُھ بارستہٕ زبان ساز
تمۍ لولہِ سگہٕ ناوۍ میٲنۍ چمن بار خدایا

رحمان راہؔی فنکار شاعر أزۍ کہِ زمانک
گرمژ عطا ییمۍ زبوٚ چھ لفظن بار خدایا

دکہٕ دِتھ کڈان چھم بے رحم کیا میٲنۍ واَرِث در
گومُت کمن پچہِ پھیوٚر رُچھ أچھن بار خدایا

گومُت چھ مالنۍ کرٕون پنُن ازمےٚ واَنگجِ وور
ڈیشِتھ مےٚ سینس نیزِ سنن بار خدایا

شاکر بشیرٕنۍ میانہِ باپتھ دردِ ہتۍ آلو
پھِروان مےٚ کُن ظون دَردِلن بار خدایا



# مہجورٓ صاۂبنٛس یادس منز

شاعرِ کشمیر مہجورؔ نغمہٕ خوان
کاشریک ناۂدِر سخنور ترجمان

مٕتری گاۂمس منز سہ پنہٕ نے ماجہِ زاو
کُل کٔشیرے نیچھہِ ناۂوِتھ گو سہ ناو

قدرتن ازلے تمِس دیتُمت بجر
کار وو گنا ہیتھ سہ آو اورَے تھزر

بختہٕ بوڈ شاعر چھُ کیاہ مہجور سون
آسہِ ہے اَز ڈیشہِ ہون سُے نُندٕ بون

شاعری منز پختہٕ کار یُس باکمال
کاشرس پٮ۪نس ژٕرِن جوہر تہٕ لعل

گریسی کور پرتن تہٕ ادٕ مولہٕ ناوتن
خال و خط وُچھتن تہٕ دِل رنزٕ ناوتن

گریسی کورے دلبری کرٕشہٕ گلو
دھاں ڈوربن منز کھہن آرَن کولو

تس تہٕ خوجہِ باین چھما کانہہ ہمسری
تس پٕنُن ویوہار الگ چنٕچ پٕری

وُچھ گیوان لیہِ منز چھُ کیاہ صوٗفی حسن
سٔنۍ سٔنۍ گرِٛشھان بوزان یِم شیرین سخن

حلقہٕ دار اٙستھ کران گو شاعری
مرحبا اَتھ گاٹہٕ جارس تہٕ زِیرکی
زندگی ہُند اکھ پیاما شاعری
پَے دِوان زندٕ روزنُک پِرٛتھ شاعری

زندٕ روزکھ زندگی یوٗدوَے سرکھ
گرِٛتھ پکان بروٗنہہ بروٗنہہ ژِ تھُنوڈرکھ
چھے یہ ہیٚچھناوان سبق مہجوٗر صأب
اسرار باوان، سر وَنان مہجوٗر صأب

ولوَلاہ، جوشاہ دِلن تٔمۍ واتہٕ نوو
انقلابُک تہٕ جنوٗنُک راز بوو
ہتھ ؤری پرون چھے اکھ نسخہٕ قدیم
لیٚچھ کتابا تٔمۍ یہ حیاتِ رحیم

شاعرس ناشاد دِل از آسہِ شاد
تس پننہِ وقتُک گاش پیوٗمت آسہِ یاد
پھولنہِ لوٗگ نوٚو صبح بیٚیہِ نو گاش آو
شاعرس لوٗگ نوٚو وِتش ہبتھ آش آو

✿

# خراج عقیدت

مرحوٗم نشاؔط انصارِیس

کأشرِیک دگدار سُہ دلدار ژوٗل کپأری
بُلبلو وٲنۍ دِیِو مدنوار ژوٗل کپأری

دٕز پھُلےٚ دِلکس نشاطس ژوٗل نشاؔط
پوشہٕ موٚت چھاوان سُہ گُلزار ژوٗل کپأری

کأشرِس ادبس سبٹھاہ تیمی لول بوٚر
دِتھ دغا گو یار سُہ غمخوار ژوٗل کپأری

نیک سیرت ڈیکہٕ مُژرِتھ گتھ کران
پھیرِ نا پوٚت سُے مژھیٚل یار ژوٗل کپأری

سایہٕ دار گُل اکھ چھجل بۄنیاہ سُہ اوس
گرٕشمہٕ کرٕاین مژ سُہ شہجار ژوٗل کپأری

نامہٕ لیٚکھی مِتی لولہٕ سان تٔمی دِلبرن
چھُم مےٚ رٕژھرأوِتھ قلم کار ژوٗل کپأری

نثرٕ نظمُک تیٚمی ہیوٚہے میزان تھوٚو
روٗٹھٕ گٔری تٔمی طوطہٕ گُفتار ژٕھل کپأری

رونقاہ بخشان سُہ کیٛا اوس محفِلن
شخصیت تہہ دار طرحدار ژٕھل کپأری

ہستی یارَن تے رفیقن دَر دِلن
یُس کران روٗد لولہٕ باپار ژٕھل کپأری

مغفرت أسِن نشاطؔ انصأری یَس
تَس پھوٚلِن تتہٕ گُل تہٕ گُلزار ژٕھل کپأری



# دُعائے خیر

(نچہِ کورِ باپتھ)

یا الٰہی میٲنٮ۪ نچ رۄزِن پھولان
میٚژ اگر تُلہِ رۄزنس تتھ سون بنان
اَے خدایا! یُتھ نہٕ کانٛہہ اَکھ رۄگ وُچھس
یُتھنہٕ کانٛہہ بدخواہ کرۄہُن بمبۆر بچھس
گرشھہِ یمو کڈربو وتو تراوان قدم
یُتھنہٕ تھگنس لوسنس یِنہٕ مائزِ نَم
یُتھنہٕ خابس منز تہِ بد بُتھ بُتھہ پیٚیس
نینٛدرِ منز یِنہٕ لاٗو وائج ژھیٚپ کھیٚیس
پۄژھ حیہِ چ پۄشنَس یِنہٕ زانٛہہ رٕنبس
رۄزی نَس تن پاک من شۄژ رۄزی نَس
یُتھنہٕ ووٚدھ کڈِ باغہٕ منزٕ یوٚد ڈیشہِ نۄل
یا گُنس کانٛہہ کھوژِ ینہ تھوتھم قبوٗل
تا اَبد چھاوِنی یہِ نچ سرۄک شُہل
تاپہِ تژرس یُتھ نہٕ لگہِ پھولہِ وُن یہِ گُل

کیٛاہ تہٕ آسیا! تارٕگن لایَم کمند
سختی ین بنہٕ نَس سہل سپدن مہ بنٛد

ناو اٴمی ہٕنٛز زانہہ تہٕ مو سپدِنٛ ووہ بالی
پوشہٕ ڈل چھاوان روٗزِن بالی بالی

پوٚشتن، متہٕ راٴوی تن چشمن مےٚ نوٗر
سرسبز شاداب روٗزِن میٲنٛی کوٗر

پاٴزٕ ہٕنٛدی پاٴٹھی روٗزی تن ہیوٚر ہیوٚر ووٗ پھان
پرٕ آوی تن تھزٕرے تھزر سروِ رَوان

روٗزی نَس پھوٚلہٕ وُن یہٕ ڈکہٕ مِثل گلاب
پوٗرٕ سپدِنٛ میٲنٛی یِم سونہٲری خواب

مو گرٕژِھنٛز موحتاج زانہہ پھوٚلوٗن یہٕ ٹوٗر
ڈیٖرٕ پنٛنےٚ سیر سپدِن سورگہٕ حوٗر

زندٕگی منٛز یُتھنہٕ ووٚش نیٖرتھ ژلبس
اوٚش وَسبس چشمو تہٕ پِنہٕ زانہہ رنگ ڈلبس

ہاوسَن لگی نَس پُھلَے سَگ شبنمُک
یُتھنہٕ جِگرس ژھوکھ لگبس یا رَب غمُک

گرٕژھِ سجاوِنٛ عٲلم و ادٕبکی ژاٹہٕ ہال
پاٴدِ ییتہٕ سپدَن ہونَر مند باکمال

رۆزی نس أنٛدی پٔکِہ یہِ خوشوٗن سوٗنٛتہٕ کال
زانٛہہ تہِ موۆژھنہٕ نَس یہِ ہٹہِ چی موختہٕ مال
یُتھنہٕ کلہٕ ژھنہِ بوٗن تہٕ روزِہم دِل ملوٗل
دِل چھلُس، برتس یہِ از عشقِ رسوٗلؐ
دِل وسیع مثلِ سمندر رۆزیٔ نَس
کانٛہہ تنگی یِنہٕ پأدِ زانٛہہ اَتھ منٛز گرژھِس
اُوبرِو ہُریٔ نَس تہٕ بختک بۆڈ بجر
ہۆل ووتھِس یۆد کانٛہہ قدم گٔری زبس سبٕزر
کیاہ منگے نے مال چھُم نے چھُم مےٚ موٗل
یِی مےٚ کٔیت زانکھ ژٕ رُت تی کر قبوٗل



۱۲،۱۳/ اکتوبر ۱۹۹۲ء



''یہ نظم چھےٚ پزٕی توجہہ طلب۔ اکھ اوٚکنۍ زِ اَمہِ قسمُک دُعا چھُ کاشُرس منز سیٹھاہ نادِر، بیٚیہ اوٚکنۍ زِ اَتھ منز چھُ اَکس پُر خلوص مائٕلی ہندین پاکیزٕ خاہشن تہٕ بے پھرُوک اورِزوین ہُند اظہار سپدمُت۔ خدا بخشِن اَتھ دعاۓ خٲرس قبولیت۔

پروفیسر رحمان راہیؔ



مےٚ چھُنہٕ اَز تام پننہِ کورِ ہندِ ناوٕ یتھ دعاۓ خٲر کُنہ تہِ جایہ نظرِ گومُت۔ اتھ کُن وُچھِتھ چھےٚ یہ دعائیہ نظم منفرد۔ یہ چھےٚ یمہِ لحاظہٕ تہِ اہم زِ یہ چھےٚ ہاوان زِ شاعر چھُ (شاکرؔ) وارٕوارٕ تمہِ دٲرِ منزٕ نیرُن ہوان یُس موضوع لحاظہٕ تنگ چھُ تہٕ رنگا رنگی ہندِس بڈِس دٲیرس منز قدم تھاوان۔

نظمہِ منز چھِ اَکس مٲلی سُند پُرخلوص جذبات پنُن آسُن مُشکاواں تاہم ہیکن ہکُرن جاین لفظ بدلاونہٕ یتھٕ یمہِ سٟتی یہ نظم مٲری مندیت پرأ وِتھ ہیکہِ۔

پروفیسر غلام نبی فراقؔ



# تیٚلہِ تہٕ اَز

تیٚلہِ اوس آسان زندٕگی منٛز مائے تہٕ محبت
اَز کینہٕ حسد جاے رٔٹِتھ منٛز دِلن نفرت

تیٚلہِ اوس یوان سوکھ تہٕ سکوٗن ساڈِ لرٕبن منٛز
اَز چھُنہٕ لگان دِل آدمس رنگدار بنگلن منٛز

تیٚلہِ آسہٕ اَسہٕ وُنہٕ راٗژ گنڈٕوِنی دوہٕ مژھلی ساعت
اَز باگہِ آمتی غم تہٕ دوکھ گٔے پاٗدٕ یِتھی حالات

تیٚلہِ اُسی تم سیٚدی ساڈِ لٔکھ لولس کران وٮ۪ہار
اَز چھے دِلن کرٕ یہنیر مٔدرٕ زبوٗلی وُڈھن کُمہٕ جار

تیٚلہِ اُسی سازندر گیوان چھاوان سو بادام واٗر
اَز زٕہوٗ ژھوٗکیمٕٹ کوترن گیہِ بند ٹھُپس منٛز ہاٗر

تیٚلہِ اوس آدم آدمس دِل پیش کش تھاوان
اَز بوے پانس نِش دِلٕچ گتھ ماچھُ کینٛہہ باوان

تیٚلہِ اوس بخشان فرحتاہ اتہٕ گتھ سُہ گٲتۍ جن ہُنٛد
اَز دِل چھُ کرٛیشان ڈیشنس تمنٕے نظارن ہُنٛد

تیٚلہِ اوس دستوٗر یُن گرٛھن باوُن دِلن ہُنٛد راز
اَز کانٛہہٕ نیومُت روٗحِ آدم کُس بنبس ہمراز

تیٚلہِ اوس یوان سوز و سروٗر زوٗنہٕ پَچھس مٔنز
ژھیپہٕ ژھیپہٕ کران اَز لگھِ چھ ژمان دوہلہِ گُٹھن مٔنز

تیٚلہِ ٲسۍ درد دِل یار تے بأے اَکھ أکس پلزان
اَز بار پٔنُن پانسے پیٹھ اوٗری اویزان

تیٚلہِ اوس نیران سوٗنتہٕ پوہل نیٚری جنگلن کُن
اَز کتہِ سُہ آدم! کتہِ سُہ عالم روٗد جنگلن کُن

تیٚلہِ اوس سوٗنتس ستۍ ژھٹہٕ ماران أندرِم جوش
پرٛژ پار گُلالن وُچھتھ راوان چھُ اَز حبس ہوش



# غزل

گَمہِ باغہٕ پھُٲجِکھ توٗری یِمے ہا تیٖمبٕز زٲلی!
بمبۆر لاٗگتھ وٕنٛز بہٕ دِمے ہا تیٖمبٕز زٲلی!

دَگ چھم مےٚ جِگرس چانہِ باپتھ دِل چھُ پریشان
یۆ دوے کھٹکھ موکھ ویہہ بہٕ کھجے ہا تیٖمبٕز زٲلی!

ہنٛہٕ آس وَنہٕ گَس چھُس بہٕ گُن زون یَتھ زمانس منٛز
دِل نَے رچھکھ میون کۆت بہٕ پِلے ہا تیٖمبٕز زٲلی

کرٛیشان یہِ دِل میون ڈیشہٕ ہتھ وُچھہابہٕ جمال چون
وُچھنس یِم دُشمن مےٚ چھِجَے ہا تیٖمبٕز زٲلی



# غزل

زندٕگی میٲنی تس مدنوارس نِثار
یَس مدنوارس نہٕ یِوان میون عار

ژالہِ ژالیے اۆش بہٕ ہاران چھُم فِراق
بالہِ للہٕ وُن چھُم مےٚ أندرِی لولہٕ نار

ہا گُلو توٚہہِ ما سہ وُچھون یار میون
چھا نِشاطس منٛز بِہتھ کِنہٕ شالہٕ مأر

کینٛہہ تہِ نوییٚتہِ روزٕوُن نَے چھُ پوشہٕ وُن
سَر تہٕ رِندو تی ژٕلی تتہِ تیٚی بکار



# نظم

(گُل تہٕ گلزار گژھ پھۆلِن چانِہ وَتن)

یاوری دۄن عالمن گری نے ژےٚ دِے
روٗزِنےٚ ہردَم ژےٚ پوشن ؤتی لَے

سایہ رُوزِن رحمتُک چانِس سَرس
برکتھاہ سپدِن عطا چانِس گھرس

مو ییٚن چانِہ وَتن زانٛہہ ہرِ کال
سایہ وَہراٛوتھ ژےٚ پیٛٹھ رُوزِن بہار

زان دُنیا تاوُنن بازر مَتیٚا
راٛچھ گری نے یاوِنس چانِس خدا

گل تہٕ گلزار گژھ پھۆلِن چانِہ وَتن
زانٛہہ تہٕ مو کانٛہہ کوٚنڈ ؤسِن چانِہ اتھن

سوٗنتہٕ سبزارچ پھۆلے چانِس دِلس
میٛٹھی آلو نیرِنےٚ مَتہٕ! بُلبُلس

چانہِ أچھ یِنہٕ زانٛہہ وُچھن کٹہٕ کال رات
چھاو یم پھولہٕ وِنی صبح رنگین ساعت

نغمہِ تتھی رُوزِن گرٛھان چانِٛن کنن
پٔریہِ وَنہٕ وُن یُتھ چھُ شوٗبان پتھ وَنن

نِندرِ ییٚلہِ آسکھ ژٕ یِنہٕ دِل ووٗڑھ کڈی
لولہٕ کستوٗر اورٕ یور یِنہٕ ژھیٚپ کھیٚیی

ییٚتہِ ژٕ روزکھ تتہِ ژٕ گرٛھ آباد روز
شاکرٔنی یم شار بوز دِلشاد روز



# وژُن

کُنہِ ساعتہٕ نظراہ دِزِ ہے سون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون
ٲشراو غم غوصہٕ سورُے پرون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون

وٕچھ بُرٕ بُرٕ کاٲنسہِ چھِ پوشہٕ ہلَم   کاٲنہہ زٔول کنڈٕ بو لگٕی تس زخم
باغس منٛز یہِ چھُ قسمت پنون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون

کر موکلہِ ظُلمٕچ کٕٹہٕ کال راتھ   کر پھولہِ صُبح یِیہِ خوشٕون ساعت
کرژھٕٹہِ رنگ بیٚیہِ سون ڈٕکہٕ لون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون

وولہٕ روز ساتھاہ گُمہٕ شہلاو   دَم چھُ غنیمت کر ٹھہراو
رُمس رُمس منٛز سرٕہہ چھُم چون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون

راہ چھُ کٔمِس کٔمٕ سُنٛد تقصیر   ہنگہٕ منگہٕ بہٕ تہِ اَتھ منٛز گومُت گیر
دٔوپمے زاٲنہہ ما مونٛتھ میون   یِیٚلہِ یاد پیٚمہٕ اِدٕ پھیرِ میون



# نذرانہ عقیدت

(بحضور مرحوم مولانا قاسم شاہ بخاریؒ، عیدگاہ، سرینگر)

گنٛے یم منٛز دِلس لٔس پیٖرٕ سٕنٛز ماے
سُہ یُس اوس پیٖرِ کأمِل گوٚ سُہ کوٚت ہاے
تٔمِس پیٖرَس سلاما میٚانہِ لوٚلٕچ
گرٕ ھبس نا کانٛہہ اَکھاہ شیٚچھ ہتھ خلوٚصٕچ
عطا پیٖرَس تہٕ اوس عِلم شریعت
سُہ زانان اوس اسرارِ طریقت
سُہ عالم اوس تہٕ عٔلمس اوس شیدا
تِتھے یُتھ شمعسٕے پروانہٕ شیدا
سُہ عامِل اوس پرہیزگار سُے اوس
خدائس کھوٚژٕ دُن غمخوار سُے اوس
گُزاران زندٕگی اوس سادٕ پأٹھِن
نِشاناہ وچھتہٕ ایمانٕک یِہِ ٹأٹھِن
مدٕح تٔمی سٕندی قلم میوٗنُے لیٚکھان گوٚو

بۄ ژٕمی مائِل کۆرُس کتھ پٮ۪ٹھ اَثر گۆو
وچھُم تس پیٚر سُنٛد تفسیٖرِ قرآن

مےٚ دِل گۆو شاد کوتاہ چھُس بۄ تۆشان
یِہ ژٕمی سُنٛد کأشرِ پٮ۪ٹھ بوٚڈ چھُ احسان

زبان رٕژھراونک یِہ چھُ سنٛزٕ تہٕ سامان
مےٚ کیٚا چھُم اَتھ بدَل نذرانہٕ سوزِس

خدایس مغفرت منگہٕ وُن بۄ روزَس
پرَکھ یوٚڈوے ژٕ تاج العارفین پرَ

پھوٚلی دِل تے مُرادو ہٕتی ہلم بر
سُہ اوس اکھ پیشوا در مُلکِ کشمیر

سُہ اوس ذِی احترام تس اوس توقیر
مُبارک تس تیمِس اَس ہم نشیٖنی

ژٕمِس ہٕتِن رَہبر یُس چھُ دیٖنی



# غزل

پکان وُچھمکھ تہٕ زَن اَکھ نٔز قیامت
مےٚ چھم نَٹھ ووٕنی گرٕ ھکھ روزِٕنی سلامت

سو اَسہٕ وُنہِ تژایہِ مارٕنی گژاے چاٴنی
تِتھے پاٴٹھی کر وُچھتھ اے سروِ قامت

یہِ ماسے یار یُس دژاو سانہِ آٴنگنٕ
خبر روزیا! نہ روزیا! دِل سلامت

ژےٚ سٕتی رونق چھ پژاوان زندٕگی میاٴنی
ژےٚ روٚس گُذران مےٚ اَکھا اَکھ دوہ قیامت

یوٚ ژُھتھ یِی یارٕ تٔتھی پٹھ راٴضی روٗدس
مےٚ زبوِ پٹھ زانٔہہ تہِ ماٴنمے شکایت

لگبس یِنہٕ گژاے یژٕاٴ وِیُل چُھ دِل میون
یہِ وَنہس شیشہٕ تمہِ کھوتہٕ چھُس نزاکت

گوٗمُت تتھ پتھ چُھ شیدا یتھ فنا چھے
یہِ ما چھے شاکرن گرٕمژ حماقت



# محرم ،کس ژٔندرس کُن

محرمُک ژٔندرا نبس کھوٚت آو ہیٚتھ پیغامِ غم
وٚوتھ دِلن منز بییہٕ طلوطم یاد پیوٚ ظلم و ستم

اَتھ رتبس منز دینِ اسلام بییہٕ تہٕ وُچھ گو سربلند
بأطلس لُرِ پارِ سپدیو حق سپُد بییہٕ ارجمند

أتھی رتبس منز گو رواں ژُو ہیٚتھ حسینی کاروان
گو پران اللّٰہُ اکبر کربلاہس کُن پکان

رَتھ وَندے ژٔندروٚ مے وَنتم کیُتھ اوس ابنِ مرتضیٰؓ
خال وخطؔ تٔمی سُند أچھو وُچھمُت ژٔے چھُتھ تتھ چھُکھ گواہ

وُچھمُت چھُتن لختِ جگر تس فاطمہؓ سُند چھےٚ قسم
زیب تن تس جامہٕ کتھی أسی مہرازِ لیس پیٚٹھ گےٚ ستم

صورتن کیُتھ اوس بأوِتھ گرٛشتہٕ کیُتھ اوس سیرتن
وارِ وَنتم فرزند نبیؐ سُند، شہزادِ ژٔے وُچھمُت چھُتن

خونہٖ سگ دِتھ تازٕ یُٔی تھو تا اَبد دینٛگ چمن
تمِٔ حُسینَن حق پرستن کوٚر فدا اَتھ جان و تن

ژٕندرٕ لگہٕ ہے عاجزی کرٕ ہے تہٕ باوکھنا سُہ حال
تازٕ گرٕژھہے میون ایمان چھُے تمِس ربہٕ سُند سوال

بوسہِ دِتیٖ متی یتھ ہٕٹس تمِٔ نازنین پیغمبرنٛ
شراکھ وایٖنی تتھ ہٕٹس شوٗبیا یزیدی دُشمنن

محرمکہِ رازدار ژٕندرو! سورٕے وٕچھِت چھُے نظرِ تل
کربلا کرب و بلا ہے معصوم اصغرؓ شراکہِ تل

حضرتِ زینبؓ سکینہؓ دوٕنوے ژٕے چھی نظرن اَندر
بوٗزِہِش چھُتھ آہ و زاری دوٕنہٕ وٕنی چھُ از ژھیوٗنمُت جگر

ژٕندرٕ! بوزکھنا أندری مےٚ جگرس کیاہ یہ گوم
لوٗگ زٕژُر دِلہٕ کِس گلابس تیٚتھ أندری کٔنی غم سنیوم

نقش الااللہ بر صحرا نوشت کس گو لیٖکھِتھ
سطرِ عنوانِ نجات ما نوشت دُچھ گو لیٖکھِتھ



# خواب وُچھتھ

مأج واراہ کال گوے ووٚنی دٕور اَسہٕ نِس پیٚمتِس
روٗئے پتہٕ ماہوٚ وتھم زانہہ میٹھی کرٕ ہے تتھ بُتھس

مأج کأژَن سختین منٛز درٕ شکم للہٕ نووتھس
فِکر منٛز أسکھ ژٕ آسان میانہِ موکھہٕ راتس دوہَس

قدرتن اوٚنٛنس بہٕ در دُنیا چھسے پوٚت پیٚن چون
راتھ دوہ أسے ژےٚ میأنی کل تہٕ سربہہ اوسےٚ ژےٚ میون

ماژِ کرٕیلس سایہِ برسر چانہِ شہجارُک مےٚ روٗد
پھاپھلیوس، آیم کھوٗشی، تےٚ کجر پتہٕ ماے روٗد

یِیلہِ مےٚ اِدِ یاوُن لوٚبم لوکچار ژول پرووم شباب
چانہِ سگہٕ ستی آے پھلی پھلی میانہِ رنگہٕ وارے گلاب

مأج لگہٕ ہے کیا ژٕ أسکھ بونہِ ہُند شہجار مےٚ
چأنی شفقت روزِ پھلران یتھ دِلس گلزار مےٚ

یاد چھُھم کأژاہ فِکر رات دوہ آسی ژ۪ے میأنۍ
میأنہِ باپتھ کیٛاہ نہ کیٛاہ آسکھ رچھان ژ۪ے موج میأنۍ

بۆڈ گرٛزھان اوٗسس اَماشُر زوٗنتھس سبٛٹھے لوٗکٹ
کاڈیۆد میأنۍ قدن کۆڈ تۄتہِ ہے باسیوسَے لوٗکٹ

بے خبر پأٹھۍ سایہِ چوٗنۍ گوٗم ہے اَز سرٛۄتھتھ
کریۆٹھ کوتاہ اوٗس سُے دوہ گوٗس کتھہِ پأٹھۍ بن رٕہتھ

مأج یِیلہِ نیرتھ گیٛکھ پتہٕ تایہ ژٕنجو زوٗلہس
شینہِ مأنۍ ویگلیوس زن بہٕ ہٕسی بدن مدٕ دوٗلہس

کھوٗنت کھوٗنتِس پپٹھ لۆگُم اۆش ووٗتھُم روٗدُم قرار
ؤنۍ دِتم کھوورۍ دٕچھنۍ ڈیۆنٹھُم نہٕ ژ۪ے ہیۆ کاںہہ تہِ یار

مأج ژٕجھم ترٛووتھس کُن زۆن بہٕ صحراوس اندر
کأنسہِ اتھہٕ رۆٹ نے کۆرُم ژھٹہِ منٛز تہٕ گٹہٕ کارس اندر

مأج باسان چھُھم نہٕ جان وٕتھہ ناوِ یادَن ہٕنٛز کِتاب
رٕچھ نَے خدا! مےَ سپدِ نے چانِس لطیف رُوحس عذاب

مأج کتھہِ ہبکہٕ زندٕگی منٛز حق ادا چوٗنۍ کرِتھ
یۆد عطا سپدِہم عُمر خضرٕنۍ تہِ ہبکہٕ ما کیٛنہہ کرِتھ

انبیاؑ مرسلؑ تمام اولیاؒ تم یوٚت آے زاےٓ
کُل نَفسٍ ذایقتہُ الموت فرماوان خداےٓ

یام کانٛہہ مُشکل مےٚ درپیش آو غم پیوٚ دیُت مےٚ ووج
ژوٚل مےٚ زبوِ بے وایہِ نیرتھ وآے ماٗجی ہاۓ موج

دیُتنے تھزر کیٛاہ قدرتن جنت چُھ تل چانٛن پدٛن
فرموو یِی آنخضرتنؐ تمیٔ اُمی لقب پاٗغمبرنؐ

ماٗج دۄربر چون تَے میون موٗختصر بیٛیہِ ہے رلَو
کاٗلی سمکھو پانٕہ وأنی أسی داغ ہجرٕکی ہے چھلو



شاؔکرصاب!

اَکھ عنوان ہیکہِ اَتھ وبدأ اَکھی خوابٕہ پتہٕ تھاونہٕ یتھ۔ اَتھ ڈول مےٚ گُنہِ گُنہِ جایہِ اَتھہٕ تاکہ امیک وزَن روزِ برقرار۔ اگر نہٕ ژےٚ اَتھ ستی برابری ییہٕ ژٕ ہبلگھ نٕوی طریقہٕ تہِ وَرتاأوِتھ۔ مےٚ گٔر کوٗشش زِچاٗنس مانے یَس گوٚ ژھنہٕ کانٛہہ نوقصان واتُن۔ مزید گوویٛلہِ أسی سمکھَو۔

پروفیسر غلام نبی فراقؔ
۲؍ستمبر ۱۹۹۳ء

# غزل

شکل چأنی مےٚ بٔیہِ آیم أچھن تل
تٔمے بادأمی أچھ بُتھ نارٕ وُزمل

بہٕ شستٕر کھارٕ وٕانے کارٕنَے آس
بہٕ للہٕ وان درِجگر چُھس نارٕ چِ چھَل

ژٕ کتہِ چُھکھ تاپھ چھاوان سوٗنتہٕ کالُک
وَندس مٔنز چھَم گٔمژ مےٚ ترٕ ہانکل

بٕمبُر روٗشتھ ژُلُم بیوٗٹھُم پہلگام
سرینگرَے گٔمژ برٕ چھس تیٚمبرٕزَل

بَسان ما آسہِ ویسی ئیٚ یٔتھی شہارَس
قدم لۆت لۆت ژٕتُل مۆت ہے چُھ ڈانٛبل

دزان چُھم شالہٕ مأرسوٗرے مےٚ ژٕٹے روٗس
پھۆلان چُھم چانہِ ستیٚ دِلہٕ کُے یہِ اَچھہٕ وَل

گٲرِتھ گۆو ژِھنٛب تہٕ لۆت لۆت یار ژۄل کۆت
بِہتھ وُنی وُنی مےٚ ہےَ اوُسم سُہ نکھہٕ تل

کران خوٗنِ جِگر نوش مست تہٕ مدہوش
گومُت شاکرؔ تٔمِس موکر ژٕ گانٛگل

پھۆلان روٗزِن دوہے تٔمی سٕنٛز جوانی
ہُرِنی تَس آئے مٔرِژھ کٲژاہ سو نازَل

وَنان شاکرؔ مٔرِتھ روزِہم مےٚ تسکین
دفن کٔری زِہم مےٚ تٔمی سٕنٛزِ براندِ کنہِ تل



# غزل

بہٕ وچھہت دارٕ وچھہت یارٕ موژَل
دِلس ہیوٚتنم گرٛشھن دُب دُب ژٕ موژَل

بہٕ پأرأوتھ تہٕ لاگے نألی اطلاس
سِنی یتھنو تنَے وَتھرِے ژےٚ مخمل

نظر ما زانہہ گرِتھ باغس ززُر ژام
رنگس بے رنگ، سوٚنس گرٕتھم مےٚ سرِتل

دوٕہے میأنبن اَمارن ہٕنز پُھلے دٕز
مےٚ گَہشش گوٚو ہاوسَن وأیکھ مےٚ کرِتل

گٕمژ چھس مژ بہٕ پھیران بأڈی بأڈی
متھیو پمپوشہٕ سَر چھاوان چُھکھوڈَل

نیٚنڈٕر پیٚمژ نِگارس کتھ شہارَس
وچھان گرٛشھ تے ژٕ وبسٕر یے نیرِ جل جل

چھِ دَچھہِ پوشِری مےٚ باغس ساز وایان
ژٕ یکھنا چھم گیوان از دبدرِ تے جل

یِہم نا شامہٕ ژھاین تل نسیم باغ
بہٕ پیٚارَے تتھٕ ژےٚ تِمنٕے بونہِ نٕے تل

# فضیلتِ رمضان

مؤمنا چُھے ہَتھ مُبارک روزدار رۄدُکھ رٹتس
مغفرت بَنِٕ نَے امیدوار چُھکھ ژٕ تٔہندِس رحمتس

ماہِ رمضان رحمتُک رٔتھ نۄرِ عرفان بأگران
جنتٕکی درواز مُژران رب چُھ سپدان مہربان

ماہ رمضان نیک بندن نیکیَن ہُنٛد نوبہار
آو برجوش رحمتُک دٔری یاوچھےٚ رحمت بے شمار

ماہِ رمضانس اندر نأزِل قرآن گۄو اَلکتاب
بر محمد مُصطفےٰؐ چھےٚ آغہٕ سوئے آنجنابؐ

نیک بختن گۄو بخت بیدار گۄو غأبی نِدا
پکھ ژٕ نزدیکھ پرٕ یتھأ رکس ساعتس لبکھ فضلِ خدا

تازٕ سپدان باغِ دِل از ذِکرو اذکارو درۄد
شاد سپدان رۄحِ آدم پیش مولا در سجۄد



# طرحی غزل

(طرحی مصرعہ:۔سہ گلاب روے ڈیوٗنٹھم بیٚیہٕ اَز گلاب چھاوان)

.......رحمان راہی

سہ گلاب روے ڈیوٗٹھم بیٚیہٕ اَز گلاب چھاوان
باغچ پھُلے سہ چھاوان حوٗرن چھُ تنبہٕ لاوان

اَسہٕ وُنہٕ ہونٛجہٕ چھُ یوٚ دوے تڑاوان یار نظراہ
دِل چھُمہٕ ڈنجہٕ تھاوان پینٛجہٕ پیٹھ گل سہ چھاوان

ییہٕ کر سہ کامہٕ دبو میون لگہٕ ہَس بہٕ شامہٕ سوٗندر
جامن چھُ چاک دیاوان پامن چھُ جائے تھاوان

دِل چھُم مے تنبہٕ لاوان رٔنبہٕ وُن خیال ژٕمی سُنٛد
متہٕ پڑژھتہٕ کیاچھُ گدران کینٛہہ چھُمنہٕ سارٕ تھاوان

لۄ سِتھ گیم جوانی متہٕ چھی ژٕے بار میانی
شرمندٕ گژھ چھ مۄران سونہارٕ میانی ارمان

لوٗتُھ مےٚ عشقہٕ خنجر ناوَس وندے بہٕ ژٕےٚ سر
مدنو یہِ ناو چونٛے چُھے میون سَنٛز تہٕ سامان

اِلزام یی تنس ٲکتی لَے لتس چھِ رِندٕ نٕے ٲستی
شاکر چُھ زاۤہدن نِش دامن پنُن بچاوان



## ٹُکھ

وُزٕنۍ کتہِ لگہِ کلامس ییٚلہِ أنٛد رِی ٚکنٛز ناگہٕ راۓِ ہوٚکھ
تخیل کوترا وُڈوُن غمو ڈاکخانہٕ کہٕ ییٚتہِ برٛوکھ
مےٚ پیٹھ لأزِم سُلی نیرُن تہٕ واپس ژٕیری گرٕ واتُن
یہِ تعشوق میون یمو بندِشو ہٕندٕ وارموتھٕے گٔنٛزٕ ٹوٚکھ



# لوکچار

کۄت گۄو سُہ مژھیل یار میون
سُے بونہٕ ہُنٛد شہجار میون
پۄت پھیرِ نا دِلدار میون
مےٚ چُھ یاد پیوان لوکچار پٔنُن

دَچھہٕ پوپُر ییٚلہِ اوس سوز تُلان
کن دارِتھ تَس اوسُس روزان
سَنٛز سَنٛز مےٚ جِگرس اوس گژھان
مےٚ چُھ یاد پیوان لوکچار پٔنُن

پنہٕ پوپُر باغ ییٚلہِ اوس اَژان
چھٹہِ دار سو تن تمی سٕنٛز شوٗبان
ژُری پاٹھی بہٕ تس اوسُس دوران
مےٚ چُھ یاد پیوان لوکچار پٔنُن

سُلہِ صُبحے گُتی جن ہُنٛد اتھ گژھ
بروٗٹھہ نیرُن بروٗٹھہ اَتی تھےٚ ہیوٗن پتھ
دِل میون گژھان اوس مُتی اَتھ پتھ
مےٚ چُھ یاد پیوان لوکچار پٔنُن

اشرف تہٕ بہٕ گندان تیٚلہِ ٹینکن آس
ہلمن منز ٹینکن للہٕ وان آس
تمِ ساعت تہِ کأتیاہ خوشوٕنی آس
مےٚ چھُ یاد پھوان لوکچار پٔنُن

پمپوشہٕ ڈلس منز یارن ستی
گندٕ باشہِ کران کھلہٕ وٲتھرن ستی
یِم خواب سجاوان اوسُس ہٕ کتی
مےٚ چھُ یاد پھوان لوکچار پٔنُن

گُلی تہربن پٹھ کستوٗر آلبن
واتان بہٕ اوسُس تینتالبن
بروٗنہہ بروٗنہہ ژلان دوٗرن والبن
مےٚ چھُ یاد پھوان لوکچار پٔنُن



# مبارک باد

غلام محمد وانی (ساکنہ کھرِیو) صاٗبس شُرٛ ہن ہئدِس کھاندرس پیٹھ لولہٕ ہوٚت نذرانہٕ

کتھ سنا پیٹھ میون دِل از شادمان
از غمو رۆستے ییٚہ دِل فرحت لبان

نافہٕ مُلی مُلی زن ہوا خوشبو ژھٹان
میٹھی ییم آلو چھ ازگوشن گژھان

وولہٕ سنٛس آمتی چھ زن ییم جانہٕ وار
کرنہِ آمتی نالہٕ مُتی یارن چھ یار

روف کران مستوٗرٕ ونہٕ وان پانہٕ وٲنی
صاف گاٗمتی دِل یہٕندی چھُکھ مَل نہٕ دٲنی

از وہاب کھارس مُبارک باد سون
ڈاف وستوٗری وَن چھ ترٛ اٗ وِتھ پیر سُون

گوٚ و مہربان وٲنی صاٗبس پیٹھ سہٕ رب
چھے خوشی ہُند شاٗدیانک یی سَبب

کورِہ تے گوٚ برس بخت بیدار گوس
خوش تہٕ خوشحال روٗزی تن ووٚنی میون دوس

روٗزی تن دوٚنوے پھوٚلان مِثل گلاب
زانٛہہ مۂ لوٗسن یِہنٛدِ حُسنک آفتاب

یارٕ شوٗبی صد مبارک باد میون
لولہٕ ہوٚت دِل ہیتھ یہِ شاکر آو چون



پیش کش بمقام کھریو 26-08-2002

# خراج عقیدت

(بیادِ مرحوم مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ)

دَم بخود گاٲمژ چھےٚ از کاشُر زبان
جانِ جانان کوٚت سَنا گوٚو سُہ مہربان
ٲمی مدنوارَن یہِ کوٚت تشریف نیٚو
دأن پوٚشو تہٕ دِیو وٕنی تی وچھو
رِند مشرب تیٚمی چیوٚمُت عشقُن شراب
مست و مدہوش روٗد زِینتھ گوٚو ثواب
پاک سِیرت، پاک دِل سُے پاکباز
کاشُرِس اَدبس ٲمِس پیٹھ روزِ ناز
عِلم و ادبکی نوکتہٕ وبزھہٕ ناوان اوس
گاٹہٕ جارس منٛز سُہ یکتا پوٚختہٕ اوس
وَنہٕ سہٕ شاعر یا اَدیب نتہٕ کیٛا وَنَس
پوٗر ماہِر اوس منٛز پننہٕ نِس فنس
فلسفی اوسا سُہ سائنس دان اوس
نکتہٕ اَدِیل اُس یِم وبزھنان اوس

عاؔرفن تیٚمہ معرفت کٕے پیاؔلہِ چیٚو
نقشِ ھُواللہ کھٔنِتھ بر دِل سہٕ گوٚو

ژٕمہ قلندر ڈیوٗٹھمتھ اقبال اوس
لوہوٗرس منٛز بخت پٔنُن بیدار گوس

پُرخُمار چشمو یہِ ژٕمہ تڑاؔوِس نظر
اِدِ کمالس ووت اِدِ ژٕمہ لوٚب تھزر

خوٗن جگرُک تیلہِ کنہِ ژٕمہ ژاؔنگہِ زوٗل
کاؔشرِس شیرِن چمن بوٚرنس یہِ لوٗل

قبرِ پھوٚلی نس رحمتکۍ گُل دَمبدم
راؔضی تس روٗزِن رسوٗل محترمؐ

تَس قلمکارس یہِ لوٚلچ میاؔنۍ سلام
شاکرو کر موٗختصر بس کر کلام



۱۵/اپریل۲۰۰۳ء

# خراج عقیدت

(بیادِ معروف گلوکار مرحوم غلام نبی شیخ)

[شیخ صأب آو کشیرِ نبر گرٛ ھان گرٛ ھان پنجابس منزٕ ترینہِ منزٕ نامعلوم نفرن ہندِ ذٕسی قتل کرنہٕ]

سُہ آو یتھ دُنی یاہَس تے یوریُن اوسُس بہٕ کیٛاونہٕ ہَس
دِلن ہُند دود وُزٕ ناوِتھ گرٛ ھن اُوسُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

مدنوارس وَزان روٗنہِ زَن ہٹس بوزان بہٕ چھُس شرٛونی شرٛونی
موٗ دُرمَس غزلہِ ہُند بانن برُن اوسُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

کران ٕگنگرا ے پانس ٕتی بہٕ وُچھہن زٕوٗنہٕ رأژن منٛز
رفیق رازٕ نی غزل گیونٛک ہوٗس اوسُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

دِوان آلو خدایس آسہِ ہے کُن زون نصف رأژن
صدا یم دردِ سوزٕ کی میٹھی لایان یُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

گلوکارس تمِس یارس چھ ژھاران محفلِن ہندی یار
ہٹیٛک میچھر بیٛین گوٗ وبأ گراوان یُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

قُمری، کوتُر تہٕ کستوٗر زِیو چھ نیٚنگلِتھ دَم بخود گاۓمتۍ
وُچھان یِتھ ساز وسنطورَس چھ وایان کُس بہٕ کیٛاہ وَنہٕ ہَس

کران پُرسوز لیَہ منٛز نغمہٕ خوانی ییٚلہِ صُبحدم اوس
پھولان پمپوشہٕ ڈل اَندرِی وُچھان اوُسس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

غزل نو کانٛہہ ہٕنہٕ موٗکھہٕ مارُسول میرس سُہ سمکھنہٕ دژاو
ییا واپس گیوٚیا ییٚہہِ زانٛہہ بہٕ پیٛاران چھُس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس

یہِ کُمی تَس بیٚجبر پاٗٹھِبن دِتے بزم کُمی یہِ کڈِنس کل
سنگر پھوٚلنے سُلی کوٚت یوٚت ژلُن اوُسس بہٕ کیٛا ونہٕ ہَس



# غزل

ٹُلرِ گیٚن گیٚن گوٚو مےٚ کنن ڈوٚپ دِلن دلدار آو
سۄز پأغاماہ یہِ تٲمی اَز جلوٕ دِنہِ اَز یار دژاو
نالہٕ متہِ رٹھن بہٕ نیرَس بُتھہِ پٔنُن سر آلوَس
بربڈی مشکٕ پھلی زۄنہِ ہُنٛد اڈ ہوٚنجہِ اسہِ ڈُنہِ سون ژاو
مۄل ہُر یوم کھوٚٹ سون بہٕ اوُسس وچھتہٕ پتھ گُن تھوٚو ہَس
تٲمی سٔندے ٕستی پرٛزنتھ میأنی زانہِ ہے گُس میون ناو
کانٛہہ نہٕ پٔنُن کس ونان چھُکھ طوطہٕ کتھن چھُے نہٕ سۄد
پرٛشہارس منٛز کران چھُکھ کاوٕ ٕسنٛدی پأٹھی ٹاو ٹاو
تَس لگان یمٕنے مقامن دِل یوان تٲتی تھےٕ قرار
ژار آسیا یا پکھر پۄر کوٚت سنا موٚت میون دژاو
کأتی در دُنیائیہِ فأنی آئے واپس کأتی دژاے
شاکرو ییٚتہِ نو دَرن پائے کأنسہِ ٕستی مو راوٕ راو



۱۷/۱ اکتوبر ۲۰۰۳ء

# بَبُل تہٕ میٲنہِ کِتابہٕ

ہَتا بَبلیا! ژےٚ رووٗے کیاہ مہَ کر میٲنن کِتابن سٟتؠ

ژٕ نازانکھ محبت کیٲہ

مےٚ چھُٕم پنٕنن کِتابن سٟتؠ

قلم رَٹ پتھ ہتو ببلیا! ینو کانٛہہ رِکھ کتابن دِکھ

ژٕ ژِٹھ یُتھنو ژٕ نِکھ ورقا

مہ کر میٲنن کِتابن سٟتؠ

بہٕ ونہے چھُکھ ژٕ ژُنہِ معصوم بجر عٲلمُک تہٕ عظمت کیٲ

پرُن یژھی نے ہتو ببلیا

مہ کر میٲنن کِتابن سٟتؠ

مےٚ ناتوٚگ زانٛہہ تہِ سون تہٕ روٗپھ سونٛبراوُن جمع تھاوُن

بہٕ روٗپہٕ ین لور رٕ ژُس ما

مہَ کر میٲنن کِتابن سٟتؠ

کِتابے وَتھ مےٚ چھُم ہاوان مِن الظُلماتِ الی النوٗر
گٹن منٛز چھُم پیوان زَن گاہ
مہٕ کرِمیانہٕ کِتابن ستی
کِتابے عرشہٕ پیٹھہٕ ٲسی ذوالجلالن مُرسلن پیٹھ سوٗز
سپُد نازِل کلام اللہ
مہٕ کرِمیانہٕ کِتابن ستی
یہَے دولت مےٚ چھُم حاصِل یمے لعل وجواہر چھُم
بہٕ اَمہِ کُے راہ چھ دَر چھُس نا
مہٕ کرِمیانہٕ کِتابن ستی
علم کیاہ گوٚ واَدب کتھ ناوٕمےٚ زوٗنم کتھ ونو تہذیب
یہِ ہیچھہٕ نوٗوُس کِتابو ہا
مہٕ کرِمیانہٕ کتابن ستی
یمن منٛز دِین تے مذہب، سیاست، عدل تے انصاف
شریعت کیاہ؟ طریقت کیاہ
مہٕ کرِمیانہٕ کِتابن ستی
کِتابن ہُنٛد یہِ کُٹھ میونے گُلستاناہ گلابن ہُنٛد
چھِ مُشکنٕی دار پوشن ہا
مہٕ کرِمیانہٕ کِتابن ستی

ہیو بلیا! دُعا چھے میون فِکر رۄ زِن سلامت چانٛے

پٔرِتھ نتہٕ کانٛہ سپدی گُمراہ

مہ کر میانین کِتابن ستی

کِتابن ستی مے گاٮ۪ژ لے مقامن ہنٛدی دِوان یٮ۪م پے

پھۄلان میونُے جِگر ٹاٹھیا

مہ کر میانین کِتابن ستی



۹، ۱۰؍ اکتوبر ۱۹۹۴ء (ابتدایی رات)

# نذرانہ

معروف لے ساز گلوکار غلام احمد صوٗفی صابس بیا کھ خراجِ تحسین یمو پننہٕ سازٕ تہٕ آوازٕ ستی کاشرِ موسیقی سبتھاہ بلند مقام عطا کوٚر۔ نوٚی تہٕ نوینہٕ طرز ایجاد کرتھ کوٚرکھ پنٕن ناو روشن تہٕ ییٚنہٕ والین فنکارن ہندِ باپتھ ژٕھاکھ مثال قایم۔

صوٗفی یارٕ! گلوکارٕ! گوٚ با گوٚ ژٕ گوٚکھ نا
محفل چھے پنٕن نوٚٹ تیتھے پاٗٹھی بیٚیہٕ تہٕ وایکھ نا
چھُم ساز و سنطوٗرک موٚدُر سرگم مےٚ کنن منز
بیٚیہٕ بوزنُکھ سُے زیر تے بم چھُس بہٕ کران سٕنز
مےٚ چھُ یاد گوٚن چون شٔش رنگ سُہ ہفت رنگ
روٗح اوس کران رقص تس تیمی بوٗزی دوٗنوے رنگ
گوٚن چون خوش اندازٕ ژٕے شوٗبی یارٕ مُبارک
گرٕھان مست و مدہوش اُس بوزن وألی بلاشک
متٕو تراوتم یتہٕ توٚری لارٕے ؤنی دِمے کادو
پوٚت گرٕز امیُک گوشن اندر چھُم تی بہٕ کس بادو
ادا چون نوِ اندازٕ نوِ عنوانہٕ ژٕ لے ساز
گلوکار ژٕے پتہٕ آے یم تمن روزِ ژٕے پتھ ناز

عبدالرحیم، گلہ ڈار تہٕ غنی ڈار تہٕ ہوے یار
اَز خونِ جگر بوٚر فنس رنگ چاۓ تم فنکار
تم اَند مَزارن روٗدی روپوش پیٹھ ہتی خاموش
آلو تہندی گوشن گژھان زَن چھُم مےٚ یوان جوش
فنکارِ چاۓنس یادِ وُترِس شوٗبہِ مبارک
دِیُن گو تُسند سےٚ دِیہ تیمِس لس شوٗبہِ مبارک
یمن لولہٕ ہتھن تہٕ عشقہٕ متھن دِل ژٕ بیٚیہٕ شہلاو
خُمارِ ہتھن پھر تہٕ پیمانن شراباہ چاو
شمس فقیرس لول بوٚ رُتھ روٗح آسہٕ تمی سُند شاد
گیٚوی گیٚوی تسندی یم عشقہٕ وژن سےٚ پیر تھوٚو تھن یاد
رحمان ڈارنی مانچھ تُلر کس سپدِ فراموش
آوازِ گو میُل ستی سازس آو توے جوش
ہا بالی گژاون تھاوکھنا ژٕ کن رسُل میرُن بوز
روٗح تازٕ سپُد بوزٕنیو مغفرت لس سوز
کن دِتھ ژےٚ گُن ما آسہٕ صمد میر نمبلہار
امہٕ عشقہٕ سوزُک زیرِ تے بم تیمی پانہٕ کوٚر اظہار
مہجور چُھ یُس شاعر کشمیر ناماوار
زیٚو چانہٕ تمی سندی نغمہ بوٗزِتھ ژلیٚ وزنہٕ دِلچ تار

تمہِ آیہ گیوان زنتہٕ آنگن ژاکھ جادوٗگار
مأنتھر مےٚ دِژھتھم والہٕ واشے سپدُس بہٕ گرفتار
پیرن فقیرن ہُنٛد ژےٚ ما کانٛہہ سوزِ دِل چھے ٕستی
نتہٕ آستانو پیٹھہٕ ژےٚ ٕمنگی ٕمنگی تأثیر اوٗنمُتھ ٕستی
گیوَن والہِ! تصویرِ چأنۍ روزان چھم مےٚ أچھن تل
دِل گوٚو بیتاب بانازو ادا گیوٚ تہٕ بیٚیہٕ جَل جَل
آواز جُدا ساز تےٚ آہنگ چھُ جُدا چوٗن
''قوالہٕ ژٕ دیوٚ تارِ صدا تی چھُ مُدعا میوٚن''





شاکر صأب چھُ مُنزی مُنزی موضوعی نوعیتٕکۍ نظم لیکھِتھ سٕبٹھاہ جان کأم انجام دِوان۔ أکھ ییٚک موضوع چھُ یِہنٛد مشہور گلوکار تہٕ طرزِ نگار غلام احمد صوفی۔ تس پیٹھ آسہِ شاید یہ گوڈنیچ نظم تہٕ یُس دیُت کأشرِ چھکرِ چھُ تہٕ کأشرِ شاعری ہردلعزیز بناونس منز چھُ، تتھ پیش نظر چھُ صوفی صأب تِمن تأریفن ہُنٛد سزاوار یِم جناب شاکر صأبن تِہنٛدِ حوالہٕ یتھ نظمہِ منز کٕری ٕمتۍ چھِ۔ خدادِ یِہ نکھرُت اجر۔

پروفیسر غلام نبی فراقؔ

۲۳ر نومبر ۲۰۰۳ء

# بیادِ مرغوبؔ بانہالی

اُستادِ کامل تےٚ سخنور کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب
بلبلو وُچھتون سُہ دِلبر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

کتھ مزارس منز سُہ ژاو کتھ قبرِ منز روپوش رُود
چھُس خدا تتہِ یار و یاوَر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

شاعرا توحید پرست سُے لُس دِلس عشقِ نبیؐ
شاعرن منز سُے قداور کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

مرغوب صأب محبوب کیاہ یُس عاشقِ اقبال اوس
امہِ سٔدرٕ أنی تمہِ لال وگوہر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

حافظؔ شیراز تہٕ سعدیؔ مولوی روم چھُس رہنما
گو پکان أتھی وَتہِ سُہ دِلبر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

شیخ العالم نورالدینؒ ریٚش پیر پنُنٕے زون تمہِ
سِیرہ کتھٕ ویژھنان سُہ بہتر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

دژہٕ ڈیکس زانہہ ما تِمِس اَس روے اسہٕ وُن شیرین دہن
زبو تِمِس شیرین تہٕ شکر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

نعت پرٕ مرغوب صأبنۍ دِل پھولی تعشوق ہُری
لفظن تہٕ حرفن چھُ مشکِ ادفر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

دِل چھُ رنج ہیتھ غم سبٹھاہ پیوٚ میر کاروان ژوٚل کیاّزِ
پوٚت پھیرِ نا ادیک سُہ رہبر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

شایہ پننے زَن قلندر صوفی مزاژک شأعرا
گو لیکھِتھ علمکی سُہ دفتر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب

قبرِ پھٔلی نس گل تہٕ گلزار رحمت پننۍ کُری نس عطا
شاکرؔ منگان شام و سحر کوٚت سُہ گو مرغوبؔ صأب



۲۸/اپریل ۲۰۲۱ء

# مرثی

[مغربی بنگالس منز آیہِ زٕ کأشری نوجوان رات کیٛت پُر اسرار حالاتن منز قتل کرنہٕ۔ یُہُنٛد ناو ُمشتاق احمد تہٕ معراج الدین اوس۔ یم دونوے اَسی نوشہر سرینگر کی بسکین۔ اَمہِ غمناک واقعہ تلہٕ مُتاثر سپدِتھ سپدی بنم اشعار موزون]

دون گلابن کمی یہِ کوٚر پُژ پار! ہائے
اُچھ اوے رکنہٕ از چھے اشکبار! ہائے
کأشرٕ ہندی دِل سبٹھاہ رنجیدٕ گئے
دگ چھ للہٕ ناوان اُشس لج دار! ہائے
ضایہِ کمی کوٚر دون گلابن ہُنٛد شباب
بے رحم کُس کمی یہِ کوٚر یتھ کار ہائے
کُس یہِ پیوٚو ظالم ستمگر دِل سیاہ
بے رحم سنگدل یہِ کیٛتھ شہمار ہائے
دون جگر پارن ہٕتس کمی شرٛاکھ لاج
کس کرٕہنی وأنج تہٕ کُس بے عار ہائے

وَچھ ژٹان اِنسانٔیت موٗران چھ گُلی

پرٛیتھ أکس وچھ دل چھ ماتم دار! ہائے

دوٗر نظرو نِش سۆٹھاہ دوٗر از وطن

ٹاٹھی یِم أچھ گاش دونوے یار! ہائے

معصوٗمن ہۄنٛدِ خونہٕ کٔمی رٔنگی اَتھہٕ پٔنٕنۍ

دِل درُن تے یُن صبر دشوار! ہائے

طوطہٕ کٔلی دَم پھُٹۍ گٔمتۍ کستوٗر از

بُلبُلن اَز رووُمت گُفتار! ہائے

ژۆٹ جگر گوشو جگر تھۆوُکھ فراق

ژالہِ کوتاہ دِل یہٕ ہجرُک نار! ہائے

اوس اکھ مشتاق بیٚا کھ معراج الدین

دِل کٔرِکھ زخمی تہٕ ژٔلی دِلدار! ہائے



# غزل

روز تے ساتھاہ ژٕ أسی سَمکھیٖئے اَز یُژٕ کأکی یے
بوز تے میونُے ژٕ دِل میون رپھتہٕ سوٗندر مأکی یے

روٗئے زیبا چون پھۆلہٕ وُن ییٚلہِ تہِ نظرِن تل مےٚ آو
کأتیٚ ارمان شرۏپِ أندرِی دِلکس مزارس بأکی یے

ییٚلہِ خیالن چأنٛی پرتو ترٛوونم نیوٗم قرار
ۄنٛی دِوان دڑاس بازرو مجنوٗنہٕ ہِشدی پأٹھی لأکی یے

سورمہٕ لأگِتھ چھےٚ أچھن یم زُلف چأنی چھم بُچھان
نیزٕ پیتٕر زَن چھی أچھروال بُمہٕ چھے ہِلأکی یے

ہِتٕر پوشن چھے ژےٚ کیٛاہ لَے سوٗنتہٕ پُھلَے اَز چھاوتے
رسہٕ رسے وَس تہٕ گِندنے باغ خورد سأکی یے

چھوٗ کھمےٚ دِتی تھم لولہٕ جِگرس دوٗ کھمےٚ للہٕ وُنی تھأوی تھَم
سوٗ کھہٕ موکھے دِل مےٚ نیوٗ تھم روٗخ ژےٚ چُھے گُلأکی یے

سوٗندرِی وُچھتے ژٕ آٗخر گندرَن اختابہٕ لۄس
پھیوٚر سوٗسَن رنگ گُلن، گُلزار برٕ گئے کائلی یے

دَمہٕ دَمہٕ چاۍٚ کلمےٚ روزان چُھس بہٕ شاگرژےٚ وچھان
یُتھنہٕ راوکھ یُتھنہٕ چُھکرنہٕ یِکھ ژٕ موٗختہٕ مائلی یے



دسمبر ۱۹۹۴ء

# صمد میر (نمبلہار) صوفی شاعر

صمد میر جائے تیٚمی رٕٹمٕژ نمبلہار
سُہ ابدی زندٕگأنی ہُنٛد طلبگار

سُہ یُس ڈیکہٕ ٹِکہٕ چھُ صوٗفی شأعری ہُنٛد
جوٚرُن دامانہٕ کأشرِ شأعری ہُنٛد

گٔتھن چھس گُل ہَران لتس پوٗختہٕ کارَس
وتن ہے پوٗش وُدھرس پتہٕ بہٕ لارَس

موٚدُرمس ساقین پھیوٚرمُت چھُ بانن
کٕنُن یُس بازرن چھُنہٕ پیٹھ دُکانن

سُہ سألِک یَس گومُت عرفان حأصِل
سپدمُت عشقہٕ ستی یُس چھُ وأصِل

تِمس میرس فقیرس شوکت و شان
تیٚم نا خأبِ سپدہم نا مہربان

جۂ کرٔہس عرض دَپہس میٔر صاآبا
خداین یُس دِتُے تمہِ مثٔز دِ کیثٔھا

فقیری بادشاآہی تاج دِیث نےَ
حیاَتی چھے حیاتس راَضی چُھے دَے

نمبلہارس بخت بیدار گوٚمُت
کوچھے منز چھُن ژیڈ ہیوٚ دُردانہٕ روٚٹمُت



# کیٛاہ گڑھہِ ہے

یہِ دُنٖی یاہ ماٗری منٛزر پراوِ ہے، پھۄلہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے
بہارا چھاوِ ہے حُسنک یہِ رنگ ژھٹہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

یہِن ہے اُتجہ یۄدوے یورٕکُن سونٛتُک پیاماہ ہیتھ
یمن کستوٗری نالٕن ہُنٛد یہِ گرہٕ ووتھہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

پھۄلنٕ ہر طرفہٕ گرٛھی یِم گُل خوشی تہٕ شادماٗنی ہٕنٛدی
یہِ بُلبُل اتھ بہارس نالہٕ مُتٔی کرِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

اگرزَن واتہِ پننِس مقامس آدم ِ خاکی!
تھزر پانے یہِ پیٹھ عرشس فرش لبہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

گلٕنٕ گرٛھ دِ ے، حسد، نفرت ژلنٕ یِم کینہٕ سینٛن ہٕنٛدی
دِلن منٛز ماے تہٕ شفقت اگر پھۄلہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

اگرنَے ماٗل خور آدمی رتس ییٚتہِ لاگہِ ہے اِنسان
یہِ تھزرن کُن وۄپھن ہیٚیہِ ہے بجر لبہِ ہے تہٕ کیٛا گرٛھہِ ہے

اگرنے روزِ ہے ہتھ زاگ ہردم کوترس ییٚتہِ بیور؟
بلاخوف وخطر کھیٚیہِ ہے وُڈو کرِ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے؟

حُکمران آسہِ ہے نے زورور کانٔہہ کانٔسہِ کمزورس!
عدل، انصاف اگر ییٚتہِ بارسس یِی ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

بڈٕن گوٚژھ شفقتُک جذباہ لوکٹٕن پیٹھ دِلس آسُن
لوکُٹ تعظیم بڈِس کرِ ہے اَدب رچھہ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

بُتھِس پیٹھ کانٔسہِ نو گوٚژھ بوم آسُن راتۂ موغلن ہُنٛد
جبینس درِ ہہ اگرنے کانٔہہ تہِ ییٚتہ، برِ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

تبسُم گوٚژھ وُٹھن پیٹھ آدمس روزُن پھوٚلان ہردم
یہِ اَسہٕ وُنہٕ ہونٛجہِ اگر دِل غمزدن رچھہِ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

اگر ییم آسمانٕکی پرہزلہِ وٕنی تارکھ شباہ وسٕہن
مےٚ ستی گِندہٕن دِلس میٛانٔس یہِ شرزلہِ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

اگر ٹیچہِ ہارٕی پنہٕ پوشٕری اژٕہن پوشہٕ چمنن منٛز
ییٚمبرزلہِ پیتہٕ بومُبر کانٔشھاہ اگر مرِ ہے تۂ کیٛا گرشھِ ہے

چھےٚ روٗزِتھ ژھایہِ کُمی ہشز رایہِ؟ پرسُچ پھَل ژٕندرہش زوٗن
یوٗہُس ہیٚیہِ شامہٕ پٲتی ہمہِ بالہٕ پٲتی کھسہِ ہے تہٕ کیٛا گژھہِ ہے

اگر کوہ دامنس تل روٗسی کٹ ژھالاہ نِوان وٕچھہن
قرارا تچھ مژٕن نظرن تہِ زَن ییہِ ہے تہٕ کیٛا گژھہِ ہے

اگر صُبحٲے صُبحٲے پُرسکوٗن سٕدرس دِلس میانِس ملرووتھہٕ ہَن
مےٚ ییتھ دَم پھُٹہِ رَبابس زِیرہش لگہِ ہے تہٕ کیٛا گژھہِ ہے

اگر کانٛہہ خوٗب رویا پان پٲرِتھ نیرِ ہے زانٛہہ زوٗنہٕ راٗژن منز
یکُن ییہِ ہے مےٚ ہستھن سیلِ ڈل کرِہے تہٕ کیٛا گژھہِ ہے

رسُل میرُن کلاماہ یا تہٕ مہجورٕنی غزل کانٛژھاہ
حسن صوٗفیا، شمیم دیوا اگر گیٚوِ ہے تہٕ کیٛا گژھہِ ہے

یوہے تعبیر خوابن نیرِ ہے کیٛا قدرتس چھونہِ ہے؟
دِلُک پمپوش پھولہِ ہے شاکرس بَلہِ ہے تہٕ کیٛاہ گژھہِ ہے



# ہموطن مہاجرن ہٕنٛدِس یادس منٛز

تِم وطن دار، یار، دِلدار پھیُر دِمو تِہنٛزن گتھن
داغ ہِجرُک دود وطنُک ہِتھ شرِپتھ گٔے مقبرن

سورمہٕ زأنِتھ موتھ أچھن پٔننٮ۪ن تِمو خاکِ وطن
میٛٹھی دِتی پننوٕ وٹھو ءتِ لولہٕ سان امہِ چیٛن وتن

لولہٕ وأنجہِ چھوکھ لوٚگُکھ للہٕ وُن تِمن دردِ فراق
باکہٕ ژھٹہٕ ہَن وار مارٕ دُکھ تِمن جگرس چِھ چاک

دَر جدأیی رأوی یِمنٕے بأے دردِل أشناو
دٔریرٕکی نارن جِگر زولُکھ تہٕ دیٛتُنکھ آمہٕ تاو

کرٕ گرٛزھو پھِیرتھ وچھان تِم رٔ دی کرسنا واتہِ ساعت
پانہٕ وأنٛزی سمکھو تہٕ کرٕہو نالہٕ مُتٔ کر سورِہ رات

دٔر گرٛزھہِ گٹہٕ زول صُبح پھوٚلہِ ترٛاوِ پرتو نو بہار
یِی وُچھان یاوُن تیٚوہُنٛد سوربو تِمو زٔڈی مَلہٕ گذار

پیشوا دِینُک مُفسِر سُہ یوسُف کشمیر سون
گاشہٕ تارُکھ لۄس کتہٕ سنا بێیہٕ تہٕ وُچھون نُنٛدٕ بون

آسمانِ علم و اَدبُک آفتاب نۄن نیرِ نا؟
بێیہٕ تہٕ پننس وٕٹنکس ییتھ گُلشنس منٛز پھیرِ نا

وعظ و تبلیغ بێیہٕ تِتھے پاٹھی گژھہِ نا وطن دارن کنن
زیرِ منبر بوزِ وٕنی بێیہٕ علمہٕ کہن نوکتن سَنَن

درجگر تھاۄتھ فراق وُچھ گۄو سُہ طاوُس بانہالی
دۄر اُستھ لاگی تمی ییم شاعری ہٕنٛدی جامہٕ نالی

انصاف اخبارُک مدیر یعنی سُہ میر عبدالعزیز
دُورِرَن یَس سۄر کۄر وُچھتن کتہٕ شرۄپھ سُے عزیز

یاد پیوم اکھ ٹوٹھ شاعر یَس ونان احمد شمیم
یُس فِراقکی نالہٕ دِتھ گۄو اوس یَس قلبِ سلیم

نتہٕ ژٕتس پیوم مفتی ضیاالدین شرعک پاسدار
مغفرت کری نَس خدا نتہٕ بێیہٕ گۄو تِمس دِل داغدار

پَر شہارس منٛز بٔستھ رٕژھرٲو تیٚمۍ کٲشِر زَبان
دِلبرا سُے شاعرا جان کٲشرِیُک رُت ترجمان

مایہِ ناز قلمُک سُہ فنکار نآز کولگٲمۍ یاد پیوم
دۄرِبر سرُن تٔمۍ سُنٛد مرُن تتہِ زنتہٕ زخمن نۄن پیوم

کٲشرِس منٛز پھیوٚر کلام حضرت اقبال تٔمۍ
پننہِ زبوِ منٛز لیکھۍ غزل تیٚمۍ وون یہِ معراج نامہٕ تٔمۍ

آسہِ ما بے سوکھ تٔمِس رُوح ترٛوویٚمۍ ڈاف در لحد
وٲنۍ یُس اوس ذٲژ کِنۍ لیس ناو اوس عبدالصمد

دِل فگارا ٹوٗٹھ یارا وُچھ کٔشیر تیٚمۍ نیٚچھہٕ نآو
جود وُزٕ نآوِتھ یہِ قلمُک بالا دَربن پیٚٹھ واتہٕ نآو

نیک سیرت رُت سبھٲہ خورشید حسن خورشید کیا
اوس قٲبِل ہاوِ نا روٗے شوٗبہِ تَس صد مرحبا

کر نظر سوپور خوجہِ عمہٕ پر تسنز بنہٕ پٕنٛچ کتاب
ڈاف ترٲوِتھ میٛژِ اندر کتہِ؟ ڈیشان ما وٕطنکۍ سُہ خواب

کرٛیوٗٹھ کیاہ دُوربر ٹٚچھر، کأژاہ فراقٕچ اَتھ چھےٚ دَگ
بوٗزٕ بأیس نِش جدا گو یار یارس نِش الگ

کتیٚ تارکھ لوٗسی یتھٕ گٔنز کأتہِ ہَن ہمسوس روٗد
مرنہٕ پتہٕ پَرکل تِمن روٗز وأنۍ پرٛتھ کأنٛہہ تشنہٕ رُود

دأدی لَد شاکرٛ چھُنا مژراو سینٛچ دأر تَس
ہمنوا چھُے بُلبُلس تَے وٕنۍ دِوان چھُے پرٛیتھ گُلس



۱۴/۱/اپریل۲۰۰۵ء

# نِچہ ہنز ولادت

نوٹ: میٲنہِ گوڈنِچہ صاحبزادِزایہِ کھاندرٕ پتہٕ قریبن ژورِ وُہری علاج بیتر کرنہٕ پتہٕ نِچ۔ موئوسی دؠ۔ رسِپدتھ گیہِ سأری قبیلس منز شادمانی۔ اِتھ مُبارک موقعس پٮ۪ٹھ سپزٕ یہِ نظم تخلیق۔

تولُد نِچ سپز غأبی نِدا گوٚو
حمد پٔرٕ تو مُبارک باد گرٕ تو

عطا رحمت یہِ گٔر پروردگارن
بندن پٮ۪ٹھ کوٚر کرم تٔمی لایزالن

چُھنا سُے آغہٕ پُھلراوان دِلکی باغ
تٔمِس لیس آسہِ لوٚگمت جگرس داغ

سُہ گوٚو سُے شہہ دِوان شہہ یُس چُھ ٹھوٚلس
گلاب پُھلران چُھ یُس گٔنڈی دارموٚلس

کران دؠ۔ر نا امیدی ہُنٛد سُہ گٹہٕ زوٚل
مہربان سپدِ لیس وُچھتن سُہ کیٛا پھوٚل

اگر یژھہِ سرٛانہٕ پچہٕ پٮ۪ٹھ زندٕ کرِ سُہ موردس
تیٚمِس یژھہِ تا ابدتس نیندرِ ساوبس

یتھے پاڑھی سانہِ آنگنٕز پوش زَن پھۄل
دِلن گیہِ شادمأنی ٚکتھہِ گنٕز یہِ غم ژۄل

چھےٚ نچ زَن بادٕمچ گۄج ماجہِ پنٕہٕ نے
نتے تَس شۄبہِ وُن کرانٛکھ واجہِ پنٕہٕ نے

یوان زَن کۄر زہنٕہٕ ہتی عالمس شۄب
پھۄلان سمسار دُنیاہ کیٛاہ بنان خۄب

دِوان بارو ہُنان بُتھ بے یقینس
زیوان ییٚلہِ کۄر کھالان راہ نصیبس

نچُو یا کۄر دۄنوے میۄ چھِ تُمی ہنٛدی
چھِ باغس منٛز یہِ رنگدار پوش تُمی ہنٛدی

الٰہی نچ پھۄلِن شاداب روٗزِن
یہِ دۄنٕہٕ وٕنی عالمن آباد روٗزِن

تھوٗن محفوٗظ پنٕہٕ زانٛہہ روٗگ وُچھبس کانٛہہ
عطا سیٖرت کرُس نیک صوٗرت تہٕ دلخواہ

تمن کر چاہ یم پیاران چھِ مضطر
دِوان آلو ژٕے گن یم تہنٛدِی ہلم بَر



اپریل ۲۰۰۵ء

# ماجہِ ہنٛز جُدائی

موج سِرٕ بوج میٲنۍ ترٛ اَوِتھ ژٕج مےٚ سرٕ پیٹھہٕ سایہِ ووتھ
پوش وتھرٲوِیو وَتن لتس موج میٲنۍ دژایہِ کوٚت

ماجہِ ہیوٗ دَر دِل نہٕ کانٛہہ اوُسم رفیق نے کانٛہہ شفیق
موج نیرِتھ گیہِ بہٕ وِکرنہٕ آس کئڈِتھ یم ڈکھ مےٚ نیکھ

موج یِکھنا! باز پھیرِتھ باوٕ ہے دِلہٕ کُے فراق
روے تھوٕوتھم ژٕورِ کٔرتھم حوٗرِ جگرس زن مےٚ چاک

موج ینہٕ نیرِتھ گٔیکھ تنہٕ راز ہوٗنٛزس پَر مےٚ لوٗسۍ
راج یِمنے پیٹھ مےٚ اوُسم زورور گٔے تم مےٚ پوٗشۍ

چُھم پیوان یاد میانہِ موکھہٕ کوتاہ زوٚرُتھ کیٛا کیٛا سوٚرُتھ
میٹھ نیٛنٛدٕر راوٕ رٲوِتھ آرام حرام پانس کوٚرُتھ

طِفلگی منٛز لولہٕ تے کمہِ مایہِ کوٚرتھم گوٗرٕ گوٗر
رٲچھ کٔرتھم زوٗنتھس کنہٕ کُے پُنٛن سونہٕ سُنٛد بہٕ دوٗر

موج بۆچھِہ ہُڑ پانہٕ رۆزٕ کھ کۆچھِہ اندر للہٕ نوو تھَس
سختین منٛز راتھ کبوٚ دوہ شِیر پنہٕ نُےٚ چوو تھَس

موج صحراوس اندر زَن کاوٕ پۆتاہ ژھٕنہٕ بہٕ گوس
کاروان دۄر یوم نظرو نِش ڈۄلُم تہٕ ؤسی بہٕ پیوس

چأنٛز شفقت پوشہٕ ٹۄرِ ہن منٛز مےٚ شبنم زنتہٕ پیوم
بأتھ ؤنٛز ؤنٛز لول بۆرِتھم رنٛزٕ نوو تھَس دِل شاد گوم

مُوج یکھنا روے مےٚ ہاوکھ نا یہِ مِنتھ تھاوتَم
چُھم نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ حالِ دِل یِیس ونہٕ بہ وُنہِ متہٕ راوتَم

چانہِ دُور برٕ ژھۆک لۆگُم تے گُل روخس زردی گأیم
کۆل مےٚ گۆو کستوٗرأندرِی زہو مےٚ زَن نیٖنٛگلِتھ گأیم

وونٛی ژٕ دژا یکھ دۄر منٛزلس چون واپس یُن محال
جاے شِیرِن چأنٛز جنتس منٛز سٕہ رب ذوالجلال



۱۸/دسمبر۲۰۰۵ء

# غزل

ہوا تیُتھ ڈ‍ٚول رَنگے بدلیوٚ و زمانَس

تہٕ زَن پھٔٹ تیرِ گنڈی میائِنس گُمانس

صبر چُھم رووُمُت چھم بے قرأری

مےٚ اُلجمژ تھپ چھےٚ ییتھ آرامِ جانس

خطا کھوٚتمُت مےٚ کیا وبراوِ کوتاہ

سبٹھاہ کالاہ مےٚ ووت منٛز اِمتحانس

غموٚ ووٚل نال تہٕ فِکرو رؤٹس تل

یہِ گُدریوٚ تی مےٚ گُدریو پأنی پانس

زمینس پیٹھ گنڈِت یمہٕ نرِ تہٕ زنگہٕ چھم

گرِتھ ہلہٕ کوٚت بہٕ پلہٕ ییتھ آسمانس



۲۳/جون ۱۹۹۵ء

# شاہِ ہمدانؒ تہٕ اورادِ فتحیہ

خدا گۆو مُلکِ کشمیرس مہربان  
کرم تٔمی کۆر لگٔن تٔمی سُنْد چھُ احسان

وُہان ییٚتہِ اوس کُفرُک نار ہرسُو  
شِرک ییٚتہِ اوس وٕہرِتھ زال ہرسُو

نمان پوتلبن کران ییٚتہِ آسی پۆزا  
خدا مٔشرووُمت اوسُکھ عزیزا

فراموش اوس گومُت وعدٕ ازلُک  
بہٕ چھُس ناربٕ توٚہنْد؟ اوسُکھ مٔشرُمت

یکایک رحمتِ حق آیہِ برجوش  
بہارا آو دٕہنکی وُچھتہٕ پھٔلی پوش

خداین سوٗز حضرت شاہِ ہمدانؒ  
تِمو تشریف اوٗن از مُلکِ ایران

بخت بیدار گۆو نوٗرکی سنگر پھٔلی  
سپدی کُفرٕکی تہٕ شِرٕکی دوٗر گٹہٕ زٔلی

طلوع گۆو صُبح صادق پیۆو یہِ پرتَو  
سپُد اعلان صدائے لاالٰہ گۆو

خدا چھٕو کُن گرِوتٔسی سر پٔنن خم  
کران دوٗریُس چھُ بندن فکرٕ تے غم

چھُ دٕریا آستین سُے شاہِ ذی شان  
عطا گۆو کأشرِ بن ییٚتہِ نوٗرِ ایمان

پرُن کٔیت تے سرُن کٔیت اللہ اللہ  
دیُٹُن اوراد فتحیہ یہِ نُسخا

مبارک صد مبارک شوٗبہِ اَتھ پٔٹھ  
پرَن والبن دِلن پاوان یہِ شیہلتھ

کران پُرسوز لَیہِ منٛز نغمہٕ خوآنی  
یہِ توحیدُک بیان عربی زبأنی

گُنبرٔ تمی سُنْد بیان اَتھ منٛز سپُدمُت  
بجر، قدرت تہٕ عظمت کٔیا سنا رُت

ثنا ربہٕ سٔندی پران درلحنِ داوٗد     پران کستوٗر گژھان از خود چھ بیخود

پران کوتر ھو اللہ ھوٗ چھِ بولان     چہ ذِکرحق کران تمہ دل چھ شولان

دِلس تٔہندِس لگان مِضراب تارن     یوان نزدیکھ یتھٕ گٔنز یار یارن

ٲوی سوزاہ سرٔ داہ پأدِ سپدان     پران زبو اسمِ اعظم رُم رُم چھ میٹھان

چھےٚ لوٗلچ ڈالی اَتھ منٛز نازنینس     سلاماہ تس شفیع المذنبینؐ

بصد عجز و نیاز سرخم، بہ تعظیم     دو زانو چھی بہان سپدان چھ تکریم

بصد آداب پران ایستادٕ روٗزِتھ     یہِ سوغات روبقبلہ کٲر نومرِتھ

پران بُلبُل صُبحدم میٹھی چھکھ لَے     بران یژھ پژھ کران چُھکھ مغفرت دَے

چُھ ختلانس اندر سُے پیر کأمل     سُہ آفتاب ولایت باحق چُھ وأصِل



٦ رفروری ۲۰۰٦ء

# بیادِ پروفیسر غلام نبی فراقؔ

جگرس فراقُک داغ تھاؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب
گو بے خبر پاٹھی کیا زِ تراؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب

کأشُر ادب تمیٚ مارٕ مُتی کوٚر مُت چھُ مالا مال
اتھ خونہِ جگر دامہٕ چاؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب

چھُم وُنہِ تہِ أچھن تل مےٚ سےٚ خوش رفتار قداوار
گو کم قدن قد بأ گراؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب

تس پوشہِ مُتس پوشہِ باغچ روزِ دۄہے لےٚ
گو علم و ادبکی پوش چھاؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب

شأعر ہنرمند اوس سُے تنقید تہِ زانن وول
گو پننہِ فنکی نقش تراؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب

تمیٚ پھاپھلو و کأشُر ادب دِیتُنس نوٚوُے آہنگ
کم لولہٕ غزل بوزناؤتھ ژۄل سُہ فراقؔ صاب



۸رمئی ۱۹۹۶ء

ژ(۲) طرحی غزلہ تہٕ اکھ مزاحیہ غزل

مصرعہٕ طرح:- "جاناوَر آسی تم تہٕ ژھپن ژاۓ رات کیُت"

(رحمان راہی)

## غزل نمبر:۱ (رومانوی)

یِکھنا ژٕ جگرس منز بہٕ کرٕہے جاۓ رات کیُت
عشقُن یہِ خنجر یارٕ مےٚ مو لاۓ رات کیُت

رُٔ دم سُہ کتہِ! ییٚمی ہٕندی خیالن دِل دوٚہس تنبٕہ لوٚو
ییہِ نا گُنہِ کرٕہس بہٕ لولہِ متہٕ لاۓ رات کیُت

شرٔنی بنگرِ نربن ہُند مےٚ بۄز مڑِ نندرِ گوس بیدار
کمہِ تام نازلہِ مأر دٔوَرن گژاے رات کیُت

یَس گُن وچھان لوسم مےٚ أچھ دوہ ووت کوٚہس پیٹھ
یِی نا سُہ بے پرواے یاون راۓ رات کیُت

رؤزنہٕ سو یاوَن مُژ مُژِھج گرٕ میون آہٕژ اُس
ژھانڈن یہٕ کپاَرۍ دژایہِ سو پژھی باۓ رات کیٛت

لگٕو نے جوآنی میاٗنٛ یمن قدمن تہٕ ہُرۍ نے آۓ
روزان اُچھن تل چھم یہِ پکن تژاے رات کیٛت

محبوٗب رُوین گُمی سنا زُلفن یہِ گنڈ مُژرو و
مُشکٕنۍ ادفر سانہِ آنگنہٕ کتہِ آے رات کیٛت



شعر

یہِ کمہِ مِضرابہٕ دِژتھم زِیر سازَس
اٗنڈٕرۍ اٗنڈرِی یمو تارو وژُن ہیوٚتھ



۱۳؍جولائی ۲۰۰۶ء

# غزل نمبر: ۲ (سنجیدٖ)

کتہِ أسی کوٚت أسی وأتی ژلان آئے رات کیُت
ویسریٖیہِ حبسو أسی یہِ گیہِ گگرائے رات کیُت

کمہِ نجدٖ ونہٖ چھے لأل بہتھ تیمی ٖسندِ اَمارے
سڑکو تہٖ کوچو خونہٖ مجنوٗن دڑاے رات کیُت

طوٗفان تیٗتھ ووتھ شیر تام روٗدی ژورِ گوپھن مژ
جاناوَر أسی تم تہِ ژھپن ژاے رات کیُت

فِکری مےٚ پانس توٚر نہٖ کینٛہہ کتہِ آو یہِ سٔہلاب
وٗتھی وأنی گوتیٗتھ کینٛہہ مہ پڑٖ ژھ ہنہٖ آئے رات کیُت

دوہلی چھِ موگل درنژان دژ أمتی چھِ بڑم بڑم چوک
کھنہِ چھم یوان پننی گرِچ پڑ یتھ ژھاے رات کیُت

روزان مےٚ پھرٛٹھ چھُم کریک ڈاونس ینہٖ کڈن گوٚ وٹاس
تیزان پڑ یتھ وزِ چھم دِلس دُبراے رات کیُت

برمنٛدنبن ہاپَتھ چھِ نٔژان ہبتھ نکھن پپٹھ لاش
یِم گربدتہٕ پانژٲلی کاوَچھوان رَتھ دژاے رات کیُٛت

تیُٛتھ روُد ہوا، ڈوٗٹھ ژھوبے شولہٕ وُنۍ شمع
ژھبتہٕ گٔے گرَن ہٕنٛدۍ ژانٛگی کاآتیاہ ہاے رات کیُٛت

پُژٕ پارٕ گلابن دوٗہلہِ گوٚو گُلالہٕ گٔے پامال
کَم گُل بدن گُلفام قبرن ژاے رات کیُٛت

نظرن مےٚ روزان پیہرٕ دوٗہس شاہ کھالنس چھُم بیم
للہٕ وان چُھ دَگ انٛگ انٛگ، پھٹان ٕسراے رات کیُٛت



# غزل نمبر:۳ (مزاحیہ)

ٲسۍ ٲسۍ شوٗنگِتھ وَن سا یہِ کم آئے رات کیُٛت
مس نینٛدرِ وُزٕ ناٲوِتھ اسہِ کم دژاے رات کیُٛت

پٲتۍ موٚ شێو رٕتو پٕٹھٕ سو ناٲوِد باے گوٚبہِ کھوٚر ٲس
نِکہٕ ہَن تہٕ نِچہِ ہن لتس ستی رٕتۍ زائے رات کیُٛت

گٲرنس کو کرژاس پَتھ کھوتُس ہتہِ پیٛٹھۍ سُہ بُڈٕ اَدٕ موٚد
کوتاہ مےٚ پشہٕ توٗم تہٕ پھیرم کرٛاے رات کیُٛت

پٲھز دیٚدِ ژوٚرو نیہِ لیٚدر بیٚیہِ شوٗنٛٹھ مرژٕ وانگن
رِتھ گٔے لچہِ منٛز روہنٕہ موٗنٛجہِ لتس ڈائے رات کیُٛت

لیس سارِٕوے دکہٕ دِتۍ تہٕ تیٚمس گُنہِ نہٕ وپٕن پائے
لٲب ٲتمۍ تہٕ میٲنۍ گرِ چھین جائے رات کیُٛت

جندِ پوش کُستام موٚت وچھتھ ہونوٚ تہٕ ووٚنگن ہیوٚت
شوٗدن ہُپاٗرٕ گوٚو یہِ کیاہ تُلکھ نیاے رات کیٚت

مےٚ چھ پرٕ ھ تہٕ یقین وُنہِ تہٕ پھٲلی پھٲلی ہِن بہارٕک پوش
مَس نینٛدرِ خابس منز مےٚ شیٚچھ ہیتھ آیٔے رات کیٚت

کھوٚت مُت سُلس چھُے پھوکھ کھبے کھبے چیز چرٕ بی دار
چکھِ تِمس ژاٗمرِ چیٚنٛچ تھنہِ چائے رات کیٚت



ترٛنوٚ ے غزلہ اگست ۱۹۹۵ء

# حمید اللہ مُنشی سٕندِس انتقالس پیٹھ

یُس نوجوٲنی ہٕندِس عالمس منز ہارٹ اٹیک گژھنہٕ کہِ سببہٕ فوت سپُد تہٕ أہندِ مرنہٕ گو علاقس ژس

ٹوٹھ یارا! غمگسارا گوٚو جُدا مُنشی حمید
آدماہ رُت! جاںٔی یارا گوٚو جُدا مُنشی حمید

یتھ فنا انجام سمسارس اندر آمُت سُہ اوس
گرٕی پننٕی دوہ پوٗرٕ تٕمی اَز کتہِ سنا مُنشی حمید

لایزالن اوس نس کوٚر رمُت عطا قلبِ سلیم
پزٕ یتھ اکھا ہیوٗ زُم ونان رُت اوس کیا مُنشی حمید
زندگی منز بندگی کرنُکھ تٕمِس توفیق اوس
سیرتن موٗمن مسلمان چھُنا مُنشی حمید

یُن بکار تٕمی سُند وصف اوس تے خبر گیری کرٕنی
سُنت پیغمبری پالان چھُنا مُنشی حمید
بُلبُلو وٕنی توٚے پےٚ تٕمی سُند تو ہہِ ماڑیو نٹھون
ملہٕ گُذارس منز کُنے زون روٗد مانشی حمید

یاد چھُم قرآن پرُن تُمی سُند تلاوت یاد چھُم
مسجدن منز سجدٕ دیُن پیش خدا منشی حمید

سادگی منز وٲنس رتھہِ کھاٗجن پنٕنی شہزادٕ اوس
آفرین شوٗبیس کرُن چھُس مرحبا منشی حمید

تَس چھِ دردِل نادلایان چھس دیپان بایو وَلو
سون چھو کیٛہ لددِل یِہ دوٗر برژالہِ مانشی حمید

وُنہِ ژٕ ےٚ اَہِسے واریاہ سُل نیرنس بِلکُل متیٛو
سوِ عُقبیٰ ییٚژ جلدی ییٚژ کیا منشی حمید

زندگی منز مٔنزِلس کُن تیز رَو اوسکھ دوان
ووٗنی تھکِتھ لوٗسِتھ شونگتھ آسکھ ژٕ مانشی حمید

موت چھُنہٕ مانان لوکٕٹ بوڈ کھبانہِ منز کتس تھچھ دِتھ نوان
بیمار اٗسِن یا صحتمند وُچھتن ذرا منشی حمید



۲۴/مارچ ۲۰۰۶ء

# غزل

چھوکھ دِتھ مےٚ جِگرس ژٕولہمو    دکہٕ مو لائے یِی چھا روا
للہٕ وٕن یہِ دود أنٛدرِی چھُمو    نکھہٕ روزتم پاسِ خدا
مارٕ متہِ بے پروایے    روٗدہم کھُٹِتھ کمہِ شایے
وٕنی دِنہِ بہٕ نیرے دِلبرو    نٕنی پأٹھی روئے چون ڈیشہٕ نا
تَس روٗس مےٚ ونتم کیتھہٕ درَے    مرٕ ما بہٕ تھوٚونم ذرٕ ذرے
برٕ چھبس گمٕژ تیمبرٕ زلو    بوٗمبُر یہِ باغ میون چھاوِنا
دأرِتھ مےٚ تیٚمی دِژ نارٕ چھل    تٔسی کُن مےٚ روزان چھم یہِ کل
چھسم چشمہٕ لجمٕژ زن درو    ییہِ نا سُہ بر مُژراوِنا
یُس خوبصورت چھُ خوبرُو    حوٗرن چھُ تیٚمی سُند جُستجو
وچھہن سبٹھاہ چُھم آرِزو    دوٚدمُت یہِ دِل شہلاوِ نا
ہَنہِ ہَنہِ یہِ عشقُن دود سنٛیوٚم    ونہٕ گس بہٕ پانس کٔیا بنیوم
یِکھنا ژٕ میانے دردِلو    گُدرُن پنُن ژےٚ باوٕ ہا
تَس کُن گٔرِتھ روز سرٕ ژٕ خم    ساأری نمان یَس دمبدم
گُس چھُے ژےٚ یاور شاکرو    در ہر دو عالم جُز خدا



# نظم

(دورانِ ملازمت بندِشہِ تہٕ پابندی محسوس کرنہٕ پتہٕ)

بانگہِ نیرُن ژانگہِ واپس گرٕ مےٚ واتُن چھُم نصیب
ڈٔے دوٚہس ٹھپ ہارِہٕنڈی پاٚٹھی قاٗدروزُن چھُم نصیب

ونہٕ بہٕ کس ینہٕ گٔے مےٚ یم گنڈ محکمکی زولانہٕ پیٚم
بس فقط بس فِکرٕ تہٕ غم مےٚ للہٕ وُن چھُم نصیب

یارن رفیقن دوستن نِش یُن گژھن میٹھُن گَتھن
زانہہ نہٕ اَتھ کُن ظوٚن پھِرُن سورُے یہِ مُشرُن چھُم نصیب

میٲنۍ عزیزَو منز اگر بیمار گوٚو یا موٗد کانٛہہ
تَس خبر گیری کرٕنۍ تور ژِیرِ واتُن چھُم نصیب

گام گژھہٕ ہا روزٕ ہا دِل دِتھ بہٕ گیوٗنا بوزٕ ہا
قُمرین تہٕ کستوٗرن جلن ہُنڈ شوق تراوُن چھُم نصیب

موٚت پٔنٕن پوٚت زُونہِ لوٚت لوٚت کوٚت سنا گوٚو ڈیشہِ ہَن
انتظارس تَس مدن وارس مےٚ روزُن چھُم نصیب

منٛز نسیم باغس بہٕ چھُس ییٚتہِ ہرٕدِ کال کیٛا دلفریب
پوشہٕ باغچہِ پھُلیہِ نِش دِل دوٗر تھاوُن چھُم نصیب

یوٚد غزل ونہٕ نٕکھ، نظم لیٛکھ نٕکھ أندرِ ۍکنٕز شوق گوٚو
زٕہو ژٕٹنٕز قلمس رٹُن پتھ کینٛہہ نہٕ لیٛکھُن چھُم نصیب



اکتوبر ۲۰۰۶ء

# دُعا

میٔانہِ پالن ہار ربا ژٕرے مےٚ بَس
چانہِ کھوٚتہٕ کُس چھم مےٚ بیٚیہِ کانٛہہ باوٕیَس

پاۓدٕ کوٚرتھس بندٕہ چھس چونُے بہٕ چھس
زندٕگی دِژتھم تہٕ اوٚنتھس دُنیہَس

چھسم نہٕ ترٛٲژھ زیوٕ کرٕ شُمارا نعمتن
لچھ حمٔد پرٕ ہے بہٕ چاۓنس قدرتس

أچھ عطا کرِتھم الٰہی گاشدار
کیٚا گژھی کم معرفت برتم دِلس

بوزنُکھ طاقتھ کنن مِیٔانن دِیُتتھ
شُکر ژٕے کُن پوٚرٕ پوٚرٕ دُیُتھم مےٚ حبس

رِزق کوٚرتھم ژٕیےٚ عطا چھُکھ ژٕے رزاق
فاقہٕ ما زانٛہہ زندگی منز تھووتھس



# شہرِ آشوب

بۄ چھُس پننہِ شہرُک اکھ بسکین در
مےٚ چھُم پننہِ شہرٕچ تہٕ ساٗرٕے خبر
أسی لۆکھ چھِ ییتھ شہرس منز بَسان
چھِ أسی کتھی تہِ کیٛا چھُس أچھوتی وُچھان
بسن واٗلی شہرٕکی سبٹھاہ نُنہٕ باٗنۍ
نبرٕ نُنہٕ باٗنۍ چھِہی أندرِ ژھوٚ ژھہِ کاٗنۍ
پران چھِی أسی مسجدن منز نماز
أسی منبرن تل تہِ بوزان وعظ
رٹان جائے أسی کیٛا چھِ ہیوٚ رہیوٚ رصفن
أندری کنہٕ سِیاہی چھِ آسان دِلن
أسی لُکھ پھران مسجدن سَن دِوان
نوان بوٹ ہُسی کر تہِ کھولتھ نوان
کھسان آستانن ہلم داٗری داٗری
چھےٚ آسان گنڈٕمژ یہِ بربسوار واٗری

کران دھوکھہٕ بأزی أسی چھِ بیپأری
سبٹھاہ یَژھ تہٕ پَژھ کیٛاچھ ہاوان ہُپأری
چھےٚ کتران دِلن زَن پرٕنی بانگ سأنی
اثر ما نمازن ہُنٛدُے اَسہِ چھِ دأنی
کران مسجدن أسی چھِ روغن تہٕ رنگ
ژلان ما دِلن سانہِ نٕے توتہِ زنگ
چھُ ٹھوکر کُٹھِس منٛز یہِ ٹھوکُر وَدان
پوٕتلی منٛدرن ہِنٛدی چھِ شہرکی دِیان
چھےٚ انسأنیت زَن ربوٗدٕ گمٕژ
غمن منٛز سنیٛمٕژ تہٕ فِکرو کھیٛمٕژ
شہر زَن رٕنیٛمٕژ یہِ اَکھ پژانہٕ وار
چھُ اِنسأنی قدرن تہِ وِتھمُت وِقار
حسد، کینہٕ نفرت چھُ سینن اندر
چھُ زاگان أکِس اَکھ یِم بسکین در
چھُ نُندٕ بانہِ شہرُک عجب کارٕ بار
گُتھن ہِنٛدی ہونر منٛد کماوان چھ دیار
اپُز مسندس کھوٚت چھُ دستار دِتھ
پَزر شرمہِ سان ہُتہِ چھُ بون گُن بہتھ

گٕمتۍ میٚانہٕ شہرکۍ چھہٕ گاٹلۍ تہٕ گلۍ
چھُہ نا لایقن ہُنٛد کلام مختہٕ پھٕلۍ
اصوٗلس پٮ۪ھ بُتھی کھکھرِ لِتھہٕ وِتھ نوان
چھُہ قونوٗن شہرک تہٕ بارٕو دِوان
اَدب کتھ ونو عٔلِم کیٛاہ چیز گوٚو
دِوان وٕنی بہٕ چھُس زنتہٕ نابوٗد گوٚو
قلم کار اکثر وُچھم بے ضمیر
قلم گٔلی گٔنڈِتھ تالہِ گوٗمُت چھُ گیر
چھہ غمناک یٚیمہٕ میٚانہٕ شہرٕچ دلیل
سبٕبٹھاہ کیٚنژہہ چھُ لیکن وٕنُم کم قلیل
لگے میٚانہٕ شہرٕ ہمتھ موٚژ ہار
وچھان بے کٔسی چاٗنی پروردگار
بہٕ چھُس شہرٕکس مارٕی منزٕرس نِثار
مےٚ چھم آش ییٚیہٕ ییہٕ شہرس بہار



۸؍ستمبر۱۹۹۵ء

# مُبارک راہی یَس کری تو مُبارک

[پروفیسر رحمان راہیٖ یَس تہٕنٛد بن ادبی خدماتن ہنٛدِ باپتھ گیان پیٖٹھ ایوارڈ دِنس پیٹھ]

وٕلِو ساری سمو أسی ٲری گنڈو از
برو أسی چاو کرو شادی گیوو از

بنو کستوٗر تہٕ لولکی ساز وایو
نژو أسی نغمنے ہُنٛد گربہٕ ٹلو از

بنو مہمان تہٕ میزبان پانہٕ وأنی
کرو نا نالہٕ مُتی مونہِ میٹھی کرو از

نِشاطن شالہٕ مأرن کُن تہِ نیرو
بہارس وٕنی دِمو نظراہ کرو از

ہلم دأرِتھ گرٕھو نِش باغوانن
پنٕنی دامن مُرادو ٮٚتی برو از

بنو بُلبُل گلبن لنجہِ پھیرو
نتے کوتر بنو یا ھُو پرو از

کرِ و گتھ أسی چھٹل پنہٕ پوشرٕ ہن ہنٛدی
تلو ویٚور أسی یمن پوشن وچھو از

یہِ سورٕ ے گتھ سنا پٔٹھ ؟ کیٛا سبب اَتھ
بہٕ بیتاب کیٛازِ ؟ أخر کیٛا سنا گتھ؟

سپُد اعلان خبر وأژ بازرن پیٚو
چھپے اَخبار دِل میون شاد کیٛا گوٚو

مبارک راہیس گرِی تو مبارک
قلم کارس ادیبس صد مبارک

مُبارکھ گیان پیٹھ ایوارڈ میلُن
یہِ گوٚو قلمک بجر زانُن تہٕ مانُن

رسُل میرُن پرِو کاتھہ لولہِ بأتھاہ
کرِو مہجوٗر صأبس از سلاماہ

سمبٔھاہ خوش آسہِ گومُت روٗحِ آزاد
سخنور در لحد از آسہِ دِل شاد

مبارکھ ماجہِ زیوِ کٔو کأشرٕ ہن از
مبارکھ شأعرس بختاورس از



۲۳/مارچ ۲۰۰۷ء

# غزل

وَتہِ پکہٕ وُنہِ کتہِ آکھ کر ژٕ ٹھہر
کوٗت چُھے گرٕڈھن تمہِ چی چھیہِ ژےٚ خبر؟

ژٕہتہِ بادَم تہٕ نابد کرٕہ وأتی
مےٚ تہِ وزٕ وِزٕ ژاپُن پیوٚو یہِ زہر

ٹُھک ٹُھک گو یامت شامس برٕس
روٗح نیرتھ گوٚو کُس آسہِ خبر

گرٕشھِ انبار میٚتہِ زَن موہرٕ چھلن
ییٚلہِ مِسکینس پیٚیہِ چأنی نظر

وَق بدلیوٚو سورُے کیٚشہہ بدلیوٚو
ووتھ نیر سکھر ژٕ تہِ کیٚشٕ ھاہ کر



اپریل ۲۰۰۷ء

# غزل

سمبٹھاہ یُڑ کاٹلی وُچھمکھ یارِ لولو
وندے قدمن بۓ سَر دلدارِ لولو

کوّ رُم سودا تۓ شیدآیی بۓ سپڈُس
سمبٹھاہ دروّگ پیوّ وڑےّ ءستی باپارِ لولو

دماہ روزکھ غزل میٔانی ژِ بوزَکھ
گنجم دِلۓ رِکس رَبابس تارِ لولو

مُرِس منز چُھم یےِ زُو چونُے امانتھ
چُکاوے ساعتۓ اکےِ یکبارِ لولو

چھےّ تیہہ آسان پٔنزِ پٔنِس زمانس
یےِ ژٔنڈ وٕقیچ چھےّ زوراوارِ لولو

پٔنُن آسُن نہَ آسُن پیش تھاوے
اَژکھ نا میٔانہِ برِ دِلدارِ لولو

ژِ میٔانِس حال زارس پیٹھ رحم کر
بۓ شاکر خون کوتاہ ہارِ لولو



# نذرانہ عقیدت

## بحضور علامہ اقبالؒ

ہا کوترو تتہِ چی کتھاہ کر ییٚتہ حضرتِ اقبال
شێچھ انتہٕ تمہِ شہرٕ چ چھُ یتھ شہرس اندر اقبال

نِکھنا سلاماہ میٲنی ژٕ تمِس دیدٕ ور یُس اوس
للہٕ وان تہٕ سُلہٕ وان درجگر عشقِ محمدؐ اوس

ییٚمی لٔب حیات جاودٲنی تہٕ یُس واقف اسرار
سُے مردِ خود آگاہ خدا آگاہ تہٕ دِل بیدار

زندٕ روزنٕگھ پأغام دیُت ییٚمی سُے مردِ قلندر
ییٚمی قلمہٕ ستِہن دل فتح کٔری سُے اوس سکندر

ییٚمی علمِ قرآنک سمندر سوٗر سُہ دلاوٗر
ہتھ کھوٚت سُہ اَتہِ کم پربزلوٗنی یم لعل تے گوہر

ہاۭ کوترو وچھتن سُہ زندٕ دِل زندٕ فقیرا
تیٚمہِ زندٕگی دِژ مردہ دِلن ہُنٛد سُہ مسیحا

وچھتن ژٕ دیدَو پرٛیزلوٗن سے علمٕہ کُے اختاب
لوٗہوٗر شہرُک میون سُہ موٚت معشوق چُھ درخواب

پنٕہٕ کانٛہہ خلل کرٕہَس ژٕ مَس نیٚنٛدرِ سُہ آسہِم
ووتھہِ کرسنا وچھہن بہٕ چُھم تعشوق مےٚ شرکاسہِم

کرٕہس بہٕ عرضاہ باادَب دَپہس بہٕ اے اقبال
پنٕہٕ دلِ مبارک رنج ژٕے سپدِی وچھتہٕ اَز سُے حال

پیغام ہیتھ یُس آکھ قومس گُن سُہ تٲمی مُشرود
تھر پھر اَسہِ تتھ گُن سُہ پأغامِ عمل اَسہِ ترٛود



# نندِ موٚت

بہٕ چھُس نندِ موٚت ونان مےٚ تی چھِ سأری
جندِ لأگتھ پکان بہٕ چھُس سرِ سان

پکان بہٕ چھُس تہٕ نظرِ چھسم مےٚ بوٚن کُن
أچھن اندر نژان مےٚ چھِم ست اَسمان

سَنان بہٕ رِھن تہٕ یدِ بیضا چھُ اَتھہِ میون
وُچھان بہٕ پدٕبن تل یہِ ناگہٕ پوکھرِ وُزان

جلالس منز گھٹِتھ جمال چھُ میونُے
خُمارِ ہرٕو أچھو یہِ مَس کمن بہٕ پھِران

چھےٚ أچُھرٕ میانہِ پنجہِ ییٚتہِ بے انتہا رٕج
انہٕن انان بہٕ أچھن گاش گلبن تہِ زبو بہٕ دِوان

بہٕ جنت جہنم گتھ لگسم بہٕ اَکھ بے نیازا
مےٚ رضا بکار چھُ تمی سُندٕ من سرٕس بہٕ وَسان

یۆت وتۆت لگہٕ ئتی صُبح ئتی شام چھُم
غمو ةہٕ دولابو نشہ دۄر پہن پنُن دُنیا بہٕ تھوان

مہ کر گِنٛدٕ باشہِ مےٚ ہتی فنا کرِی قہر میون
مٔتِس مژرس اندر چھُنہٕ رِکھیں تہِ روزان

مےٚ کلہٕ ژٔڈ ژٔڈ ژُھن کمن نفسہِ کنہٕ سرفن
بہٕ مرنہٕ زانٛہہ بہٕ چھُس ننٛدٕ مۆت زندے روزان

شہزادٕ بہٕ چھُس وچھتہٕ یمن پٔریہِ وَنن ہُنٛد
مےٚ چھےٚ نٲلی تارکھ مالہٕ تہٕ کمہٕ حوٗرٕ مےٚ ونہٕ وان

زامُت بہٕ چھُس استانہٕ تہٕ پھِرستو مےٚ گٔری ہتیٚ میٹھی
تمہِ نوٗرٕ وَچھک تیٚمی بہٕ للہٕ وُس چھُس بہٕ ثنا خوان



۱۳ اکتوبر ۱۹۹۵ء

# کأشِر زبان

کأشرٕ کأشُر ژٕ چھکھ پرٕژ ناو پان
چأنۍ پرٛتیتھ زان چأنۍ کأشُر زبان

اَتھ اندر چھےٚ سانہِ پتھ کالُچ دلیل
اَزتہٕ ییمہِ یور کیاہ؟ یہِ سأنۍ تمہِ چی سبیل

کأشرِس للہِ ماجہِ سٕبٕژھہے لول بوٚر
دامنس اَتھ مأرۍ موٚنڈ تمہِ موٚختہٕ جوٚر

چُھے کلامِ حضرت شیخ نورالدینؒ
کأشرِس منٛز بے بہا دُرِ ثمین

ژٕکی درُو دیُت خوٗنِ دِل اَتھ دامہٕ چوٚن
دوٗپ بُزرگو کأنہہ زوال اَتھ گوٚژھ نہٕ یُن

اوبرو وزِ وزِ روٗدچُھے اَتھ دردِلو
سٕنٛز ووٕگنۍ وچھتھے یہِ دژاٛمٕژ منٛزۍ لو

میانہِ نوشہرکۍ وٗلی تمۍ کأملن
حُبی ین خواجہ حبیب نوشہرِین

کأشرِس منٛز بوٚو عشقُک دردِ سوز
بوز تی دِلہِ کیوٚ کنو سَن وارِ بوز

کأشرِس بۆر لول صۆفی شأعرو
لیۆکھ کلامِ دلنشین ؤچھ مأہرو

حبہٕ خوتوٗن کأشرِس منٛز نامور
دِتی وبداکھ تے نالہٕ تمی ؤچھ أتھی اندر

محمودنٕ أتھی اندر بۆو رازِ دِل
ووۓ تمی أتھی کأشرِس منٛز سازِ دِل

تمی رسول میرن تہِ أتھی منٛز باتھ ؤنی
عاشقی ہٕنٛدی دأدی أندرِم بأوی تمی

آو مہجورٕ کأشرِیک بوڈ ترجمان
سُے غزلخوان کأشرِیک سُے خوش بیان

وچھتہٕ آزادنٕ تہِ وزٕ نۆو انقلاب
کأشرِس تمی بۆر رگن خونِ شباب

زندٕ کولن زندٕ تھو پننی زبان
زندٕ دِل اِنسان آٮ۪متی چھِ یی کران

عأرفنٕ کمہِ شانہٕ کٔر اَتھ شیرٕ پأر
کترِ تہٕ گٔنڈی تھۆد تُلِتھ شیر پوشہٕ وأر

خونِ جِگرُک سگ فراقنٕ اتھ دیُتے
تمی نۆ‌ے اسلوٗب نۆ آہنگ اوٗنُے

نأدمنٕ اَتھ ماجہِ زیوِ پأراو کۆر
لفظہٕ راشَس تھۆد تُلِتھ تعظیم کۆر

کأملن نقشس اندر اَتھ رنگ برِی
تٔمی بدَل اندازٕ کٔر کأریگری

رأہی ییٚن رنگہٕ رنگہٕ امیٚک دامن جوٗرِے
میوٗٹھ موٚے غزلن تہٕ نظمن تٔمی بوٗرِے

کٔر زمانس ستی ہم آہنگ یمو
ستی ستی وقتس یہِ پکہٕ نأوِمژ تمو

حاجنیٚ صأبن تہِ اَتھ ڈیکہٕ لون شوٗر
لولہٕ تہٕ کمہِ مایہِ کوٗرنس گوٗرٕ گوٗر

لولہٕ والیو شأعرو گُل ٹوٗری برٕی
کأشرِس پننِس ڈیکس مونہِ میٹھی کٔری

وُچھ قلمکارو تہِ رٔچھ مُژرأو اُچھ
لیکھی تمو افسانہٕ کمہِ عنوانہٕ وِچھ

تالہِ پیٹھ اَتھ ٹوٗنگ ہیتھ ٔنو پوٗے چھ از
زیوِ پیٹھن پرزیو تمن گھرٕ مژ چھ از

زندٕ روزکھ زندٕ تھاو پنٔنی زبان
دُنیٖ یہَس مژ زندٕ قومن ہنٛز یہِ شان

رَتن پۆرِکی تٔمی نوازنٛ تہٕ تُل قلم
دود جگرُک کأشرِس منز کوٚر رقم

تُل قلم جبروتہٕ سان تٔمی نأظرنٛ
گنڈ مُشر پیچیدٕ عٔلمی دفترن

دود ہبتھ دردِل محی الدین گوٛہر اوس
کاشرأوی وتہٕ پۆدی تمی رہبر سُہ اوس

ٹینگ صأبن کیاہ زَبر گلہِ ٹوٗری بٔری
کأشرِس ادبس سبٹھاہ دُردانہٕ ژٔری

زَن سُہ جودوگار قلمُک پختہٕ کار
نثر ونظمُک زأنی کارچھُس گاٹہٕ جار

کر نظر سلطان شہیدی چھُ شأعرا
ترجمن تے شأعرن منز چھُ مأہرا

ہبتھ قلم دردست چھُ کیاہ اَندکُن بہتھ
ترجمن ہُند رنگہٕ بلبل رنگ ژٔھٹِتھ

شاکرنٛ اظہار کوٚر زیوِ ہُنٛد بجر
وارٕ وُچھتو، سوٗنچ تو، ژٔھوی تو خبر



۶، ۷/ اکتوبر ۱۹۹۵ء

# علیٰ مُک تہٖ ادبُک سرچشمہٕ شہرِ لاہور

دِل گوم بیتاب بۄیہِ پیوم ژھتس دِلرُبا لاہور
ہا بُلبُلو جل انتہٕ خبر کیُتھ آسہِ از لاہور
ذرٕ ذرٕ مےٚ سبٹھاہ ٹوٹھ چُھم تمہِ شہرِ لاہورُک
شرٛوٚنی شرٛوٚنی کرٕوٚن روٚنہِ منزُل اوس علم تے ادبُک
لوٚہورٕ دفن چُھے سُہ حفیظؔ شاعرِ اِسلام
ییمی از اِشارے غاۓب لیوٚکھ شاہنامہٕ اسلام
دِل میون بُلبُل وُپھنہِ لگان بوٚزتھے لاہور
شہپر بنان کمزور پرٛن چھس أندرٕ یوان زور
شہرِ لاہورس بجر اَتہِ گنج بخشؒ دربار
سیدِ ہجویر تھٲوِتھ تشریف چھُ یُس دیندار
چُھے زیرِ خاک اچھرہ سُہ عالمِ دِین مودودی
گٔر ترجمانی دینِ چھُ ییمی سُہ مودودی
لاہور شہرس بوٚڈ شرف تتہِ حضرت اقبالؔ
شاہی مسجدِ منز دفن دانائے راز اقبالؔ

اسرار وبڈھہٕ ناوٕی تیٚمی کلامس منز سُہ قلندر
بسکین سُہ لاہور شہرُک اوس بختاور

أتھی اوس محمد دین فوقؔ کشمیرُک سُہ موٚرِخ
تأریخ لیچھی تیٚمی کأشرٕن قومن ہنز سُہ موٚرِخ

اَتہِ أسی آسان علم و ادبکی لعل تے جوہر
چھِی مژِ اندر خاموش اَز کتہِ وُچھتکھ سخنور

نتہٕ یاد پیوم تاریخ دان صوفی محی الدین
شاہکار تأریخچ کتاب تٔمی ہٕنز چھےٚ بالیقین

مدفن تسُند تٔتھی خوٗبصورت شہرٕسے اندر
ییٚتہِ أسی آسان فلسفی، گاڈٕلر تہٕ سخنور

لاہور شہرٕکی گُلبدن گُل روئے مژھلی یار
ژھوہ أسی ماران منز نشاطن چھاوان گل و گلزار

کیٛا بوزِ نا رُب میون میٚتہِ توٚری سوزِ نا سپدیٛا؟
نیرِن دِلکی ارمان مےٚ شاؔکر، چشمو بہٕ تی وُچھِ نا



۲۵ر دسمبر ۲۰۰۷ء

# غزل

پنہٕ بأِلی راوکھ کأِلی مے ہے پھیرِ سبٹھاہ چون
چھٕتی جامہٕ ژراوکھ نأِلی ژٕ پنہٕ زرِ مایہ تی دِل میون

یتھ آنگنس میأنِس تہٕ پیٚیہ نا چانہٕ نوٗرُک گاہ
گرژھہِ ہے مے نخ بیدار تے پھوٚلہِ ہے یہِ ڈیکہٕ لون

روشن اَمارٕکی ژأنگی مے تھأوی انتظارس منٛز
ژےٚ دوٗر ہیوٚتتھ یارٕ دور برٕ زانہہ مے مازون

ارمانٕ رٕچھی رٕچھی پڑأنی مے چھم لولہٕ وٕچھس منٛز
زأنتھ یہٕ اوسُس یارٕ کُنہِ اکہِ ساعتہٕ ژٕ یکھ سون

أسی نجدٕ مُتی پھیران روٗدی وأنا کھ وَنن منٛز
یَس سجدِ دیُن اوس زانہہ تہٕ مانز دیکھ پانس زون

یادن یہٕ چانن منٛز دوہ ہے روٗدس تہٕ آدَن ژوٚل
نادَن ژےٚ زانہہ کن ماتھوٗت نِلہٕ وٕٹھ چھ کیا دل چون

یہٕ چھ کریوٚٹھ سبٹھاہ عشقہٕ منٛزل طے کرُن دُشوار
کُس دود ہیوٚتتھ شاکروٗنہِ چھے ژےٚ اَبل وون



۱۳/ اکتوبر ۱۹۹۵ء

# فراق

(پروفیسر غلام نبی فراقؔ صابَس خراج تحسین)

ہۓ ہتا ساہۓ ژٕے ماو چھتن کُنہٕ ہُتھ باغس منٛز
قد آور گُل تیمی دیُت مُت چھ پانس أندی أندی چھج

چھج دار کُلی وہرووُمت کوتاہ چھ سایہٕ پٔتُن
لٔنجہٕ لٔنجہٕ پوشن مُشکنٛز دار کُلس کیا خوشبوے ژھٹان

بہٕ تہٕ چھس مٔنزی مٔنزی چھج دار کُلس تل شہجار کران
ژٕ تہٕ ییتہٕ کُنہٕ وِز وولہٕ ہاوے قد آور گُل کتہٕ باغس منٛز

أنٛزراوان پانس ییتہٕ کم کم ازلکی ابد کی نیاے
للہٕ وان وأنٛجہٕ منٛز سربہٕ لولُک چھوکھ جگرس لوٗ گمُت چھس

عٔلی مُک میچھر ادٕچ خوشبوے لٔنجہٕ لٔنجہٕ پھٔٹتھ نیران
بختاوارس چھج دار کُلس پوشن پھلے پوٗشن

پرٕتھ تھوکُمتھ، ژھیوٗ نمُت وَتہٕ پکہٕ وُن رۄزِن اَتھ تل شہجار کران
سُہ چھ یاوَن موٗت قلندر، سُہ چھ خوشوُن پوشہٕ مدُن

سُہ چھ للہٕ وان ہجرٕکی کأتیاہ داغ وَچھس
تَس أندرِی لٔجمٕژ پھلے تَس ناو دپان فِراقؔ



۱۶/۱۰/اکتوبر ۱۹۹۵ء

# کٔشیرِ ہُنٛد حالِ زار

سانہِ یَتھ ریٚش وارِ منز جگر پارٕ کٔتھٕ کٔنٛ مارٕ گٔے
ماجہِ تے بیٚنہِ دگ چھِ للہٕ وان چشمہٕ چھکھنا اشکبار
شراکھ وأیکھ معصوم من ہے باکھ ژھٹہٕ نأوِکھ جوان
ذٕہی ژھبتے ہِش سأرِسے پرٛتھ ذی نفس گوسوگوار
غأب گٔے ماجن گبر بے ناو قبرن برنہٕ آے
چھےٚ دِوان آلو تِمن دیوانہٕ پأٹھِن بار بار
عالمکہِ سردارٕ! یِی تو، وُچھتو خوٗنہٕ سٔری گٔمٕژ کٔشیر
چانہِ ینہٕ پھولہِ گل تہٕ گلزار تراوِ پرتو نوبہار
کوترن تے بلبُلن ییٚتہِ زِبو کلیمٕژ کٔلی گٔمتی
دَم بخود کستوٗر گأمتی بولبوشس چھکھ نہٕ وار
یِم وُچھِن وألی جایہ جایے ملہٕ گُزاریٚتہِ چھی وُچھان
کم جوان، ہُنٛدِ بأنی خورشید سُلہِ ژاے کٔتھٕ کٔنٛ درمزار
گرٛبد تہٕ پانژٕألی کاو، کأوِج نارٕ پٹھٕ کم یور آے
جانہٕ وارن باغٕ کِہن پرٛتھ طرفہٕ لٔجمٕژ لارٕ لار

حالِ زار ییمہِ گُلشنُک شاؔکر ونان شعرن اَندر
خونِ ناحق شرٛوپ زمینس آسمان گو خونبار

ہۄل ہالے ڈٕزھ زٕ پور ییٚتہِ شورِ محشر گو بپا
ترالہِ کی لگی زالہِ وِز وِزِ پلووم تہٕ شوپین دِل فِگار

زِٹھی دِوان نکھ نوجوانن تو بوت ہیتھ بَر دوش ییم
پھٕری پٔنٕنی لاگتھ پٔنن اسہِ آیات پٕری پٕری بار بار

ووٚنی سہل پنہٕ نُے ژٕ کراسہِ پیٹھ رحم کراے کریم
بس نظر ژیٚے کُن چھےٚ بس اَتھ رحمتس کُنہِ چھا شمار



۸،۹ر جنوری ۲۰۱۹ء
درمیانی شب

# مےٚ تہٕ وٕچھ تٕم

(گٕنٕوٕہمہِ اکتوبر ۱۹۹۵ء جواہر نگرٕ اکہِ بٹہٕ گرٕ منٛزٕ ژٕلاشہِ وٕچھنہٕ پتہٕ)

بٔستی منٛزٕ اکھ خستہٕ مکاناہ
دار بو درواز ورٕوٚستے
پَش چُھس گومُت اوٗری وٗستھ
ہیٚرن پیٹھ اَتہِ ہوٗنی شوٗنگتھ
کمرٕ ن أندرِی گو پھہٕ گاٗمژٕ کیا؟
بیٛار بن ہنزٕ ژھاے نظرِ گژھان
کربکھ گیہِ محلس أندری أندری
محلکٕی گٔے یکبار جمع
اَکھ ووتھ گُستام بٕہیٚس أ کِس کُن
اَتہِ کیا ساہے کینٛژھاہ وَن؟
یکدم پُلسن لاشہِ اتھن کبتھ کجہِ أندرَ ے تم نیٚر تھآے
لاشن کُن أچھ روزٕ وچھان
دِل ژھبہٕ گوٚ ونٛج أشی ددٕراے
رولیس وٗ چھمک خوٗنہٕ خوٗن

پَلوٚن خوٚنچ دڑاہِ ژَھٹ

باسان اٰسی کمتام بہادُر، کتھ تام جُرمس رتہٕ چھپہِ لگی

زنگہٕ بُرِ، نائیلان رزِہٕ ستیٚ گٔنڈی گنڈی

بہودوٚرن اٰس چشمن ژھانٹھ

وُٹھ نیلیے ہٕتی بہودُرن

زبِرِ ہُنٛد کوتُر ژھوپہِ منز اوس

تیٚمی وُچھ تُمی کوٚر رواویلا، مےٚ تہِ وُچھ تم صدواویلا

تِم دڑا اے ابدی سفرَس کُن

ماجَن وُچھتھے کرٔ یکھ ژٔج نیرِتھ

خدایہ! وٕن جَل جَل بخشِتھ گژھ

اٰسی گری پننوٕ گونہو گیر



۲۱/ اکتوبر ۱۹۹۵ء

# غزل

یۆد نظر لوٗلچ ژٕ تژاوَکھ تی مےٚ روزَم یاد
پرون سرہہ یِنہٕ راوٕ راوَکھ تی مےٚ روزَم یاد

جان و دِل چانٛین وَتن وتھراوٕ قدمن زُو وندے
میون گرٕ کُن کر ژٕ واتکھ تی مےٚ روزَم یاد

کتھ نِشاطس منٛز ژٕ ژھۆ ماران تمنا چُھم متیو
میانہِ دِلہٕ کی داغ چھاوَکھ تی مےٚ روزَم یاد

کاٗتی ارمان دم بخود أندری تہٕ ہاوس گےٚ وٕڈسی
وُنہِ تہِ کوتاہ آزماوَکھ تی مےٚ روزَم یاد

مرنہٕ پتہٕ شہلتھ پیٚم بدنس تہٕ روٗحس ییہِ قرار
پننہِ دٕسی مزٕ تل مےٚ ساوَکھ تی مےٚ روزَم یاد

صبرٕ کُے پیمانہٕ لبریز گۆو تہٕ داماہ پھر متیو
بیٚیہِ تہِ کوتاہ پیٛارٕ ناوَکھ تی مےٚ روزَم یاد

ئُنز شیٚچھ ۏئزٔ مےٚ آدئ آدی　　ئُری زِ اَتھ پٹھ غور
سِر میون یتُھنہٕ کأنسہِ باوکھ　　تی مےٚ روزِم یاد

چھا کُمی چانِٕن خزانن　　سوٗرَن نہٕ یِم بُری بُری چھنا
شاکرٕس یتُھنہٕ پرٕ ژٕ پاوَکھ　　تی مےٚ روزِم یاد



# غزل

زُوٗ میٲنہِ! مدنوارِ یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو
درشُن پنُن دُبارٕ دِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو

پڑٕنگہٕ گُٹھہِ ہَہ وتھرَے توسہٕ — وولو رنگہٕ رِیونٛیو یِوٗ
گرِ میٲنہِ گُنہٕ وزِ بہہ تہٕ یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو

ہِگل زالہٕ لٲجِس چانہِ موکھہٕ — دِل میون ژٕ نِتھ گوکھ
دلبر ژٕ پالیس پیتہٕ تہٕ یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو

برٕ میٲنہِ اژَکھ نا ژٕ زانٛہہ — برٕ مارَے بہٕ پاین تل
کھیٚتہٕ میٲنہِ جِگرُک ماز یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو

گوٚنڈ نم مےٚ عشقُن نار — رہہ چھَم مےٚ سرتا پا
جگرس مےٚ پیوُمت زہتہٕ یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو

چُھس جامِ شیرین ہُتھ بہٕ دردست — چشمہٕ لوسم مےٚ
وَتہٕ چانہِ وُچھان چُھس بہٕ یِتہٕ — وندٕ ہے بہٕ پنُن زُو



# غزل

ژٔلتھ گوہم ہۭ کتہِ پیٛارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

یہِ دِل نیوٚھتھم ژٔ ے دِلدارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

یہِ دِل چھوکہٕ لد جگر زخمی
وٕ چھتھ گیسو، اویزان چھی

مےٚ چھم لُجمٕژ أشس دارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

ہتھ کتہِ پہلگامس چھکھ
مےٚ وَن کتھ عشقہٕ مقامس چھکھ

یہٕ ژھانڈتھ کتہِ مدنوارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

متٕھیو ! یِکھنا ژٕ سالس جل
وتن وتھراوٕ ہے مخمل

ژٕ پکھ لوٚتہِ لوٚتہٕ رفتارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

کلوٕ! چانے کلیے گجٕی سَے
پیٛمٕژ کتہِ ناگہٕ نیٛنڈٕر چھےٚ

ژٕ چھاوانِ باغہٕ سبزارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے

مےٚ گومُت چھم رنگس بے رنگ
ژٔ ے کوتاہ یارٕ دِل چھُے سنگ

روا چھا کانٛہہ کرُن مارٕ رے
ستم گر یارِ بے عارٕ رے



# نظم

(بے کسی تہٕ بے بسی)

کیٚنہہ متہٕ پرٛژھتو اَسی کم اَس
اَسہِ وولُکھ کلہٕ پیٹھہٕ دستار

تھپ دِتھ ژٕلی عزت سوٗنے ہتھ
نیلام کوٚرُکھ اتھ سرِ بازار

دوٗد دی دِی یم اَسہِ پانے رٕچھی
ٹوٗپ دِنہِ لگی اَسہِ تم شہمار

گٔلی، ژٕری چھ شہرکی وَتہٕ پکہٕ وٕنی
وَتھ چھکھ ڈٕجرٕ تہٕ اُلجرٕ لار

اند گُن چھ اَسی وُٹھ ترٛوپرٕ اوِتھ
بند چُھکھ کوٚرمُت اَسہِ گُفتار

بۄزِتھ زوٗر لوگ تہٕ ڈیشِتھ اوٗن
گتھ کرنس ما کیٚنہہ رُود وار

وُچھ ہُمہِ بالہٕ تہِ شولان نَب
طرفاتن لۆگ نارٕ ے نار

پٹھن اَتھن پپٹھ پَڑھ چھنہٕ پۆر
نیتن ژۆر، کھوٚٹ گۆو باپار

سڑکن پپٹھ رَتھ چُھکرووُکھ
أچھ ؤہرِتھ لاشن گأیہِ انبار

نگر نگر بأستی گأیہِ بُرباد
بے رونق گأیہِ سجہٕ وِنٕی بازار

جنگلہٕ چھےٚ ؤزھمٕژ ہاپَتھ ذاتھ
پنجہِ چِھکھ زَن موٗتٕچ تلوار

لاگان دوہلی چِھ شرٛاکھ ہأٹس
یِم کم سنگدل تہٕ کم بے عار



# غزل

گَتھو چانۍ مےٚ مِسکینَس دِیُتُم کیٛا
اَتھوٕ سٟتۍ کاںٛہہ سۆچھا کرِتۍ بہٕ تھکبٕہ ہا

ژوپٲر طرفن ژَھٹان رنگ جلوٕ چوٗنۍ
ژٕ بَر یَلہٕ تڑاوتہٕ براندَس ڈکہٕ بہٕ دِمہٕ ہا

بٕنِتھ پروانہٕ نۆرانس کرَو گتھ
شِکارے منز ژٕ حضرتبل ترٛکھ نا

کران جودوٗگری چُھکھ دِلبری منز
بہٕ کوتاہ کال یِہٕ چوٗنۍ دود للہٕ وا

کران بولبوش چُھکھ کستوٗر ہٕندی پاٙٹھی
گتھن میچھر ژےٚ کیٛا سُبحان اللہ

مےٚ چھُم بَس نامِ پاک چون اسمِ اعظم
دِلس میٛائِنس کھنکھ نا نقشِ اللہ

ہےٚ صُبحچ بانگہِ پٹھہٕ چھُس انتظارس
دِگر ووتُم جگر پارو ژٕ یِکھنا

ثنا خوأنی کران چأنی چھُ شاکرؔ
کلیس تیے زبو وسیس حق توتہِ نکھہٕ ما



۹/اگست ۲۰۰۹ء

# غزل

بہٕ چون بومبۄر ژٕ میأنٕی تیمبٕر زل پہِ باغٕ ژٕ چھاوَکھ نا
مےٚ چانہِ ینہٕ ستۍ بہار یِی ہے ملالہٕ ترٛاوکھ نا

ژٕنیٚندرِ وٕ ژھمٕژ سُلے پھن زَن خُمار چشمن چھے
شراب پھِری پھِری چھُ زنتہٕ کھاسبن مےٚ دام چاوَکھ نا

چھِ تیز تلوار یہِ نستہٕ خنجر جِگر مےٚ کترووُن
چھُ سینہٕ لوٚلچ یہِ دَگ مےٚ للہٕ وان نظرٕ ژٕ ترٛاوکھ نا

أچھروال چھٕی نیزٕ پھِتۍ زَن دِلس مےٚ سٔنۍ سٔنۍ گیم
مےٚ جوے ہٕژٕ أنٛدرِ چھِ خۄنس ژٕ روے مےٚ ہاوَکھ نا

مےٚ ویرِ چانے أشس چھِ دَدراے ژٕ پانہٕ نیرتھ گوکھ
مےٚ شوقہٕ ستبن چمن سجأوِم ژٕ پوش چھاوکھ نا

ہٕٹس یہِ میچھٕر دیتے ژےٚ وَن کٔمۍ! چھے وِگنہِ مندٕ چھان وُچھ
سُہ میۄٹھ بأتھاہ پننہِ ہٹہِ اَز بوزٕ ناوَکھ نا

یپأری مےٚ وۄتُم لوسنَس دوہ غمک یہِ کوہ پیٹھ پیوم
یہِ ناو حیاتُچ منز سَرس چھمبہ مےٚ تارٕ تارکھ نا



۱/۵ اکتوبر ۲۰۰۹ء

# غزل نما نظم

(پننہِ آبائی وطنہِ نِشہِ دُورأ کس بٹہِ کورِ کُن)

ژٕ بیخبر پأٹھی کیاز دژا یکھ تاپہ شہرس کُن
مےٚ روٗس ژٕ ِکتھہِ پأٹھی تتہِ درٕے یکھ سہٕ حال باوکھ نا

مُشِتھ ژےٚ ما گوے پٔنُن یہِ گُلشن وَنان ییتھ کشمیر
ییٚتیُک ہوا، یم بونہِ شہجار، وِیرہ وار تتہِ چھا

نَرم نَرم پادَن گرم سکھ سنان ژےٚ ما سوندرِی
وُنِتھ ژٕ کس نِش ہکلکھ ووپر تتہِ پٔنُن ژےٚ تتہِ کاتھہ ما

ژےٚ روٗس بہٕ ییٚتہِ چھس رووُمت ہیوٚ زنتہٕ پکھہٕ ژٕ وٹ کاو
بہِتھ بہٕ چھس گُلی لٔنجہِ أَکس پیٹھ وُدأسی دِل چھم نا؟

پیوان پکُن یاد سہٕ سرِوقد چون رنگ تہٕ روغن چون
سہٕ سبنٕدرِ ٹیوٗک چانِس جبینس ازٕ تُتھے آسیا؟

ژٚے ماکنن یَم میٹھی آلو میٲنٛز نتہٕ زانٛہہ گٔے
دِوان کنہٕ ڈول پکان ژٕ آسکھ تاپہٕ شہرس ما؟

سُہ کتہِ دِلُک سرٛہہ چھُ کنہِ پلَن منٛز چھِ تٔم اُچھورٚستُے
زرم تہٕ نوزُکھ یہِ شیشہٕ دِل چون کنہِ پلن ونہِ کیٛاہ

گُلاٗلی روخس چاےٚنس سُہ رنگ کتہِ گرٛشمہٕ کرٛایوٕ ستی
یہِ ببرِ تن مَسول بدَن چون ژالہِ سِتم کیٛاہ

بےٚ شونٛکھ پاٲٹھی چاےٚنی خیالن شاکرسؔ دِژ زِیر
تہٕ وزنہِ لوٚگ تَس دِلُک یہِ سازِ نتہٕ شاعری کرِ کیٛاہ



۸،۷/ا اکتوبر ۲۰۰۹ء

# بیادِ غلام حسن صوفی

کٲشرِ ہُنٛد اَکھ معروف تہٕ شیرین لَے تھون وول گُلوکار

گَن دِتھ بہٕ روزَے تار بوزے اَز تہِ گیوٚکھ نا
دیُت مُتھ ہٕٹِس میچھر ژےٚ گٲمی چُھے تی مےٚ ونکھ نا

لَے چاۓنی مٕدر اٚس بوزان دبدرِ تہٕ یِم جَل
یِم نغمہٕ بوٗزِتھ وِگنہِ کلان تیُٚتھ اثر چُھے نا

غمگین بوزن وٲلی چھ تِمن چشمہٕ اشکبار
اے سانہِ گلوکارٕ کیٛا ووٚنی بٲتھ گیوٚکھ نا

پنجہِ بہہ تہٕ ساتھاہ وُچھتہٕ وٲنجہِ کھنٛجہِ کران چُھکھ
پُرسوز لَیہِ منٛز سانہِ اَز راتھاہ ژٕ گیوکھ نا

مہجور غمگین آسہِ رسُل میر تہِ اوٚش ہاران
دِل وُ جانہٕ کلامس ژٕ تِہٕنٛدِس لول برکھ نا

دَم پھُٹِ گوٚمُت از سازو سنطوٗر چانہِ فراقے
وٕنی چھی دِوان یِم کوٚت ژٕولُکھ روٗشِتھ بٕنیہِ یِکھ نا

یِم بولہٕ وٕنی بے حِس گٕمتی زِوٗ زنتہٕ ننٛگا وِتھ
کوتر، قُمری، بُلبُل ژٕ تِہٕنٛدی زار بوزکھ نا

گوشن گرشھان یم میٹھی آلو چاۂنی پھری پھری چھم
رونہِ ہٹہِ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ غزل کاںٛہہ بوزناوکھ نا
فنکارٕ، فنکأری تھسٕکنٕ چاۂنی روزِ کشمیرس
امہِ خوش نوأیی ستۍ زخمن زوٚ مےٚ انکھ نا
مے چھےٚ یاد تم دوہ ییٚلہِ لگان ییٚتہِ جشنِ کشمیراوس
شبِ شالمأرس شب نشاطس چون گوٚون کیٛاہ
فنکارٕ لگے غنچہٕ دِل میون ژٕ از پھوٚلہٕ راو
آواز پنٕنی تیز ہنا کر آسہِ بوزان کانٛہہ
تتھ عالمس منٛز ییٚتہِ نہٕ کانٛہہ غمخوار رفیق تے یار
رحمت بخشنے گُل ژٕے پھوٚلی نے تتہِ غلام حسنا
چاۂنس دِلس سازندرس اَتھ جھیلِ ڈلس منٛز
لے آسہِ دچھہٕ پوٚشرِ گیوٚنس ستۍ ونکھ نا
زوِ چانہِ کانٛژھاہ نعتِ نبیؐ بوزِ ہے شاکر
سُہ تتہِ سوزِ ہے آغس دروٚدا ڈألی سلاماہ
آسی ژٕے وُزناوان یہ بول بوش پوشہٕ نوٚلن ہُند
بیدار گرٕ تھتھ ادٕ سازِ دِل وایان ژٕ آسکھ نا



نومبر ۲۰۰۹ء

# غزل

ہولہٕ گُجسو دلبرو سوٚندر یہٕ چانے لولرَے
چھُم فراقُک داغ سینس زانٛہہ وُچھتھ مامَسولے

وٕنی دِوان چھس کتہِ ژٕ آسکھ میانہِ بوٚمبورو وَلو
ونتہٕ کوتاہ کال پژارُن چھُم مےٚ ونتو مَسولے

راہ مےٚ کھوٚت کیٛا زانٛہہ تہِ ماوٕتھم یہِ زُومیون درعذاب
لولہٕ کی یم نیٛاے للہٕ وٕنی تھاوٕی تھم مےٚ گرگرَے

یتھ دِلس میانٛس أندری گوٚو کیٛا ژٔے ما تَمچی خبر
میون اوٚش ہارُن تہٕ نیرُن چون صُبحٕاے بامبرَے

زوٚل کرِ ہایہٕ تہِ گرس پننِس یہٕ وَتھرے زُووَتن
سون یکھ مہرازٕ مدنو آلوے پننہٕ نے نرَے



۲۷؍مارچ ۲۰۰۳ء

# بیادِ مرحوم شیخ محمد حسین

[وفات ۱۷ ستمبر ۲۰۱۵ء]

قبرِ چانے پوش پھٗلِ نے یاسمین تہٕ نسرین
سنبل و ریحان أندی أندی سائبان اتھ رُوزی تن
شبنمک چھرکاو سپدان صبحِ دم اتھ پوٗشتن
یارِ جأنی اوسہم محمد حسین اَے یارِ من

پوٚت ژٕ پھیرکھ نا تہٕ یِکھنا وارٕ وُچھِتھ صورتن
پوش ووتھراوَے وَتن چانہن وُچھے شیرے چمن
وولہٕ تِتھے پأٹھی بونہِ شیہجارس بہت میٹھو کتھن
یارِ جأنی اوسہم محمد حسین اَے یارِ من

مغفرت کٔری نے ژٕے دَے رحمت پننی کٔری نے عطا
تس خزانن چھا کمی کانٛہہ بٔری بٔری چھِ تس بے انتہا
تار دیتُمت چھے گنہگارن یہ تٔمی سندی رحمتن
یارِ جأنی اوسہم محمد حسین اَے یارِ من

دِل مےٚ وُنہٕ مانان کتہٕ چھُم یارٕ اَز دنیا ژٕ دراکھ
رات مےٚ ستیٚ کرٕوُن ژٕ کتھہٕ اوسُکھ یہ کِتھہٕ اَز قبرٕ ژاکھ
کُس گُرتھ انکار ہیکہٕ موتس یہ چھُ مانُن پیوان
یارٕ جانٕی اوسہم محمد حسین اَے یارٕ من

کم سکندر کتیٚ لقمان کتیٚ گاٹلۍ آیہ یور
کوٚر تمو دورا یپٹیک پتہٕ گےٚ سنا کوٚت درایہ کور
ہائے موتچ پیٚیہٕ بُتھن پتہٕ مہہ جبینن گلرخن
یارٕ جانٕی اوسہم محمد حسین اَے یارٕ من

للہٕ وُن تھوُوتھ دردِ فراق ہا دِلبرو وَن کوٚت ژٕ دراکھ
بیٚیہٕ تہٕ سمکھو، محفل کرو بیٚہمو دَر خانۂ فراق
تھاوٕ ہا کن بیٚیہٕ تہٕ چانٕن علمچن پرانٕن کتھن
یارٕ جانٕی اوسہم محمد حسین اَے یارٕ من

رووُمت گفتار کرٕتیٚ موتہٕ نیٚ کم طوطہٕ گلۍ
جل، قُمری کستوٗر تہٕ بُلبل موتہٕ چی ژنجہٕ ہوشہٕ ڈٔلۍ
بوش راوان پوشہٕ نُولن زیو ژھوکان جانورن
یارٕ جانٕی اوسہم محمد حسین اَے یارٕ من

تحریر: ۲۰ ستمبر ۲۰۱۵ء



# غزل

واو وُچھتو ییتہِ بنن لد کانہہ چُھما
میأنِ پأٹھی دود للہٕ وان آسہِ ما

یَس مَتِس میأنِس بہارس ستی لۓ
پوشہٕ باغس منز نیندٕر تَس آسہِ ما

خونِ دل میون یُس چھِوان شب وروز گوٚو
زوٗنہٕ رأژن جھیل ڈٕل چھاوان چُھما

روۓ تٔمی سُند ژندرٕ موکھ تابان زَن
نَہہ تہٕ نیندٕر زأجِرٕ تٔمی میأنِ چھا

چُھس گیوان وایان بہٕ چُھس ناسازِ دِل
ہے اُتی! وُچھتن سُہ کن تھاوان چھا

یاوٕنٔی دوہ آے سوران رنگ چھٹیوم
نوبہار لوکچار میون گوٚو کوٚت سنا

دۆل دِ ہتھ ژھرِ وے اُتھودڑا وپڑ یتھ اکھاہ
گس یہِ دُنی یاہ پۆش گس أمی کوٚر وفا

کُمی أتھر أندرِ ی ژھنم کُس یاد پیوم
کُمی مدنوارن بہِ ودِ نوونس سبٹھاہ

چھا یہِ نوشہرک بشیر شاکر پزی
ڈألی ہبتھ غزلاہ پنُن سُے آو ما



۱۵؍ پریل ۲۰۱۰ء

# الوداع

(۳۱ مئی ۲۰۱۰ء پننی ملازمتکی ڈہلی پؤر کرِتھ ریٹایرسپدنکس موقعس پٹھ)

وچھو از مئی ہُند پتُیم دوہ گژھٲرِتھ
ثنا شاکر پران یہِ ڈاکخانہٕ ترٲوِتھ
ژتجہ وٕہری پیٹھے یہِ لوٚژ راوِ شانن
امیُک بار یکبار پتھر دیُت مےٚ دٲرِتھ
ٹِکر مےٚ فِکرِ ہنٛز یہِ کلہٕ ٹھاسہٕ وان روٗز
نیندٕر ترٲوِ زہِ سٹھ یم پننی کھور زٕ ڈٲہرِتھ
پیٚوان چھم یاد یاوٕنٛز پژٲنی تم دوہ
پکان روٗد چھاوان یوان شین ماٲنڈِتھ
کمن تاپہٕ کژاین مےٚ زولُم پنٕن پان
تژر ہو ہو گرم تمہِ زمانک تہِ چھاٲوِتھ
پیٚوان یاد تم دوہ اُچھن تل یوان چھم
کران دفترٕچ کٲم شمع ژیری زٲلِتھ
سفر طے سپُد میون الحمدُ للہ
پران حمد لس کُن پننی اتھہٕ زٕ وہرِتھ

بہٕ نٕژ پہلگامن صُبحن تہٕ شامن

یہِ اَچھ وَل، کوکرناگ باغ یمہٕ چھاوِتھ

بہٕ گیوٚ نغمہٕ ساز والہِ نا شاۂدی یاۂنکی

پلہم یوٚد تہٕ تارکھ ۂنکی انہٕ بہٕ واۂلِتھ

سلام دوستن افسرن از سلاماہ

کران الوداع چھس پنٕن سر جُھکاوِتھ

ہوان از بہٕ روٗخستھ کران الوداع چُھس

توٗہُند تے پنٕن رُت خدایس منٛگان چُھس

چھےٚ انسانہٕ ہنٛز زندگی امتحاناہ

سرٕنی سٔنز ووٕگنز زندگی ہُند کمالاہ

پکُن مۂنزی طُفانو ترٛٹن سینہٕ دارُن

گٹو مۂنزی کڈٕنی وَتھ پنٕن دَم نہٕ ہارُن

کرٕنی اَتھ کُنی پربتس شانہٕ دارٕنی

وُنل نتہٕ یہِ واو چھاوِتھ ناو تارٕنی

کران شُکریہ چھس بہٕ توہہِ سارِنٕے ہُند

ثنا چھس پران تس رب العالمین سُند



# غزل

مرحوم عبدالرحمان آزاد ءِ شِنڈس تقلیدس مثز

''والہ ءُ بُرئ ہے زُلفِ خم بائُلی یے''

ماٰئزِ رئنگی ءِ متی ژےٚ نَم بائُلی یے — شوٗبہ ءِ وِنی زُلفِ خم بائُلی یے
چھُے ژےٚ کھوتمُت چشمن خُمار — تیرِ مژگان سِتم بائُلی یے
دِل گومُت وُ چھتہ ءِ بیتاب چھُم — پکھ ءِ ژ تُل جل قدم بائُلی یے
باءِ گران تورِ آ یکھ ءِ ژ لُول — چھُس بہ ءِ دأ رِتھ ہلم بائُلی یے
نامہ ءِ لئیکھ ءِ ہے پے پتاہ ما چھُم — روٗٹ مےٚ دردست قلم بائُلی یے
آسہِ ہسم نے غریبی تہ ءِ تنگدستی — خرچ کرِ ءِ ہا پدم بائُلی یے
گوّ و لئیکِھتھ غزلا سُہ آزاد — والہ ءِ بُری ہے زُلفِ خم بائُلی یے

شاکرَن کوّر تمِس تقلید
غزل گئیہ اِد رقم بائُلی یے



۲۵؍جون ۲۰۱۰ء

# غزل

کر بێیہٕ تہٕ نظر وچھتہٕ یٖم مہرازٕ سجاوِکھ
ونہٕ وان چھ یمن لولہٕ ہُرِ یٖم کتہٕ سنا تھاوِکھ

وأنا کھ وَتو کنٕز راتھ کُیت زَن ژھاے مےٚ ڈٲنٹھم
نہہ گٹہٕ اندر یٖم گُلبدن گُل زنتہٕ پُژ ناوِکھ

کُیت ہیوٗ یہٕ تُلن واو اَلے موٗل بوٗنن تام
ولہٕ وِرِ ژھپن ژاے تہٕ شاہ تِر تہٕ پاوِکھ

کتہٕ یٖم أنِکھ کوٚت نِیکھ یمن چھا نیب نِشاناہ
بے یارو مدد گار صحراوس اندر ترٛاوِکھ

دوٚپمکھ تُہۍ کم چھوٕ تہٕ تو ہُنٛد یوٗر یُن کیٛا گوٚو
پُرٛ ژھمکھ تہٕ کیٛنہہ ما وٚون تِموٕ ٲلی وُٹھ زٕ کُملاوِکھ



# دُعائیہ نظم

[باپتِ عالیہ جان یوسہٕ سون گرٕ تازٕ نوٚش بٔنتھ آیہ ۔ تٔسند ییٚنہٕ وول اوس ۷ ستمبر ۲۰۱۱ء]

بٔنتھ مہرینی ژٕ آیکھ ! عالیہ جان
ژٕ از گرٕ سون ژٕ آیکھ! عالیہ جان
مُبارک چون ییُن گرٕ سون اٗسِن
ژٕ بختاوار آیکھ! عالیہ جان

خداین سۆزنکھ رُت بوگ ہیتھ سون
بہارا ہیتھ ژٕ آیکھ! عالیہ جان
ژٕ یے اَسہٕ وُن روے چھے رُت خوئے کیٚاچھے
شکر شیرین ژٕ زَن چھکھ عالیہ جان

یہٕ صوٗرت چانٕی گمی صورت گرن گر
مُصور کیٚا سُہ بے شکھ عالیہ جان
خدا رٕچھی نے لگی ییٚنہٕ بدنظر زانہہ
ڈلی کھور ییتھنہٕ وٕسی پیکھ عالیہ جان

مگر ہردس تہٕ آسان رنگ پٔنٕز چھی
سنٛکھ یۄد تِہم تہٕ ڈیشکھ! عالیہ جان

چھ ہردس شأعرو تأریف کٔری ہٕتی
کتابن منٛز ژٕ پرٕہکھ! عالیہ جان

تیٚمبٕرزل ،ہی تہٕ مَسول باغٕہ کی پوش
یِمے گُل شیٖرِ لاگکھ! عالیہ جان
دُعاعن منٛز ژٕ تھاٗوِ زٕبن یاد شاکٔر
تِمِس رُت آۓ کانٛچھکھ! عالیہ جان



۷/اکتوبر۲۰۱۱ء

# نظم

## (واوِ طوفان)

بٹہٕ ژٲلی تہٕ گلی مُسلمان　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان
سأرِے کٔشیر چھے لرزان　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

رٔمس گٔنڈٕکھ أچھن پٲٹ　　رٔنیہ ہس یہِ نالہٕ منٛزٕ ژٔٹ
بیچارٕ وُٹھ چُھ فیشان　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

لأجِکھ کٔمِس ہٕٹِس شرٛاکھ　　وٕہی کٔمی سنا یہِ ژٔھٹ باکھ
گٔس ماجہِ روو یہِ جانان　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

بے وایہِ ژاے گرَن منٛز　　گٔس مارٕنگھ کران سَنٛز
گٔس نیوٗکھ گرٕیگ یہِ دُردان　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

ماجن ژُھوٚنگھ دِلن دوکھ　　رِنتھ لوٗٹہٕ گٔیے تٔمن سوکھ
یمہٕ کورِ اوٗش چھے ہاران　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

وارِلی ییٚتہِ ژاے باغس　　پُرٕژ پار پُھلیہِ کوٚرہَس
بُلبُل چھِ خون ہاران　　تیُتھ ووتھ یہِ واوِ طوٗفان

یم کم راتہٕ موغل آے — ییٚتہٕ کِس گُلشنس ژاے
بُتھی چھِکھ کرٕہنۍ أچھ زوتان — تیُٚتھ ووتھ یہِ واو طوٗفان

دِل وپھتہٕ چھکھ سِیاہ کیٚا — طوٗفان ییٚتہٕ گوٚو برپا
یی پیوکھ تی پکہٕ ناوان — تیُٚتھ ووتھ یہِ واو طوٗفان

ییٚتہٕ پنٕنۍ کسو ووپرٕ پھُٲری — پننو تہٕ کارِبد گری
گرٕ منٛزٕ نیوٗکھ لوٗٹہٕ سامان — تیُٚتھ ووتھ یہِ واو طوٗفان

گس ونہٕ یہٕ کُٲمی یہِ کیٚا کوٚر — یتُھی بانس کھیون تُتھی چھوٚر
اِنسانیت گُلی چھےٚ موران — تیُٚتھ ووتھ یہِ واو طوٗفان



دسمبر ۲۰۱۱ء

# مرکزی سرکارٕکس محکمہٕ ڈاکس

## منز پننہِ ملازمتک حال احوال تہٕ رخصتی

چھُس بہٕ پننِس محکمس رۆخصت ہوٚان
چھُس کران اَتھ الوداع حمدا پران

تھاوِمس پننی جوأنی آیتن
تن مےٚ دِژمس سینہٕ دورُم مُشکِلن

ژِیرِ واتُن وقتہٕ بروٚنہہ نیرُن محال
غیر حأضر روزُنک چھُنہٕ اتہِ سوال

ربط و ضبطُک بول بالا تہٕ ڈِسپلن
افسرن ہُنٛد احترام اتہِ لأزِمن

کأرتھٕ کیاہ وِچھ مےٚ پننِس محکمس
اتھ بجر پننہٕ نُے بجر روزان ڈکھس

تیر أسِن، رُود أسِن یا تہٕ شین
پابندی وقتٕچ چھُ واتُن بالیقین

صبح سپدان شام واتان اوس أتھی
معاوِضچ اَدِ آش روزان أس رتٕھی

گرشمہٕ کراین منز پکُن، واتُن ضرور
حاضری اَس لازمی یۆد اوس دُور
کامہِ اتھہٕ دیُن پتھ نہٕ کینٛہہ ہیۆن زُوژُن
محکمہٕ ڈاکس یہ دستوٗر چھے پنُن
ڈیلیوری اَسِن، منی آرڈر تمام
پارسل سوزٕنی، ٹکٹ دِنی تا وقتِ شام
آفیسر اَسِن سُہ کانٛہہ یا ماتحت
کامہِ منز مشغول سُہ قونونس تحت
یۆد سرازِیری گٔیس اتھ سرزِنش
افسرن ہنز کھنٛکھ نس تے بییہٕ پرژِھس
اَتھی اندر گزرأو مے پننی زندگی
اطمینان ہتھ پوٗرٕ گے ژتجی وٕری
پوٗرٕ گرٕی مے دوہ بہٕ ووٗنی آزاد چھُس
بندشو نِشہِ یلہٕ بہٕ چھُس آزاد چھُس
شکر ِللہ ِعزتہٕ سان انجام سپُد
پینشنس ووٗتُس یہ رُت سوٗرے سپُد
ووٗنی بدل انداز زمانکی نٔوی چلن
وقت بدلان پرون پرانان نوٚد نوٚن

اَز چھُ کمپیوٹر تہٕ انٹرنیٹ چلان
ٹِپ ٹپن ہُند زور و شور کاؤنٹر گریزان
گو اگر کینٛہہ گو تہٕ گو سسٹم بہِت
کاؤنٹرس پیٹھ کسٹمر گو زَن رہت
زندگی اکھ آزمائش، امتحان
لیس سرٕنۍ تیٚج کامیاب گو کامران



۸ر جنوری ۲۰۱۵ء

# بیادِ فریدپربتی

(اَکھ رباعی گوتۂ ماہرِ سخنور)

مےٚ چھِہم دیدٕ گریان یہٕ دِل خون ہاران
چمن چھاونے کوٚت ژٕوُلم جانِ جانان
فرید پربتی کیا چھ تَس ناو شوٗبان
چمن چھاوٕنے کوٚت ژٕوُلم جانِ جانان

اچھن تل یوان چھُم مےٚ سُے سروِ قامت
پیٚوان تس پیٹھن اَس نظر میأنی یامت
وۄتھان کیا بہان کیا سُہ دِیوٚ اوس باسان
چمن چھاوٕنے کوٚت ژٕوُلم جانِ جانان

سُہ شاعر قلم کار، سُہ دلدار سُہ غمخوار
غزل تے رباعی لیکھُن اوس تسُند کار
تھوٗن شاعری ہُند یہٕ فن زیرِ احسان
چمن چھاوٕنے کوٚت ژٕوُلم جانِ جانان

سُہ گٔتھ مقبرِس شرۆپ سُہ کتہِ ڈاف ترٛ اۄتھ
قدآور سُہ آدم سُہ گۆو شوہرٕ پرٛ اۄتھ
ادیب تے قلم کار تٔمِس اۄس زانان
چمن چھاوِنَے کوٚت ژۆلُم جانِ جانان

کران یاد یارس چھِ اَز یار سأری
دِوان وٕنی وُچھان تَس ژٔلِتھ گو کپأری
وِچھو شاگرد اَز تٕہندی اۆش چھِ هاران
چمن چھاوِنَے کوٚت ژۆلُم جانِ جانان

رُبأعی لیکھان گۆو سُہ ووستادِ کأمِل
کران خون جِگرُک اندر اَتھ سُہ شأمِل
یہِ فن تے امِکی زأوِی جار اوس زانان
چمن چھاوِنَے کوٚت ژۆلُم جانِ جانان

سُہ اوس پربتٕچ تٔمی نکھس تُل یہِ پربت
سخنور سُہ تِیمی زأنی عٔلمٕچ یہِ عظمت
حول پربتس نکھہِ تھنہِ پیوٚ سُہ ذی شان
چمن چھاوِنَے کوٚت ژۆلُم جانِ جانان

بۄ دَپہس فریدا سُلی یۄت ژٕ کۆت دڑاکھ
یمن دوستن ہٕندی جِگر گوکھ کٲرِتھ چاکھ

ژٕ چِھی مخفلن منٛز وچھان وُنہِ تہِ پیٲران
چمن چھاوِنےَ کۆت ژٕولُم جانِ جانان

لگے ٹاٹھہِ یارا ژٕ پۆت پھیر ژٕ مانیر
غزل وَن، نظم لیکھ یہِ ادبُک چمن شیر

بہٕ گیوٕ ہا غزل چانہِ لولہٕ گرٛھتہٕ بوزان
چمن چھاوِنےَ کۆت ژٕولُم جانِ جانان

ژٕ چُھکھ شانِ علم و ادب جانِ محفل
وونُے کٲمی رٹُن قبرِ ہُنٛدُے ژٕے منٛزِل

مثال شمع وچھتہٕ اوسُکھ ژٕ شولان
چمن چھاوِنےَ کۆت ژٕولُم جانِ جانان

فریدا اٮ۪چھن منٛز چُھ اوٗش بُلبُلس اَز
گومُت دم بخود نغمہٕ موٗڑھمُت اٲمِس اَز

ژٕ اوسُکھ پننۍ بٲتھ اٲمِس ڈالہِ سوزان
چمن چھاوِنےَ کۆت ژٕولُم جانِ جانان

منگو مغفرت أسی خدایس منگو أسی
سمو یار چأنی تلو اتھۂ پئنز أسی

پرۂ ژھیٚون پئن پان ژۂ موزان ژۂ موزان
چمن چھاۂنے کوٚت ژوٚلُم جانِ جانان

دَپان اولیاہن ہُنٛدٕے معتقد چھُکھ
دامانۂ تیوٚ ہُنٛدٕے اتھس منز رٔٹتھ چھُکھ

وسالت ژٕۓ کرنۓ پگاہ پیشِ رحمان
چمن چھاۂنے کوٚت ژوٚلُم جانِ جانان



# بروفات محمد اشرف باباحول سرینگر

(اشرف صاب اوس میانِس برادرِ اکبر مرحوم شیخ غلام حسن صابُن
فرزند نسبتی تہٕ کینٛژس کالس علیل روزنہٕ پتہٕ سپُد سُہ رحمتِ حق)

گومُت چُھ دِل غمگین میون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون
یِی نا پھِیرتھ بێیہٕ وچھون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون

تَس اَس قرآنس ءتی لَے — تُج تٔمۍ دِلس امہٕ ءتی گَھے
کرِنا تلاوت بێیہٕ وچھون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون

تَس اوس قصیدہٕ غوثیہ — اَز بر یہٕ اوراد فتحیہ
کوٚل موتنۍ کوٚر طوطہٕ سون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون

وُنہِ اَس تٔمِس سُل نیرنَس — کل ٔگمۍ کٔڈس تور سکھرنَس
روٚٹ تٔمۍ مزار سُلہِ ژھأری تون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون

ڈیوٗنُٹھم سُہ پابندِ صلواۃ — کلمات پران اوس دوہ تہٕ راتھ
فرمان نبیؐ سُنٛد تٔمۍ یہِ زون — کوٚت گوٚو سُہ اشرف لالہٕ سون

وقتِ نزع ژمی کلمہٕ پۆر برلوحِ دل یِی نقش کۆر
یتھہٕ پاٚٹھی رب راضی کرۄن کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون

رحمت پننۍ ژ٘رنس عطا راضی ژٕمس رۄزِن خدا
تتہِ ییٚتہِ نہٕ تس رۄس کانْہہ چھ سون کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون

یکھنا ژٕ سانے دِلبرو کثرُت جگر ہا اشرفو
ترٛاٚوِتھ ژۄ لُکھ اَسہِ غم چھُ چون کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون

کمہِ شایہِ رۄدُکھ ژھایہِ ہوٚل اٚتھی ہتی یہِ چونے دود بوٚل
دۄربر یہٕ کوتاہ ژالہِ چون کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون

رۄشِتھ مے زن گۆو نوبہار پوٚشیدِ کتہِ بیوٚٹھُم سُہ یار
لۆگمُت چھ زَن اَز زۄنہِ گرٛون کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون

چھُنہٕ اَز پرٛچان بُلبُل تہِ کانْہہ نہٕ چھُ لنجہِ بہتھ کستۆر کانْہہ
رۄٹمُت تمو ما غم چھُ چون کوٚت گۆو سُہ اشرف لالہٕ سون



# ولادتِ فرزندِ دلبند محمد ابراہیم

(۲۶ ر رجب ۱۴۳۳ھ، ۱۷ ر جون ۲۰۱۲ء)

[نوٹ:- میانہِ لو کچہِ صاحب زادِ گوڈنیک فرزند تولد سپدنس پیٹھ]

مُبارک از شبِ معراج پیاما رحمتُک ہیتھ آو
گرس سائنس اندر فرزندِ دِلبند ، دلقرارا زاو

تمنا اوس دِلن منز بوز خداین رُت گلاہ اَسہِ سوز
لُسِن ، پوشِن ، نوِن حمدا پروتس ییمی یہِ اَسہِ کُن سوز

مُبارک میر صائبس فرزندس تہٕندِس مُبارک سون
کران شاکر مُبارک سارِنے از صد مبارک میون

مُبارک رشتہٕ دارن ، دوست دارن میٲنہِ نے یارن
کران غمخوارنے پنہٕ نئن مبارک چُھس امیدوارن

کران اَز نالہٕ مُتہٕ مونہِ میٹھی اَ رِکس ءتہٕ اکھ اَسان سأری
چُھ ٹاربن منز خوشی ہُند اوش پھولان کوسم وچھو سأری

نِدا اَز غأب گوو فضِہس مے باسان چُھم بدل تأثیر
دِلن گیہِ شادمأنی ہیوت غمو پیتھ خوش سپدی دِلگیر

مُبارک بأدِین ہنٛز شێچھ ہوا لہرن اندر واتان
ثنا تَس ذوالجلالس کُن چھ کن میٛٹھان یہِ دِل توشان

گُلبن پیٹھ جانہٕ ور بولان گںٛوان یِم وِگنہِ وایان ساز
پٕران الحمد للہ پننہِ زیوِ منز کیا چھ خوش آواز

کران اَتہٕ گتھ چھٹل پوشری چھ بُلبُل میون دِل تنبہٕلان
سبب اَتھ سأرِسے یی بَس تولُد نِکہٕ چھُ از سپدان

گُلالاہ لولہٕ باغس پھۄل آشن تے امیدن ہُنٛد
أمِس ہرجایہِ برسر سایہِ رۄزِن نوبہارن ہُنٛد

دُعا اَتھ منٛز چھِ شأمِل صاحب دِل تَس احد صأبنٛ
اجابت یَس چھُ در دربار عألی تس خدا صأبنٛ

دِلن ہنٛز آش، أچھن ہُنٛد گاش گلابا پھۄلہٕ وُنے رۄزِن
یہِ پننہٕ نے مشکہٕ ستٕ‍ن باغ دِل معطر کران رۄزِن

بصد عجز و نیاز سأری منگان از أسی رُبس سأری
چھ کرٛیشان یِم چھ بے اولاد تِہنٛز کۄچھ برٛژ یا بأری



# غزل

یہِ دُنیا پوشہٕ وُن چھے نا عزیزا
یہِ ئلی توشُن تہٕ روشُن کیا عزیزا

تیی درکار تتہِ راوی نہٕ ہرگز
رٕژر کر سوز بروٗنہہ کینژھاہ عزیزا

عبادت چھے رچھُن دِل، دِل شکستن
کرن یتھ گوٚو سرن مولا عزیزا

یمن بنگلن وُچھتھ دِل مردہ سپدان
چھ کم پیرہن اندر وچھتا عزیزا

اٚندری کیاسَن، یمن وُچھ وُتھ چھ پشپان
دِلچ دگ دِوٕ ژٕے تیزی ما عزیزا

یہِ لأگتھ نالی کُس اطلاس تہٕ کمخواب
روٗنیمتی چھم پلو وچھتا عزیزا

نبرِی دروازٕ گُمرٕ دیُت یتھ صدا گوٚو
مےٚ دوٚپ گوٚو ما یہِ ٹاسا عزیزا

لیٚکھِتھ چھم لولہٕ چِی پرہے سیپارا
ژٕ راتس سانہِ روزکھ نا عزیزا

پٕنٕنٕ سأری اما یێتہِ گُس پنُن چھُم
بہٕ پرٕژھێن چھس خدا چھُمنا عزیزا



# ولادتِ مریم جان دخترِ عرفان احمد

[میأنِس لوکٹِس فرزندس ییلہِ کوٗرزا یہ تتھ مبارک موقعس پیٹھ سپدی ییم اشعار موزون]

ژٕ آیکھ دُنیہس تتے یور یُن اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے
گرٕ شُھن خوش اَتھ زنٛس میونُے طمع اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

یُتھے زا یکھ تیتھے زَن کأتی ہَن نَس ڈٕج تہٕ غم ہیوٗ پیوٚد
پنُن معصوٗم اَسہٕ وُن بُتھ ژٕے کیاہ اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

ہتے ہأری تہٕ اَچھہِ دأری ژٕے گٔری نے دَے پنٕنی یأری
ژٕے ماچھے پھِرٕ ستہٕ اَسہٕ ناوان اُسُن اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

ژٕ آیکھ یور سمسارس پنُن رِزق ژٕ ہیتھ آیکھ
ژٕے مأیتہِ کأنسہِ ہُنٛد کھیٚن کینٛہہ لیٚکھِت تی چھے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

دوٚپُکھ یامت تولُد نٕچ سبزٕ غأبی نِدا ہیوٗ گوٚد
مُبارک ہیتھ ژٕے رحمت سون یُن اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

ہتے جِگری یُتھے زا یکھ ژٕ ژٕ ا یکھ شیشہٕ خانس منٛز
ہسُکُن پھوٚ چانہِ موکھہٕ کوتاہ ژٕے کیاہ اوسُے بہٕ کیاہ ونہٕ ہے

ژےٚ للہٕ وِی موج جگرس منز کری ہے مالہٕ سنز پوشن
اَمِس دِل اوسنا توشن زہنہٕ بروٚنٹھے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

پکُن چھے مٔنزِلو نیرُن تہٕ پھیرُن سٔنز وۄگنز وچھتےٕ
خدارٕ چھی نے طفانو مٔنزی ژےٚ نیرُن چھُے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

چِھ کاتیاہ زندگی ہٕنڈی رنگ اتی تاپاہ اتی شیناہ
پٔکِھت بروٚنہہ کُن یمن چیزن سنُن ژیٚتہِ چھُے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

تسٕنز قدرت دِوان شاہ یُس چھُ ٹھۄلس موردٕ زندٕ سپدان
عقل حأران گرٕھان ڈیشِتھ یہِ زیٚن چونُے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

خدا بۄزِن قدم یُس یُس تُلکھ تتھ ژےٚ سبزٕ رٔگری نے
رفاقت رُب پٕننٔی گرنے مےٚ تی موٚنگمے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

پکُن منز وُزملن آسی یۆد رۄدس تہٕ ڈوٚٹھس منز
پنِنے غم کھسکھ پنِنے کھوژَ کھ خدا بس چھُے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے

ژٕ چھَکھ نا یوٚسمن باغس پھٔلِتھ پیٹھ کُن کوسم پوش
بہٕ لاگتھ شیرِ اَتھ باغس پھوٚلُن اوسُے بہٕ کیٛا ونہٕ ہے



۲،۳ / اگست ۲۰۱۲ء درمیانی رات

# ولادتِ اخلاق احمد

فرزند ارشاد احمد (تحریر: ۸/نومبر ۲۰۱۲ء)

مُبارک میوٛٹھ آلو گوٚو مےٚ گوشن
سبٛٹھاہ چھم شادمانی دِل مےٚ توشن

پُھلٕے برجستہٕ پوشن ہئزٕ چھےٚ چمنس
مےٚ باسان اَز بدَل تاثیر چھ فِضہس

گوان یم نغمہٕ لولکی اَز چھ بُلبُل
یمن ءستی ءستی گوٚنس دِل چھ مائِل

نظر کر وچھتہٕ لۍنجن پیٹھ یہِ اتہٕ گتھ
ژٕےٚ بوٚزتھ نا! یہِ سوٗرے کتھ سنا پیٹھ

مےٚ پیٹھ گوٚو ذاتِ بارٔی اَز مہربان
چھ یُس رحمان تٔمی سُند بوڈ چھ احسان

عطا تٔمی فرزندس میانِس نیٚچو کوٚر
شُکر کمہٕ زبوِ پرٕس تٔمی بوڈ فضل کوٚر

خداوندا! رچُھن ژِے چھکھ رچھن ہار
رفاقت بس اَمِس چانی چھے درکار

ژھٹِن اَدفر مُشک منز زندگانی
سُرن بس ناو چونے ژیٚے نمانی

دِلس کری زبس نقش بس نامِ اللہ
عطا عشقِ نبیؐ کری زبس ژ مولا

مَژھن تیُتھ بل دِ زبس یُتھ بنہِ یہ حیدرؓ
گلَن یُتھ بائطلکی درزدِ دِلاور

حیاتی منز تھزر روٗزِن یہِ پراوان
بنِن شاہین ژھنڈِن نوی نوی یہِ آسمان



# وبدائکھی بہاریہ نظم

یِکھنا مےٚ دٕو دُمت چُھم جِگر ٹاٹھہِ بہارو
وُچھہتھ بہٕ یِکھنا بارِ دِگر ٹاٹھہِ بہارو

شولان چھِ کیٛا وُچھ شامہٕ شفق أمی خوٗنہٕ بُتھ رُوٗنگمُتھ
ییٚتہِ کم چھِ یم ظائِلم ستمگر ٹاٹھہِ بہارو

ہرسُو چُھ ووتھمتھ ہوٗ تہٕ ہا مظلوٗم کران فٔریاد
معصوم چھِ کیٛا ییٚتہِ زیرِ خنجر ٹاٹھہِ بہارو

نیزَن بٔرِتھ اہریزٕ کیٛا تیٖہہ تیز تلوارَن
پژٕیتھ جایہِ سِپاہ ہیتھ چھِ سِپر ٹاٹھہِ بہارو

گوشن مےٚ گوٚو از اَنا الحق منصوٗر کھوٚت بردار
سقراط چھٕوان اَز تہِ زہر ٹاٹھہِ بہارو

نیلام گوٚو ییٚتہِ آبرو وُچھ ییٚتہِ پیٚیہِ پتھر دستار
شاہ کھالنس قہرچ چھِ نظر ٹاٹھہِ بہارو

پانژاَلی کاوٗو گیرِ کوٗرمُت ڈیرِ دِتھ دریینٹھاک
اَسہِ کُن وُچھان یم ہشت پہر ٹاٹھہِ بہارو

یتھ گُلشنس دٕزمژ چھے پُھلَے گوٗو گُلن پُژ پار
ہتھ درٕوت چھ اَتھ شام وسحر ٹاٹھہِ بہارو

ژےٚ کُن نظر چھسم وچھتہٕ وُچھان چانہِ وتے چُھس
للّٰہ ژٕ یوٚکُن کرتہٕ گُذر ٹاٹھہِ بہارو

یتھ ببرِ باغسِ وہرأمتی کٔمی کٔنڈی چھ ژواپاٚری
کوٚت نیرِ بہٕ چُھس حالِ ابتر ٹاٹھہِ بہارو

ییٚتہٕ عأش وعشرت ناش سپدی ییٚتہِ گاش وَتن نیوٚکھ
اَنہِ گوٚٹ چُھ گوٗمُت گامہٕ شہر ٹاٹھہِ بہارو

پرتوَ ژٕ تژاوَکھ جلوٕ ہاوَکھ یوٚد ژٕ بہارو
شاکرؔ وندِی قدمن پٔنٕن سَر ٹاٹھہِ بہارو



# طرحی غزل

مصرعہ طرح ''بُلبُلو تُہی ژھأری تون دِلدار میون''

مہجورؔ......

گوٚ وسُہ روٗ ہِشتھ کوٚت سنا ژوٚل یار میون
کتہِ سُہ بیٚوٗٹھم آسہِ کتہِ دِلدار میون
شاعرِ کشمیر مہجوٗرنۍ غزل
یام بوٗزم پھوٚل دِلُکھ گُلزار میون

وُچھ مےٚ خوابس منٛز حسن صوٗفیا گوٚوان
تار دِلچ وایان سُہ گلوکار میون
زندٕگی منٛز پزۍتھ اَکِس لولاہ برُن
رُت کرُن ژرا سرُن یہِ چھُ کار میون

آبہٕ ملرَن یُتھنہٕ رہہ لگہِ پنہٕ دزَن
شولہٕ ماران تیُتھ چھُ عشقُن نار میون
ہیر لأگتھ ژیرِ گُجہِ ہیوٚر ہیوٚر کھوٚتُس
لنٛجہِ کُنہ اَتھ گوٚونہٕ گوٚب کیٛہہ بار میون

کوترن اَتھہِ نامہٕ سۆزم دۆر گام
بُلبُلو تُہی ژھأری تون دِلدار میون

اُلی ناش پانژألی کاوٕو ییتہٕ کوٗرم
گُلشنک پڑیتھ گُل چُھ اشکبار میون

اَتھہٕ واجن وچھتہٕ تتہِ! مہجۆر دفن
بوڑ سخنور کیُتھ چُھ بوڈ فنکار میون

تُل قلم طرحی غزل لیۆکھ شاکرنؔ
شأعرن دۆپ اَز چُھ لی اظہار میون



# نظم

[پننہِ لوکچہِ نوشہِ ہندِ ناوٕ یَس اصلی ناو غوثیہ چھُ تہٕ عرف چھُس چھوٹی]

خداین پأدٕ کرنکھ کیٛا زبر چھکھ     کٔتج ونہٕ ہے ژٕ چھکھ شوٗبان چھوٹی
ربن دِژٕمژ چھنے کیٛا شکل وصوٗرت     عقل کر، مان تسُند فرمان چھوٹی
حُسن چھُنہٕ پوشہٕ وُن یتھ دُنیہَس منز     فنا گژھہٕ وُن چھُ سورُے فان چھوٹی
نمازن کُن پننۍ کل کر قرآن پَر     نصیحت چھے یہِ دِلہٕ سٕتۍ مان چھوٹی
خداین بخشنے رٔژ کورِہن کیٛا     رٕچھُن بوکہٕ ؤٹ یہِ مریم جان چھوٹی
کرُس رٕژ تربیت رٕژ پانہٕ گوڈٕ بَن     گژھِ رأضی خداتی زان چھوٹی
تَھوُن ٹوٹھ غوث العظمؒ غوثیہ چھکھ     تُہند فرمان دِل و جان مان چھوٹی
وظیفہ ہیتھ پُنن آو شاہِ ہمدانؒ     وِرد تھاو اِدٕ بنکھ اِنسان چھوٹی
کلام شیخ العالمؒ نوالدین پَر     دِلس پھولہٕ نے سُنبل ریحان چھوٹی
گَتھاہ بس چھےَ وُسن أخر چھُ مژِتل     یہِ دُنۍ یاہ پوشہٕ وُن مےَ زان چھوٹی
کرَکھ یوٗ درُت سرَ کھ تتہِ تی بہ عُقبیٰ     وَنان شاکرژےٚ کُن تھَودھیان چھوٹی



۲۲ / جولائی ۲۰۱۳ء

# پروفیسر غلام نبی فراقؔ بنام سخنورانِ کشمیر

مُبارک اَز سمے ٲتی یار گلابن گنٛڈی کرو سارٕی
سخنداںس فراقسٕ شاعرس لولاہ برٛو سارٕی

قلمکارن ادیبن ہُنٛز یہِ پُر رونق چھےٚ محفل اَز
کران نِپہٕ نِپہٕ چھِ علمکی گاشہٕ تارکھ تنٛبہٕ لان دِل اَز

وُچھو تُہۍ روبرو چھِوٕ میرِ محفل ہتھ پنُن پیغام
دِپان چھِوٕ زندٕ روٗزِو ییٚلہِ گرِیو کاشُر پنُن تُہۍ عام

چھِے بخشان زِیو پننی پرتییت قومس بروٗنٹھہ یہِ پکہٕ ناوان
چھُوےپوٚز زلول مےٚ ٲستھن یِتھہٕ مُشرِ یوزانٹھہ یہِ چھُوٕفرمان

نیٚنٛدٕ رتےٚ نیہہ مےٚ راٛٹزن ہُنٛز فداا تھ پتھ مےٚ گرٕمژ چھم
دِیُتم سگ خونِ جگرُک چیٚون یہِ کاشری زیوٕ مےٚ رٕچھمٕژ چھم

مےٚ کوٚرمُت زۄنہٕ راٛٹزن خونِ دل چیتھ چھُم ادب تخلیق
شِشر ماسس اندر تھٕھراے قلم کاغذ رٕٹتھ نزدیکھ

مےٚ تھوٚو مَو گُلشناہ ادبُک سجاَوِتھ اَتھ نظر تھاَوِیو
وٚلِو تُھہ بُلبُلو یِم پوٚش چھاَوِو باغ پھٔلراَوِو

غمُک اَکھ بارٕ طوٗفاناہ حیاَتی منٛز مےٚ ژالُن پیوٚو
یہِ راوَن تیوٚل لیوٚکھُم پٔری تودِٕژم اَتھ قلمہٕ ستٕن زیو

بیان اَتھ منٛز مےٚ کٔرمٕژ چھم حقیقت زندٕگاَنی ہنٛز
یہِ آدٕمی موٚر چھُ کوتاہ دوٗر تہٕ اَوِج اَڈرَن اَمی سنٛز

مےٚ ستٕن اَز کٔرِو تُھہ عہد و پیمان تارگو بوٗزِو
یہٕ چُھس وٚل بالہٕ پٔتی کنٛی لوسہٕ وُن آفتابہٕ تُھہ سونٛچِو

مُبارک یوٗر یُن میاَنس گرَس منٛز چُھس سٮ۪ٹھاہ مشکوٗر
دُعا گوروزِ روٗح میون توٗہندِ ینہٕ دِل چُھم سٮ۪ٹھاہ مسروٗر

یہ چھُوٕ پاَغام میوٗنُے تُہندِ باپت گو لیکھِت شاؔکر
پران گو روبرو توٗہہِ دَگ دِلچ گو سُے کران ظاہر



۸؍دسمبر ۲۰۱۳ء

# مرحومہ راج بیگم (شیرین آواز گلوکارہ) ہِنٛدِ ناوٕ

گرٛھان گوشن مےٚ چھِم گمہِ ہِنٛز یہِ آواز
یہِ لےٚ کمی ہِنٛز چھےٚ، وایان کُس ہٹیٚک ساز
اَثر کرٕنی تہٕ سنہٕ وِنی لےٚ ہٕٹس منٛز
چھےٚ یَس قدرت تمی کوٚرمُت امیُک سٕنز

پران پُرسوز لیہ منٛز بیٚلہِ چھےٚ گلریز
گرٛھان میٚتہِ سوزِ دِل چھُم دمبدم تیز
گیوان بیگم رسول میرُن کلاماہ
رُوحس شاہ باد میرس ییہِ آراماہ

خدایَن چھس ہٕٹس میچھر بخشمُتھ
چھےٚ وَنہٕ واں وگنہٕ پتھ وَن چھس اثر تیُتھ
چھِ بوزن وائلی سپدان مست و مدہوش
یوان پھٕلی پھٕلی دِلکی پمپوش بر جوش

وَلو واوُو ونے! سوز بوزِ ناوان

دماہ ییٚتہِ روز کتھاہ بوز کیٚاہ زبر جان

صبح پھۄل بلبلو تُل شور و غوغا

ربابِ دِل اُمس اَتھ ستیٚ وزان کیٚاہ

یہِ آواز، دردِ ہُش لَے، ناز در ناز

قُمری، کستۄری، رُکان بوزِتھ یہِ آواز

بہ کرِ ہس مرحبا اَتھ سوز و سازس

دِلکی گن دارِ ہَس بہ اَتھ اندازس

اُمِس مستورہ کستور گژھ کران چھِس

گیویا، دارَس پٔنٕز کن پوٚت آلوا دِس

گرٕھان مہجوؔر خوش، دِل شاد سپدان

غزل بوزِتھ تٔمِس روح تازٕ سپدان

یہِ ما سنا راج بیگم بییہِ گیوان اَز

وٕلو بوزَو کرو اَسی بوزنک سٕز



# ڈاک خانٕچ اَکھ منظوم قلمی تصویر

ڈاک خانٕچ نوکری چھِم بند تھوان
کأم تیژاہ چھُس نہٕ کُنہِ اَند بوٚر لگان

موٚہرنٕے ہِنٛز ٹاسہٕ رارٕے زورو شور
وٕچھ ہُپأری پیکر چھوٚٹھیلَن گوٚل وٹان

ژریٚ یوٚد گوٚو واتہٕ نس دفترٕ مےٚ زانٛہہ
یا تہٕ چارج شیٹ یا تنخواہ ژٹان

ضابطن تےَ قاعدَن ہِنٛز پابندی
چھِم پنجن منز گانٹ زن پوٚتِس رَٹان

یوٚد حِسابس شاہٕمَنس آیم فرق
شارٹ گژھنکہِ بیمہٕ چھُس اَنٛدری ژٹان

کانٛہہ تہِ چھُنہٕ ییٚتہٕ کانٛسہِ اَکھ سُند یاردوس
یُس اَکھاہ لوٚگ سُے کُنے زوٗن کولہِ پھٹان

یُس ییٚتیُک نوکر اَڈٕے وانٛسا پچھے تَس
رشتہٕ داری، اشنأیی تس ژھوٚٹان

پیٹھہٕ یہِ میوٗنُے علم وادبُک ذوق وشوق
چھُس کمن شوقن تہٕ طمہٕ ہَن کلہٕ ژٹان

کونٹرَن پیٹھ روپیہِ بُری بُری یم صندوق
ناگہِ گاڈَن کُس سنا بیۆقل رَٹان
ڈاک سوزُن تےَ رَٹُن اَکھ سلسلہ
کاںٛہہ چھُو بہور بن گنڈ ہوان کاںٛہہ گنڈ ژٹان
اَکھ رٔژِت تیلہِ کُنی اَتھس منز لاچھ ہتھ
سیل تراوان بیاکھ انشورڈ بند کران
پارسل کونٹر ہُتِھ سیونگ پیٹھن
ہُتھ سپیڈ پوسٹ یتھ منی آرڈر رٹان
ونتہٕ لوگمت کیازِ از ٹِکٹن چھُ رَش
لۄنہِ منز از کیازِ لکھ ووٕنی تھکان
ڈاکہٕ وولا ہتھ چِٹھیا ییلہِ کاںٛسہِ ووت
یاتہٕ شہلت چھُس پوان یا پتھ کھسان
چندِ منزِ گس تام چھےٚ پیٖمژ اَکھ روپے
گٔیہ کریڈِٹ بوب جی ایر ربُک چھےٚ لیکھان
ووٚت اَرون زاہ دُہر تامت گۄو ریٹاییر
افسرس چھےٚ افسری ہُند برم پھُٹان
یِی مُقدر شاکرسٕ اتھ ڈٔنی زِ کیاہ
کس کتھن رزق چھُ پانے دَے لیکھان



''یہِ نظم چھےٚ تمۍ ہِندِ اَتھہِ دراہٕژ یُس پانہٕ ڈاکخانس منٛز کام کران چھُ۔ یہِ ہیٚکہِ ہاسُے لیکھِتھ۔ تمۍ چھِ ایماندآری سان تِتھ ووسہِ دروسہِ تہٕ ژلہٕ لارِزبو دِژہٕ یوسہٕ اَتھ جایہِ آسان چھےٚ تہٕ ییٚمہِ منٛزی سہ پانہٕ تہِ گُزران چھُ۔ ہِتی چھُ تَس 58 ؤری گُزرِتھ ملازمتہٕ نِش ریٹائیر گژھنُک وقت تہِ بڑ ؤنیہ کُن یِوان۔ ییٚلہِ افسرس افسری ہُند برہم چکنا چور تہٕ ہارٕ پھٔلی گژھتھ پانٕسے بے حد تکلیف دِوان چھُ۔ 'ادب برائے زندگی'' وٲلی کرٕہَن اَتھ تھوٚ دؤتھی ؤتھی تعریف۔ میون مطلب چھُ ترقی پسند نظریِکی ادیب۔''

پروفیسر غلام نبی فراقؔ



# غزل

یہِ کٲمؠ محبوب روین اَز مےٚ روٕے ہوو
نٔظرِ نظرَن رلاوِتھ دِل مےٚ شہلوو

لیٚکھِت یوٚ دوَے شکایت شکوٕ آسم
کِتابِ راو، یِتھُے تمہِ مَرِ اُسن ترٛوو

جگر پُروٗٹُم پَنُن، رَتھ ژانگہِ زُولُم!
بسوٗم منز دِلَس مےٚ سینٕہ پٕرٛ نوو

دِتم وٕنی مارکن پھِرِی پھِرِی مےٚ گٲے برانتیٚ
لوٚبُم اَکہِ ساعتٕہ یُس سُے ساسہِ لٹہِ رٛوو

یہِ صبحاے گل تٕہ بلبل وولسنَس آے
یہِ ما تمہِ مَسوَلے مَس بیٚیہِ تہِ مُشرٛوو

بٕہ ٲلی مٔشرِ روہَس دوٚپہَم سُو پوٚژھ اوٕے
تٕہ اَدِ کِتھٕہ گٲنزِ أندرِی أندرِی مےٚ رٕژنوو

سۄ ژُیوہ اوس مشترُک ژُیوہ شاکرس راتھ
ژٕ ییتھ پوٚت کھورِ ژوٚلہس وٕنی دِوان رٕوو



''مواد چھُ سوٗرے رومانوی تہٕ رومان تہِ چھُ زندگی ہُند اکھ حصہٕ۔ خیال تہٕ لفظہٕ ژارد وشوٗے چھِ واریہس حدس تام جدت پسندی۔ یہِ چیز چھُ ییٚمہِ پرٕزِ چ نشاندہی کران زِ شاعر ییٚمہٕ آیہ تہٕ تژ ایہ کانہہ حقیقت محسوس کران چھُ سۄ چھُ تتھ تمی حسابہٕ پٔنٕنی پأٹھی پیش کران۔ شاعرس چھُنہٕ پننہِ پَتھ کالچہِ شاعری ہُند سوٚن مطالعہٕ۔ یتہِ چھُ اَمِس نقصانہٕ بدل فائیدے دِوان۔ اگر آسہِ ہس خبر سۄ ماسپدِ ہے تیٚلہِ روایت پسندی ہُند شکار اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ۔ سۄ چھُ پننی کتھ ونان تہٕ وٕنی یژھان۔ تِی کرُن چھُ ضروٗری۔''

پروفیسر غلام نبی فراق

۲۰ رمئی ۱۹۹۰ء



# غزل

خبر کِتھۍ اُنیٚ لُجِکھ اَز سون کُن ژٕ ے
پژٕھے نَے چھَم یہِ چھا کانٛہہ کِنۍ یہِ چھکھ ژٕ ے

زٕ دوٕہہ برٛوٕنٛٹھُے مےٚ اوٚسُم خواب وُٚچھمُت
پھوٚلان زَن آنگنس میٛأنِس ژوٕپأری ہیٚ

بٔہ گَتھ وَنۍ ہےَ پِنَے بوٗزِتھ کھٔسی ژَکھ
کھٔیِیہِ ؤٕل گَتھ پٔتۍ کِنبتھ یم کن دِوان چھی

تَلے بیٚیہِ تُل نظر تھوٚد وارٕ وُچھۍ ہا
اَچھَن منٛز کیٛاہ ژےٚ نتۍ پانَے وَنم ژٕ ے

حسر کیٛاہ میتھِ مازَس وازٕ وانس
جگر پننٕۍ مےٚ تاوے توٚلمُتے چھُے

ژےٚ چھےٚ باپر ذرا لوٚت لوٚت قدم تل
بہ زأنتھ چھُس ژٕ پَتۍ زانٛہہ دِکھنۍ نظرٕ ے

خدا رٔژھنے لگی ینٕہ نظرِ آدم
ٕلیو کنٕز لۄکھ ہے ژٕرے کُن وُچھان چھِ

خیالَن منٛز یِوان ییٚلہِ شاکرس چھکھ
ووتھان نٔوی نٔوی طلوطُم أندری أندری



''شاکر صأبُن ذہن چھُ جدت پسند تہٕ أکِس کامیاب شاعرِ ٕسندِ باپتھ چھُ یہِ وصف انتہأیی اہم آسان۔ مےٚ چھُ یقین زِ اگر شاکر صأب لیٚکھَن کام جأری تھاوِ سہٕ کَرِ کأشرِ زبأنی ہٕندِس نظمی ادبس منٛز پننہِ باپَت جاے۔''

پروفیسر غلام نبی فراق



# نظم

یُڑ کائلی وُچھمک خاڑے چھُیئے
اَزہَے ژُشُس چھک خاڑے چھُیئے
رَژھہِ کھُنجہِ بیہمو ہوتھ بوُنہِ شہلِس
دُزمُڑ ژِہَے چھک خاڑے چھُیئے
اُچھ مُڑراوی گلزار چھاوی
نِنڈرے ہُڑ چھک خاڑے چھُیئے
بامبر ژے کیاہ چھے کھور ٹھہراوی
گرِ ہے ژِ واتکھ خاڑے چھُیئے
گِنڈِ باشہِ کروَے ووِنی کیا زِمروَے
وُنہِ ہَے لوکٹ چھک خاڑے چھُیئے
کر ژھوپہِ پانَس میائنی دری چھے
پینہِ ووِش ژِ تراوَکھ خاڑے چھُیئے
تیمہِ یور بوزَد یہ چھُ دَم غنیمت
کرزانہہ ژِ سمکھک خاڑے چھُیئے
لوٗت لوٗت قدم تُل مٹہِ پینہِ کھسہِ ہَم
ٹھُوکُر پینَے کھبک خاڑے چھُیئے

وَتھ وَنہٕ چھُیے ستی ما ہٕ یٔیہِ
یُتھنَے ژٕ راوکھ خٲرٕ پِھُیٔے
بُتھہٕ یوٚد پیٚی کانْہہ پرٕ ژھیٚیہٕ کُس گو
یُتھ نے ژٕ منٛڈ چھک خٲرٕ پِھُیٔے
تَمہٕ وِزِ کیاہ کرِہ مَتہٕ مایہٕ شاکر
گرِ یِیلہٕ ژٕ سکھرک خٲرٕ پِھُیٔے



۳رمئی ۱۹۹۰ء

''یِتھ نظم پارس منٛز چھُ شاکر صاب ژھوٚٹ بحر ورتاوِتھ یِمہٕ گتھہٕ ہُنٛد باس دِوان زِ سُہ ہیکہٕ پننی احساس کُنہٕ تہٕ بحرس منٛز پیش کٔرِتھ۔ پتہٕ چھےٚ سمبٕٹھاہ رٔژ گتھ۔ لطیف احساس تہٕ جذبات عام فہم زبٲنی منٛز جوٗرتہٕ سان پیش کرٕنی تہٕ چھِ اَتھی پزرس سطحس پیٹھ اَنان۔ شاکر صاب گژھہٕ لیکھنس کُن اَتھکل کرٕنی تَمہٕ ستی ہیکہٕ سُہ پنُن اصلی رنگ تیار کٔرِتھ۔ یِتھ غزلس منٛز چھِ کتی مِصرٕ یِم شاکر صاٲبنس محسوس کری مِتس جذبس پیش کرنس منٛز اہم کام انجام دِوان چھِ۔ شاکر صابس پزٕ کافی لیکھُن۔ اژونس بہارس پیٹھ لیکھی تِم اَکھ موختصر نظم۔''

......پروفیسر غلام نبی فراقؔ



# خراجِ عقیدت

نوٹ: میون اَکھ سبٹھاہ نزدیکی ہمسایہ، ہمدرد، ملنسار تہٕ علم دوست عبدالاحد کھانڈے سپدٕ حول سرینگرٕ اَکہِ سڑک حادثُک شکار تہٕ سپدٕ رحمتِ حق۔ یہِ نظم چھے تہندِس یادس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔

شاکرؔ

کوٚت سنا گوٚو جائٕ یارا، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد
غمگسارا دوست دارا، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد

ہے یہ کیٛاہ گوٚو کیٛاہ سپُد رات ہے اَسہِ ستی اوس
گتھ مزارَس گوٚو شرپتھ، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد

سُے مےٚ ستین ہم خیال اوس علم وادبُک زانٕی کار
دِل مےٚ رنٛز ناوان کتھو ستی، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد

میانٕی پاٹھی اَتس کتابَن ستی گاٹٕج اُس لے
بوزِ ناوان شاعری اوس، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد

نرم دِل تَے نرم گفتار سانہِ بستی ہند سُہ یار
یَس کتھن میچھر سبٹھاہ اُوس، کوٚت سُہ گوٚو عبدالاحد

یار ونہٕ سا یارِ غمخوار دوست لیکھ ساکنہ رفیق
اَکھ شہل سبزار باغک، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد

لولہٕ کستور میون اندری ماتم کران تے وَچھ ژٹان
بولبوشس یُس کجر گوٚو، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد

پوشہِ پھتی وُوتھر اوہس یوٚد سُہ واپس پھیرِ یور
یورِ یُس دراو کتہِ سُہ آو، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد

بلبلو تُہی ترالہٕ پھٹہٕ أنی تو خبر تس یارٕ سنٛز
قبرِ پھٔلی مُتی پوش تس چھا، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد

صاف دل انسان اَکھ اوس کتھ ونان اوس صاف صاف
آسہِ ہے ٹیٹھ یا مدر کتھ، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد

تاب کتہِ رُوو شاکرس پیمانہ صبرُک لبریز گوٚو
تس جگر وِچھ خون ہاران، کوّت سُہ گوٚو عبدالاحد



۷؍جولائی ۲۰۱۷ء

# صحافی مرحوم سید شجاعت بخاری ءسنِدِ ناوِ

بُلبُلنِ بُری بُری چھِ أشی ٹأر کیاِزِ اَز
ٲلۍ گمتۍ کستوٗر ژھواپأری کیاِزِ اَز
سنبلن، یمبرزلن غم کیاِزِ اَز
مَسولَن زردی بُتھس پیٹھ کیاِزِ اَز

کوترن ہوٗ ہوٗ کرُن موٗٹھ کیاِزِ اَز
بنٛد یہِ گو دبدربن، جلن ہوٚٹ کیاِزِ اَز
اَز سمے ماتم کران ہے وَچھ ژٹان
دَم بخود یمہٕ وِگنہِ چھنہٕ اَز کینٛہہ گوان

پژتھ اَکھا گو دِل ملوٗل اَز اشکبار
ؤنۍ دِوان گس دلبرس یم بیقرار
بازرن اَز گتھ سَناپیٹھ ڈٕہی ژھبتے
درائے سأری لولہٕ ٲمی ءسنِدِ گس پتے

راجہِ زادس کس چھےٚ موج وِۂ وَد کران
وَٹھ گوٚمُت بیٚنہِ نۂ چھَنہٕ تمہٕ کینٛہہ زران

سربلند، قومُک سُہ دگدار سر فراز
علمُک تہٕ ادبُک اوس کیاہ تحریک نواز

کیُتھ نِڈر بیباک صحافی مورٔ کُمی
نیک دِل، شجاعت بخاری مورٔ کُمی

چھِس وَدان سأری ژٕ مو راو در دِلو
چھوک دِلَن لوٚگ موژٕ ژَل وُنہِ موژلو



# عبدالاحد فرہاد

یَتھ کٔشیرِ باگہِ کم دُردانہٕ آے
صوٗفین، سادن تہٕ سَنتن ہنز یہ جاے

پٲدٕ گٲمتؠ یِیتہِ سخنور تَے ادیب
علمہٕ ادبکؠ تہٕ گاٹہٕ جارٕکؠ خوش نصیب

عبدالاحد فرہاد تِمن منز زٲنؠ کار
رٔژھرٲویٚمؠ کٲشِر زبان سٕہ چھُ پوٚختہٕ کار

کتھ کران یِیلہِ پوٚختہٕ باسان نکتہٕ داں
وبژھہٕ ناوان واش کڈان اَتھ لولہٕ ساں

لَس کران چھُس بہٕ طوطہٕ کتھن مرحبا
بیوٚن تِمُس اسلوٗب پٔنُن رُت کیاہ ادا

تحریر یا تقریر چھُ تِمٔ سُند دِل نشین
لے فقیرن ہِتؠ تِمُس تِہنٛدُے یقین

نعت لیکھنس منز تمِس کیاہ دست گاہ
نعت لیکھۍ متۍ دِل پسند چھِن بے بہا

اَند کُن بہت کتہِ سنا خلوت نشین
رازٕ بلُک سُہ رازٕ کرٕہس آفرین

میأنۍ پأٹھۍ تس دردِ دِل، دردِ جگر
چھُس أندرۍ امہِ کُے اثر، امہِ کُے مؤثر

سُے سخنور، سخن فہم اکھ سخن شناس
دِل رُبا اکھ شخصیت، مردم شناس

چھاوِ تن سُے زِندگانی ہُند بہار
رأضی تس رُوزِن پنُن پروردِگار

شاکرن لیکھۍ شعر تے نذرانہٕ سوٗزی
شأعرن فرہاد صأبن پانہٕ بوٗزی





مصنف کے مرحوم والد گرامی، مرزا غلام محی الدین بیگ




مصنف جامع مسجد سری نگر کے ممبر کے نزدیک



مصنف بمقام درگاہ حضرت بل سری نگر



دائیں سے: مرزا بشیر احمد شاکر، محمد یوسف ٹینگ اور جان محمد آزاد
(جنوری ۲۰۲۳)



مصنف اپنی نواسی کا ہاتھ پکڑے ہوئے (لعل قلعہ دہلی)



مصنف فرزند علامہ اقبال، جسٹس جاوید اقبال کی معیت میں، لاہور میں
(۲۰۱۴)



مرزا بشیر احمد شاکر اور معروف قلمکار جناب خالق پرویز بمقام بارہمولہ



مصنف بمقام جامع مسجد سرینگر




مصنف اپنی لائبریری میں مطالعہ کرتے ہوئے




مصنف بمقام پونچھ جموں وکشمیر، کشمیر یونیورسٹی سِٹاف کے ہمراہ

# مصنف کی شائع شدہ کتابیں
# اور ان کا مختصر تعارف



بزبانِ اردو، سالِ اشاعت 2017ء
مطالعۂ کتب، اسلاف کا ذوقِ مطالعہ، کتب خانوں کی اہمیت وغیرہ سے متعلق ایک قابل مطالعہ کتاب ہے۔



بزبانِ کشمیری، سالِ اشاعت 2019ء
وادیٔ کشمیر میں رونما ہوئے ناساعد حالات، پنڈتانِ کشمیر کا وادی کو چھوڑ کر بیرونی مقامات پر سکونت پذیر ہونا، ساتھ ہی ساتھ مسلمانانِ کشمیر کا صبر آزما حالات سے دوچار ہونا۔ ان ساری باتوں کی منظوم صورت میں تصویر کشی کی گئی ہے۔



بزبانِ اردو، سالِ اشاعت 2019ء
تین پاکستانی سفرناموں پر مشتمل زیارت گاہوں، مساجد، مقابر، تاریخی مقامات کو دیکھنے کے علاوہ اقبالؒ کی مرقد پر حاضری اور انکے خانوادہ کے ساتھ شرفِ ملاقات کی باتیں درج کی گئی ہیں۔



بزبانِ کشمیری، سالِ اشاعت 2019ء
اس کتاب میں حمد الٰہی اور نعوت مناقب شعروشاعری کی زبان میں پیش کئے گئے ہیں۔



بزبانِ اردو، سالِ اشاعت 2022ء
اس کتاب میں کئی معروف اور نامور دانشوران اور شعراء حضرات کے ساتھ خطوط نویسی درج ہے۔ اسکے علاوہ وادیٔ کشمیر کے اندر مصنف کے کئی سفرناموں کے حالات بھی درج ہیں۔



بزبانِ اردو، سالِ اشاعت 2023ء
اس میں مصنف کے لکھے گئے مضامین کے علاوہ دیگر مصنفین کی کتابوں پر تبصرے درج ہیں، اور خود مصنف کی اپنی چند کتابوں پر دیگر اہل قلم کے تبصرے اور تاثرات بھی شامل ہیں۔




بزبانِ کشمیری و اردو، سالِ اشاعت 2023ء
اس کتاب میں نعوت ومناقب اور بزرگانِ دین کی تئیں عقیدت کا اظہار اور دیگر دلچسپ نظمیں شامل اشاعت ہیں۔



بزبانِ کشمیری، سالِ اشاعت 2023ء
یہ کشمیری زبان میں خط وکتابت اور جوابی خطوط پر مشتمل ایک خوبصورت کتابی گلدستہ ہے۔

₹450

ISBN 978-81-951074-4-5





SYNDICATE